# کتھ چھےٚ تتۍ

میانہٕ زندگی منٛز پیش آمٕتی کینٛہہ اہم واقعہٕ تہٕ

بیٚیہٕ باقٕے کینٛژن زیرکن تہٕ گاٹلین نِشہِ بوٗزمتین

واقاتن تہٕ حالاتن ہنٛز نثری سوٚمبرن

کتھ بدل آسِتھ مےٚ دوٗپ کتھِ اٲتی گرٛژھِ کتھ بدل

کیا خبر اٲسِم مےٚ ما پیٚیہٕ زوٗ پنٕن دیٚن تتھ بدل

(غلام احمد میر عابد)

ظریف احمد ظریف

| کتابہِ ہُند ناو | : | کتھ چھےٚ تٔتی |
| --- | --- | --- |
| نوعیت | : | نثری سوٚمبرن |
| مصنف | : | ظریف احمد ظریفؔ |
| سائز | : | 23x36/16 |
| صفہٕ | : | 224 |
| سالِ اشاعت | : | 2014ء |
| کمپیوٹر کتابت | : | TFCسنٹر، مدینہ چوک گاوٚ کدل سرینگر#2473818 |
| قیمتھ | : | |
| طباعت | : | الحیات پرنٹوگرافرس سرینگر9419525103 |



Ph: 0194-2429073,Cell: 8803980092

ای میل:

zareefahmadzareef@ gmail.com



نأشر

اُویس پبلی کیشنز

پادشاہی درواز، مخدوم صأب سُری نگر

# انتساب

پننہِ رفیقِ حیات

اٰمنہِ ناوٕ

یٔمۍ ہِنٛدِ رفاقتہٕ

'گوشن تہٕ پھوٚلِم پوٚش شہیٚل سونتہٕ ہوا ڈول'

میانہِ تھرِ ہُنٛد گُلِ بہار

**جاوید**

تہٕ تٔمۍ سنٛز

یاون تھرِ پھٔلمتین دوٚن گُلابن

اُویس تہٕ شہاب نہِ

ناوٕ

Title: *Kath Cha Taeti*

(Collecion of Essays

Author: Zareef Ahmad Zareef

Address: Badshahi Darwaza, Makhdoom Sahib Srinagar

Kashmir 190003

Price: Rs. 350/=

Year of Publication: 2014

Computer Composing: TFC Centre Srinagar# 2473818

Printed by: Alhayat Printrographers Srinagar 9419525103

Cell No: 0-8803980092 - 0-9797976048

Email: zareefahmadzareef@gmail.com

Owais Publications

Makhdoom Sahib Srinagar

# ترتیب

☐☐☐

# بے داغ آنہٕ تہٕ............

ظریف احمد ظریفؔ، صاحبِ نظر تہٕ صاحبِ اسلوب نثر نگار، چھِ شہرِ گامہ مقبول۔ تٔمی سٕندی نشتر ہوی بیان تہٕ لفظہٕ ترکیب چھِ عصری کأشرِ سماجہ کِیٚن نظر انداز گمٕتۍ تیٚن بسیار تہٕ تہدرتھہ پزرن وُرن تلِتھ تِتھٕ پأٹھۍ برونٛٹھ کُن انان زِ پرن وول چھُ پننیٚن ہأل گمتیٚن سوچن تہٕ بیٚین ہندیٚن کجرَو، مگر رسم بنیم تیٚن روِین تہ اعمالن غیر عامیانہ صورتس منز پیش کٔرِتھ انفرادی کیو اجتماعی کردارس نوِسرِ سام ہیٚنس تہٕ ترمیم کرنس پیٹھ آمادٕہ کران۔ زبان ورتاونک یۆہے طریقہ چھ تحریرس عصری کردار بخشان تہ مصنف چھ ترجمان بننک امتیاز حاصل کران۔

ظریف چھُ کلامس 'متنُک حظ' بخشِتھ قارِیس تہٕ پزربد کڈنس تہ پزرن مختلف آیہ وچھنہ یِکس مارٕمتِس منز گیر کٔرِتھ جدلی عملہ منز آوراوان، نہ زِ پری یہ کتھِ ہندِ متنٕکی پأٹھۍ اندی پکھۍ پزرَو نشہِ دور نِتھ تس یأ گی انبساط بخشان۔ أزی کِس کأشرس سماجس منز یِژ پاسل اجتماعی کردار چھُ ظریف نیٚن تحریرن منز سیاسی تھأنِگل، مذہبی اپرس، اپزِ وضعدأری، کاروبارس منز بے رحم نفع طلبی، تہ تاجرانہ سماجس منز قدرن تہ معیارن ہندِ کھوکھر یار چہ شکلہ منز برونٛٹھ کُن یوان۔

حقیقی ادیب ئسنز عصر شناس ترجمانی ہُند امتحان چھُنہ ہرگز تہ یہ زِ
سُہ کتھ حدس تام ہیوٚک سما جس منز تبدیلی انٕنس منز عملاً کامیاب سپدِتھ،
بلکہ چھُ تسُند ترجمان آسنٕے تسنز کامرانی۔ تہِ یوٚدوبنہِ ہے زِ ادیب تہ باشعور
لُکھ ہیکہ ہن کجروانسانی وتیرن بدلأوتھ، تیلہِ آسہے انسان کرتام بشری سطحہ
پیٹھ ارتقاع پرأوِتھ بے داغ فرشتہ بنیومت۔ تمام اصلاحی تحریروباوجود چھ
انسان پانٕے بشریتُک ناقدتہ منصف أستھ پننہ جایہ کجروبشر۔ بشریت کہ
امہ پیٹھی تہ بےٚ بنٕ خمیرک شعور چھ تخلیقکارن ہندِ باپت لأفانی تخلیقن ہُند
ووپذأوی قوّت۔ تہنز کأم چھےٚ احتجاج کرُن تہ پنُن احتجاج بلند آوازِ منز
برونٹھ کُن انُن۔ 'کتھ چھےٚ تتی' کتابہ ہُند ناو چھ ادبس تہ پزرس درمیان
رشتس متعلق موزون ترین نظریہ۔ امہ کتابہ ہندی تحریر چھِ از کالہٕ کٔین پرن
والین ہندِ باپت بے داغ أنہٕ تہ ینہ کالہ کین پرن والین ہندِ باپت مستند
تاریخی دستاویز ــــــ 'کتھ چھےٚ تتی' چھےٚ بلاشک تمن کأشرین قلمکارن
ہندِ باپت تہ رہنما کتاب یمن یہ بزم چھُ زِ لیکھُن چھُ محض بیرونہٕ نشہِ فرار
اختیار کرِتھ درونہ کین تہہ خانن منز ژورِ روزُن۔

چہ دنیا؟ رہِ لفظ سر کردنش
چہ عقبیٰ؟ بمعنی نظر کردنش

(بیدل)

شفیع شوق

# پنٕنۍ کتھ

یہِ میأنۍ دۆیم نثری سۆمبرن 'کتھ چھےٚ تتۍ' چھ تِمن سنجیدٕ تہٕ لوٗتہٕ وے
لوٗتہٕ وے مالمن تہٕ واقاتن ہنٛز کم کاسہٕ وۄکھنے، یِم واقٕہ مےٚ پنٕنہٕ نٕبن
ہمکال سخنورتہٕ سخنداں ماجہِ کٔشیرِ ہنٛد بن سماجیاتک شعوٗر تھاون والین
ژُکھی درکأشرٕ بن بروٗنٛہہ کُن اَننہٕ باپتھ رٔژھرتھ تھأوۍ ٕمتۍ أسی ۔ یِمن
واقاتن میأنہِ زاننہٕ سانہِ کأشرِ توأریخی، تہذیبی، ثقافتی، سیأسی، سمأجی،
روٗحأنی تہٕ رِوایتی اہمیتُک مول چھُ ۔ توٕ کنٕی زون مےٚ یِم واقٕہ گرٕ ژھی
میأنہِ یِنہٕ واجنہِ پوٚیہ تہِ زاننہٕ باپتھ قلمی رنگہٕ رٔژھرِتھ روزٕنی ۔ تکیأ زِ
سانین أزی کین شُربن زُوربن روٗدنہٕ پننہِ باگہِ بٔرژِ کأشرِ میچھِ تہٕ
مٔدرِ زبأنی ہنٛدِ اہمیتُک کانٛہہ احساسے، تہٕ نہٕ روٗدُکھ پنُن مولُل کأشُر
ڈُکھجل پتھ کال زاننُک کانٛہہ خیالے ۔ یُس تِمن یِنہٕ وألس وقتس
اندر پننہٕ قومی شناخت راورِتھ لبنہٕ سبٛٹھاہ دُشوارتہٕ مشکلاتن ہُنٛد شکار کرِ ۔
کاش سأنۍ أزکی کأشری تہٕ کأشرٕتکی دعوادار مذہبی، سمأجی تہٕ سیأسی زِٹھی
زأنی راوہن أزی پنٕہ نبن پگہٕہ کین رأوی متین وأرِث درن یہِ کتھ زِ

یم نہٕ از کُنہٕ تہٕ رنگہٕ کأشرِ آسنکی دعوادار بنتھ ہیکن، تکیاز کانہہ تہٕ غیرت مند تہٕ حِس ہوش تھون وول قوم چھُ پننی زبان، تمدن، ثقافت تاریخ، تہذیب تہٕ پننی وراثت رٕژھراوِتھ تتھ پٹھ بڈ نازتہٕ فخر کران، یمہٕ نشہٕ أز ییٚک میون کأشر تہٕ تہنز تھکنٕژ لایق کأشر یتھ شرمندٕ تہٕ لاچار گمژ چھےٚ۔ یتھ کُن أزی سانین کأشرِن ہُنر مند، تردماغ تہٕ سماجیاتکین ماہرن سنبٹھاہ سنجیدگی سان سرُن تہٕ سوچُن پزِ، یمہٕ باپتھ یم ساری زِٹھی پننٕژ قومی شناخت راوان وُچھتھ سخ بےٚ سوکھ تہٕ بےٚ قرار آسنی گرژھی۔

مگر تہٕ چھُنہٕ باسان کینٛہہ، وۄں گوٚ وُنہٕ چھِ سأنی أزکی کینٛہہ حِسہٕ وألی تہٕ غیرت مند کأشرِ مؤتبر تہٕ مخلص قلم کار، أدیب، شاعر، صحأفی تہٕ دانشور پننہٕ قلمہٕ تہٕ زبوٕ ستی أزی تمن پگہہ کنین ندر متین وُزناونچ بے لوٗث عمل جأری تھأوِتھ۔ تمنٕے زأنی کارن تہٕ حِسہ والین کأشرِن قوم پرست زِٹھین پتہٕ پتہٕ چھُس بہٕ تہٕ از پننہٕ طرفہٕ پننہٕ عأجز قلمہٕ تہٕ زبوٕ ستی کُنہٕ کُنہٕ علمی، ادبی، سمأجی، ثقافتی تہٕ ملی مجلسن اندر سوٗ باوتھ کران روزان یوسہٕ أسی تہٕ پننوِ علمی، ادبی تہٕ سماجیاتکیوٚ زِٹھوزأنی رأوِمتی چھِ، یتھس نوٗزک وقتس اندر پننہٕ کأشرِ قومُک تشخص راوان وُچھتھ تہٕ مصلحت پسندی کأم ہینٕز کأژاہ بدقسمتی آسہٕ۔

ظریف احمد ظریفؔ

# میچھر تہٕ کرٛچھر

عالمِ انسأنیتُک اِنسان کأمل، رفیق تہٕ شفیق پیغمبرِ اسلام نبی رحمت صلی اللہ علیہ وسلم، تہُنٛد عادتِ مُبارک اوس یہِ کینٛژھا تہٕنٛدس خدمت اقدسس اندر ڈالہِ رٕنگی واتان اوس تمہِ أندرٕ آسی تِم کینٛژاہ گوڈٕ بہ نفس نفیس تناوُل فرماوان، باقےٚ پتہٕ مجلسہِ اندر موجوٗد صحابنؓ بأگراوان۔ دوہا بنیو مدینہ شریف کہِ دوٗرِ دیہاتہٕ پیٹھ آو اکھ زمیندار اپنہِ باغُک گوڈنیُک خربُز ڈالی ہیتھ دربارِ رِسالتس اندر تہٕ تھووُن ٹاٹھس نبی ﷺ صأبس بروٚنٛہہ کنہِ۔ حضوٗر روٗیِلہِ خربُز ژٕوٹ حسبِ عادتِ مقدس کوٚرُکھ گوڈنیُک خاش تناوُل۔ امہِ پتہٕ ہنا ٹھہراو کٔرِتھ کوٚرُکھ بیا کھ خاش تہِ تناوُل، امہِ پتہٕ کوٚرُکھاَ کھاَ کھ خاش کٔرتھ سورُے خربُز پانٕسے تناوُل۔ پننہِ ڈالہِ ہٕنٛدِ قبوٗلیتُک یہِ عالم وُچھِتھ کھوٚت ڈالی انن وألِس زمیندار عاشقس زن تہِ پھیکو پیٹھی ماز، شادوآباد گژھتھ ہیوٚتُن حضورِ اکرمن ﷺ رخصتھ تہٕ شأدی تہٕ شُکرانہٕ کران دژاوپنُن گام گُن۔

رسوٗل رحمتن ﷺ ہُند یہٕ نوٚ وسنتِ نازنین وُچھِتھ سپدی اتھ مجلسہٕ اندر موجوٗد ساری صحابہؓ تہٕ باقے عاجزتہٕ حاران زِ تم کیاز سپدی از رسوٗلِ خدایہٕ سِنٛدِ دربارکہِ توٚبرکہٕ نِشہِ محروٗم؟ کانٛہہ سہَو خطاما اوس سپُد مُت؟ أتھی عاجزی تہٕ پریشانی ہِنٛدِس اِضطرابس انٛدر کوٚر أکی صحاب صابن عرضؓ، یا رسوٗل اللہ ﷺ، فِداھِض سپدٕو زُوتہٕ جان ہٮ۪تھ تھُنٛدِس اتھ سنتِ نازنینس ۔ أسی کموھِض خطھو کٔنز سپدی از تھُنٛدِ رحمت کہِ دربارٕ تمہِ عادتی توٚبرکہٕ نِشہِ محروم یُس اسہِ سیری تہٕ سعادت بخشان چھُ؟''

یہٕ بوٗزِتھ پھوٗل ٹاٹھس نبی ﷺ صابُن روے نازنین گلابکی پأٹھی تہٕ توقُف کٔرتھ فرمووکھ ''یتھے اَسہِ خربُزٕ ژٹتھ گوڈنیُک خاش تناوُل کوٚر، سُہ اوس سبٹھاہ ٹیوٗٹھ تہٕ تلخ، تمی سببہٕ دِیُت نہٕ مجلسہِ انٛدر یہٕ بأگراوُنک ارشاد۔ تُہٕ کٔری ہیوٗ خربُزٕ ڈالی انٛن وألی ہسے برونٛٹھ کنہٕ امہِ کہِ ٹیچھرُک اظہار۔ ییمہِ سِتی تمی سُنٛد لولہٕ ہوٚت تہٕ سادٕ دِل اوزردٕ تہٕ عاجز گرِتھ ہِم ۔ توٚ کٔز کوٚر اَسی ڈالی انٛن وألی سِنٛزِ دِل بجأیی باپتھ خربُزک سوٗرے ٹیچھر تہٕ تلخی پننہِ نِسے بدنِ مبارکس اندر جذب۔''

سبحان اللہ! کیُا عظمتہٕ وول حساس رفیق تہٕ شفیق پیغمبرؐ یمو عالمہٕ کِس پرٛتھ رنگہٕ کِس ٹیچھرس میچھر تہٕ مأری فت عطا کوٚر۔

یو ہے درسِ اخلاق تہٕ پأغام اوس وقتہٕ کِس دعوادار مسلمان سِنٛدِ باپتھ تہٕ ۔ کاش أسی تہِ آسہٕ پننِ کھورِ زندگی اندر کنہِ تہٕ رنگہٕ امہٕ سُنتہٕ

مبارکچ پیروی کران ۔ کاشہ تہٕ ٹیچھر یا کرٛتیچھر مٔدراوٕنچ عملی کوٗششا کران ۔ تتھ بدل چھِ أسی تہٕ سأنی دعویٰ دار مذہبی ، سیأسی ، سمأجی تہٕ رہوأیتی زِٹھی ذأتی مفاد حأصل کرنچہٕ دَوِ دَوِ انٛدرٕ أکس بیٚیس أتھی منبرِ رسول ﷺ سِتھ کھسِتھ غرضک بےہوٗدٕ کلامہٕ کٔرتھ موٗ دُرٛ ٹٹھر اوان ۔ یتھین سون نُنٛدرٕ ریٚش چھُ ونان:

علما پوٚروو ووپھ کے ہَوسَے

ژھلس چھِو زاگان أکس اکھ

بیٚیہ چھِو دپان أسی گۓ خاصَے

تتہِ نو موکلوٕ ساسہٕ منٛز اکھ



۲۳؍اپریل ۲۰۰۶ء

# کأشِر زبونہِ بچأر

از کالہِ چھُ پزٕی پأٹھی آدم بچٕو رپٕو زونہٕ رَندی نیران۔ کرِ ہے ژھوپہٕ تہٕ چھُس دَم گرٕشھتھ بوس ہنان۔ پزٕ کتھ کرنہٕ چھُس پَرَتہٕ پنٕنۍ ''بُد'' یاد گژھتھ ہور کاو بناوان۔ وُچھان چھِ وَتک ظُلم، جبر، بے انصأفی، تتھ خلاف کتھ کرنہٕ باپتھ چھُ غأرت وِگرأے کران۔ وَٹو أچھ تہٕ چھُ ضمیر زولانہٕ ترٛاوان۔ اوَے دٔوپُم جناب نَہ چھُ کتھ کرنس وار تہٕ نَہ ژھوپے...... وونۍ وٕنۍ تُہۍ زِ کتھ گُن گژھو؟ ونو ہے تہٕ کیاہ کیاہ، کھٹو ہے تہٕ کوتاہ؟ وُچھتون وُ پنٕن کأشُر لِکھأرۍ ...... نالان زِ ہے خلقو تہٕ سَلکو ...... کأشُر ہسا چھُ راوان۔ طوطہٕ زبو چھُس کلان ییمہِ کِنۍ پنٕنۍ مُلہٕ شناخت تہِ چھُس وونۍ پزٕھی لازی ہیتھ۔ دپان کأشُر بگانہٕ حأکم تہِ چھُ پردٕنے اُورزمان۔ بنہِ کیاہ ییہِ وانگ وَطن دارس چھُ حُکم کران، سُہ تہِ چھُ تتھ پیٹھ أچھ زٕوٹتھ عمل کران۔ بٔ زی توتم چھِ پنٕن پگاہ پھر کأوتھ ازعأشاہ ژٹان۔ لِکھأرۍ بچٕور...... کأشِر زبو بولہِ کھأرِتھ سرکأری تہٕ نیم دربأری بیٹھکن اندر پانس پھوکھ کھأرِتھ، بَس قلمہٕ تہٕ فوٹوٹلنا وان۔ تمی تسلی سٕتی سادٕ منشن ژٕم تہٕ تہٕ دِوان زِ سُہ چھُ

پٕژی پأٹھی قومہٕ کہِ تشخص باپتھ دوہس راتس ووتل بجہٕ کران ۔حق چھُ یی زِ زبأنی ہِنٛد ووزمی ژُکی درن چھُ کأشرِس قلمس گر بنأوِتھ تتھ پٔنن بےٚ تسلی میأدِ سوارِ کھولمُت ۔ بیٚیہٕ چھِن پننہِ بانٛٹہٕ أچھ زٕ وُٹتھ چونٛٹھ غرضہٕ کِس دالہٕ ٹھیلس اندر رہُنہِ رووُمُت۔

یہوے بنا سپتی بولہِ لِکھأری چھُ پننِس ٹبرس ستی پأرِیم ، وَتہِ وُردُوتہٕ ہُتہِ راشٹر بھاشا بولان۔ پننِن کأشرِن شُرِن زُرِن کری مزی ناوتھأوِتھ تِمن دیہنہٕ درمہٕ بیٚون دپونیچری تربیت کران ...... دی توس گام ...... چھُوٕ وُنہِ موکُل کانٛہہ ؟ أمِس چھُ صرف پانس تہٕ پننِن ستی واٹھ تہٕ واتنیار۔ ہوٚمن یمن زِہوٕ زمادِ گرتھ کأف کھأنی ۔ مطبل ''شیر بگرٕ وُچھنَے چھےٚ ژادر گرٕ انیٚ''۔ کُنہِ تہِ وانٛج پھل موٚٹھ گژھ پننہِ لیجہ رَننہٕ تِنیٚ ۔یہٕ سورُے شرٛ وپرأوِتھ چھِ نارٕ تہٕ نالہٕ دِنی : '' خبر دار ...... ہُشیار''! کأشر زِہو چھےٚ کلان ، گُلر اونہٕ یوان۔

کأشرِس کأشُر پرُن کرُن منٛد چھِ وُچھِم گژھان چھُس
دوہے توگُس پانس پھرُن ژُٹھ دِژن بیٚیس نِس



# ہاپانٕہ بےٚ کُس گوس؟

جنابو! میانہِ زانہٕ چھُ کُل عالمس اندر کأشُر ےسُہ خداصأبُن بندے بأزی گار ییمیٚ سُنٛد پرٛتھ کانٛہہ انگ تہٕ رنگ دُ پاسل چھُ تھُر نہٕ آمُت۔ ژٕ کھِ گرٛھی زیوم نہٕ، أسی کروپٔنٛس اتھ ڈٕپس علمی طورٹو کہٕ ڈٕلیل دِٕنچ کوٗشش۔ ییمہِ بُتھِ یہِ بروٛنٛٹھ کُن چھُ یوان تہِ چھُنہٕ ہرگز تہِ اندٕرٕ آسان ...... یہِ بیٚین گرُن وَنہِ تہِ چھُنہٕ پانٕہ کران ...... یہِ بیٛا کھ کرِ تہِ چھُس نہٕ وَیان ...... ونوس پوٚز تہٕ چھُس نہٕ بیٚہان ...... کروژھوپے تہٕ چھُ ترٛ وشان، ونوس لبہِ پگھ تہٕ چھُ مُنزی نیران ...... ووٗنُس وقتہٕ کیٛو سیأسی مُفتیو زِ ووٹ صندوٗقس اندر تراونس چھےٚ گراہتھ، کوٚرُن ضرٗور ...... دوٗپُس کُمی تام کنَس تل اتھ چھُ تَران تہِ کینٛہہ دوٗ پنٛس تیٚلہِ چھُ حلالے ...... یس ستیٚ ووٹ کا بایکاٹ نعرٕ دِتُن تٔسی پتہٕ کنہِ بوٚرُن ژھلِتھ ووٹہٕ صندوق تہِ ...... یَس بروٛنٛٹھ کنہِ یقرأری آسہِ تٔسی پتہٕ کنہِ چھُ اِنکأری تہِ بنان ...... دَپان، دوٚپہس تاپس مَنہ بیٚہہ، دوٚپنکھ دیوٗم کیٛاہ ...... دوٚپُس وَتھ چھےٚ ڈٕچھنٕز، دژاوکھوٕرٕی ...... دژاولبنہِ تہٕ آورأوِتھ۔ أچھ وٕٹِتھ چھُ نابدٕ بٔرٛ أنٛش پھٹکِرٕ لِراں ...... بنہِ لیڈر تہٕ ونہِ

افسانہٕ ...... بنہِ رأچھ درتہٕ لۆٹہٕ تِی یتھ نظرِ تھوٚنس ........... بنہِ افسرتہٕ راوبس پأری زان ...... بنہِ مُبلغ تہٕ کھسہِ یَڈ ہیتھ دینس سوارِ ...... بنہِ شأعرتہٕ وَنہِ بُم سِنہِ أجداہ ...... بنہِ کلاکارتہٕ گیوٚغرضچ راگ ...... بنہِ ڈاکٹرتہٕ آسہِ پانہٕ دیاہٕ مریض ...... بنہِ طاقتورتہٕ مارِ کمزورس ........... بنہِ حأکم تہٕ نَمہِ تُلہٕ گُلبن ...... بنہِ بأگران وول رٹہِ پانسے ترأم ...... کڈِ جلوسہٕ تہٕ راہِ رٕ وستے ...... کرِ ہرتالہٕ تہٕ پرتالہٕ روٚستے ...... تُلہِ دَوتہٕ ژلبس کھور بانہٕ نیرتھ ...... گرٕ ھِ بہتھ زن تہٕ پڑایہ کوکرا ...... وَٹہِ أچھ تہٕ پھٹہِ نمبلہِ ...... گرٕ ھِ نیرتھ تہٕ راسہِ روٚستے گُر ........... گرٕ ھِ غوطن ووتھِ نہٕ پڑِ کأنی تہِ ........... پڑٕ اَنزانس کھیٛاوِموٚل تہٕ موٚ ژُرے ...... رۆد کھٕٹتھ وُچھ سارِو ے ...... رۆ دنوٚن تہٕ آونہٕ درپنٹھی ...... بدلبس مزاز تہٕ کھیٚیہ کرٕ الہٕ مُنڈی ...... لگبس بوچھِ تہٕ کھیٚیہ زیوٚ تام برٕ کتھ ........... مطلبہ ووٚنُن خرس بب تہٕ بنتھ رس مام ...... دِرکا کنہِ زام ، روپس ترٕ ام ، مندنبن کوٚرُن شام ........... سمجھ کتہٕ آم ۔ پرٕ تھ جایہِ تھٔوِن پام ...... دِتس گام ......، پوٚختس کوٚرُن خام ...... ہیٚتس سام گاٹُل چھس کرٕ ام ۔ هل جزاء الحسان الاحسان .



۱۷ رمئی ۲۰۰۶ ء

# باخبر شرمندگأمتی

ماہرِ نفسیاتن ہُنٛد دۄپ چھُ زِ خام سونچُک آدم چھُنہٕ زندگی اندرٕ زٕ چیز قبوٗل کرنہٕ خاطرٕ ہرگز تہٕ تیار گژھان: لمبراکھ چھُنہٕ بُڈُن زانان تہٕ لمبرٕ زٕ چھُنہٕ زانُن مٹہٕ ہوان۔ییلہٕ زن ییم دونوے رنگ آدمس ژھٕ رِتھوی تھوی تہٕ پھٕٹِتھ چھِ نیران۔ یُس نفر بجرُک چھٕرٕ رژھٕ رِتھونہٕ باپتھ پانس رنگ دِتھ ووزُم جوأنی چھُ سجاوان، تس چھُ مَس رٔنگتھ ریشُک چھٕرٕ بجرٕچ پارے دِوان۔تتھ تہٕ اِدسیأہی گرِتھ چھُس بمہٕ ڈبہٕ ہارِ گژھان۔تمن تہٕ تمن گرِتھ چھِس اِدٕ بےشونکھی پأٹھی سفید نستہٕ وال نکہٕ واربوکنی ژٕرٕ نظرٕ دِنہٕ نیران، یمن کُن نہٕ بُڈٕ موہنیوس نظر موٹنہٕ کنہٕ پنٕنی نظرٕ ے چھےٚ پلان۔رچھِ ریش تہٕ چھُس بُتھ خربُزی ڈول رٹان، گرٕ شیوتہٕ چھُس گلبن پھۄکھ کھائی کھائی بُتھِس تچھن پیوان۔ییمہٕ کنہٕ ژھپہٕ لگی لگی زن تہٕ بُتھِس ہیپر مأشی گرِتھ چھُس آسان۔دۄرِ چھُس زنہٕ دبدتہٕ نکھٕ بب لٔرٹ کہٕ ہیوٚ باسان۔پانسے لوکٹ آسنک بزٕ بم دِوان چھُ جوأنی ہنٛدنے بانن اندر کھوان چھوان، پۄ زشٕرٕ وپان چھُس پتھ بجرس اندر میادس لیاقتھ چھُ نیران۔یہ تہٕ چھُ فطری تقاضے زِ بُڈِس اتہٕ شُرس گنٛدِ کھٕس جس کم تہٕ آرام زۄر واتُن، ییمہٕ

کٕنہٕ شُرِس پوچھر تہٕ بُڈٕس زُوس ٹھہراوروزِ۔ بجرس اندر چھُ میادِ ہتکی بنان، یُس جوانی اندر اٹھ داہ گراہ آسِتھ بجرس اندر سدرِ بغلہٕ ہیوٗ چھُ ژمان۔ اِد چھُ یو ہے بُولہوس بُڈٕ ڈاکٹرن تہٕ حکیمن گرٛشھی گرٛشھی تمن ونان زِ زنگن نہٕ ہکتھ بٔنیہٕ نہٕ حض چھُھم کھٔن چٔن پؠٹھ پأٹھی شرٛ وپأنی۔ تمیٚک وجہ تہٕ چھُ لی آسان زِ یہِ چھُ بجرس اندر تہِ جوانی ہنٛدی میٚنڈی تہٕ ہکتھ ژھانڈان۔ یم دونوے امانتی تہٕ مولٕلی معاملہٕ چھِ مُرٕ نہٕندر تہٕ توٚت یاوُن، یم چھ پننہِ پننہِ وقتیٚکی وَتہٕ گژھ۔ گاٹلی تہٕ زأنی کار آدم زاد چھِ یم چیز زأنتھ پان لاسہٕ ناوان۔ بجرُک بہار چھاوِتھ، بو چھِ تہٕ نہٕند رِہنٛد لؤ سمُت جاناوار صبرِ کِس ٹھپس اندر ر چھان۔ ژوٚر بہٕتھ چھُنہٕ ہُنان، کم آسِتھ چھُنہٕ چھوٚنان، یتھ گاٹلو میانہٕ رٕ وی ناو دِتھ نُسخٕ نجاتھ چھُ دوٚیمُت۔ وونی یم نفر کُنہِ مالس اندر رانٛز انےٚ چھِ آسان تمے چھِ اِد زأنی کارن ہنٛد ہن کھشر ہن اندر زنگ ترأوِتھ پان کھرِ کھاوکران، یمیٚک نہٕ تمن تہٕ أمی سے بوالہوس بُڈٕ ہنٛدی پأٹھی احساسے چھُ آسان زِ تہنٛدِ سوچُک تہٕ زانُک میٚزٕ بانہٕ چھُ کھئنڈی پھُٹی گومُت۔ توٚ کٕنہٕ ہکن نہٕ اتھ اندر زأنی کارن ہُنٛزِ زأنی کتھ تہٕ گاٹہٕ جارُک گُلقند بٔنتھ۔ توے دوٚپ گاٹلو

زنٛد رۄدی خوش پأٹھی صاحبِ ہوش

ہوشدارِ سوخنن تھاوکھ گوش

☆☆☆ ۲ر جُلے

# صبرُک واعظ

کتھ چھےٚ گُنوہ شتھ پانژہاٹھ کہِ ہندوستان پاکستانٕی جنگچ۔ تمہِ وِزِ تہِ اُسی بیٚیہِ بھارتی حکومتکی ژٔرژٔن والہِ محکمکی (CID) بُتھِ روس اہلِ کار، کأشرٕ ہن شُر بو پیٹھِ بزرگن تام شکھ گُرتھ تھپھ دِتھ نوان، تہٕ کیٚنژن تھانن اندر، کیٚنژن تفتیشی سنٹرن منز تہٕ کیٚنژن خوجہ یارِ بل (سنٹرل جیل) واتہٕ ناوِتھ بند تھاوان۔ اُتھی تھپہٕ ہندِس ژٕٹس اندر دِژکھ مےٚ تہِ اکہِ دوہہ الہٕ غابہٕ تھپھاہ تہٕ واتہٕ نووہس بہٕ تہِ دہَن وُہن لڑکن ہِتی خوجہِ یاربل سنٹرل جیل خانس اندر۔ تتہِ اُسی تِمن دوہن باقین لیڈرن ہِتی مولوی محمد سعید مسعودی صأب مرحوم تہِ بند تھاونہٕ آمتی۔ تِمن ہِتی اوس جیلس اندر تمہِ وِزِ مقبول نارٕ بٹھ ناوُک اکھ جوشیلہٕ تہٕ طاقتور جوانا تہِ بند تھاونہٕ آمُت۔ اُمِس جوانس اوس مولانا صأب جیلس اندر دوہے صبحس زندگی ہندِ ہن مختلف انگن تہٕ رنگن پیٹھ اکھا کھ لیکچر دِوان۔ پتہٕ سُے لیکچر اُکس کاپی پیٹھ لیکھٕ ناوان، تمہِ پتہٕ د وِیمہِ دوہہ کالگ سُہ لیکچر گوڈٕ بوزان تہٕ اد نو لیکچر دِوان۔ یہِ جوان سیأسی

کارکن مقبول اوس مسعودی صائبس خدمتھاہ تہٕ کران۔ دوہا بنیو مقبول صائبس اَنہٕ گرِ کی اَکی نفرن مژھِ مازس بناوِمژٕ پُر مصالہٕ پانژھ شےٚ کوفتہٕ مونجہِ کترِ بانس اَکِس اندر۔ جیل قونُونو کنہٕ اَسی اتھ بانس تہٕ جیلہٕ والین گوڈٕ نظر گذر دِنی لاَزِم آسان۔ یێلہِ یہِ بانہٕ جیل وارڈرن وُچھ تس گوٚ وامہٕ کہِ خوشبو یہٕ ستی وِزٕ وِزٕ۔ اکھ مونجہِ ہنا تُجِن تہٕ بُرن یاشا کُرتھ اَسَس۔ یتھے مقبول نارٕ بلی پُلسہٕ والی سُند یہِ رنگ وُچھ سہ آو دوران دوران تہٕ روٚٹُن اَمِس پُلسہِ وارڈرس ہری وُ ولے پننہِ زور اوارتھ پہ اندر۔ نہٕ چھُس دِوان یہِ اَسہٕ اندر رکڈنہٕ تہٕ نہٕ چھُس دِوان میا دس کُن والنہٕ۔ یہِ حال وُچھِتھ سمے یہِ اتھن واریاہ قیدی تہٕ باقی جیلکی اہلکار تہِ، یمن اندر یہٕ اکھاہ تہِ اوسُس، یہِ عجیب و غریب کھیل وُچھان۔ یێلہِ اتھن سخ کر بکہٕ نا دوٚوتھ۔ یہِ بوز پننہِ بارکہِ اندر مسعودی صائبن تہِ۔ تس یێلہِ معاملہٕ کنن گوٚ وسہ ژاو اپس بارکہِ اندر تہٕ کجن اتہِ گوڈٕ پننین لیکچرن ہنز تمہٕ سارے کاپی تہٕ گینڈ کُرتھ تراوِن اَکِس بڈس کترِ وِس پھٹے مٔتس پوشہِ گملس اندر۔ پتہٕ کوٚڈُن بارکہِ اَندرٕ لالٹین، تمہٕ اَندرٕ پھیرُن میژٕ تیل کاپین پیٹھ تہٕ دیتنکھ ژٕ کھ۔ یتس کالس کاپی دَزٕ تتس کالس سپُد جیل حکامن ہنزِ طرفہٕ فأصلہ زِ مقبول نارٕ بلی تراوِ وارڈرس ہوٚٹ یلہٕ تہٕ تس یِن کوفتہٕ مونڈ کھنہٕ، کس جُرمس اندر پانژھ روپیہٕ ہرجانہٕ ہنہٕ، یمہٕ اِد مقبوٗل صائبس دِنہٕ یِن۔ (۱۹۶۵ء یس اندر اوس مازٕ کلو ڈاین روپین کننہٕ یوان)۔ یمہٕ رٕ ٹھتھ ترو و مقبول صائبن وارڈرس ہوٚٹ یلہٕ

تہٕ ژاو مسعودی صائبس فخرن یہِ واقعہٕ بوز ناونہِ ۔ یہِ بوٗزِتھ دوٚپُس مولانا صائبن ''میں نے بھی اپنی حماقت کا فیصلہ اپنی سادگی کو سنایا'' یہِ بوٗزتھ پرٛژھنس مقبول صائبن تہٕ کیاہ ضِ گوٚو، مولانا صائبن دوپُس ''اپنے سارے لیکچروں کو جلا کر اپنی لاج رکھ لی، میں نے جو لیکچر آپ کو کل ہی دیا تھا وہ بھی تو صبر اور برداشت پر ہی تھا نا؟ جو آپ نے مجھے اس واقعہ سے پہلے ہی بارک میں سنایا بھی تھا۔ اپنے اُن لیکچروں کا اثر اور عمل آپ پر دیکھ کر اپنی سادگی کے سامنے شرمندہ ہونا پڑا۔ اسی لیے آج ہی اپنی ذہنی خارش کو کل تک کھُرچنے سے نجات دلانے کی غرض سے اپنے سارے لیکچرس کو آگ کے سپرد کیا۔''



۱۶ / جُلے ۱۹۶۵ء

# پرہیزگار مولوی صاب......تہٕ

# حلال خور خلقت

ڈوگرٕ مہراج پرتاپ سنگھنس دورِ حکومتس (۱۹۲۵ـ۱۸۸۵ء) تام چھِ کٲشیرِ واریاہ غاٸلہٕ آمتۍ ـ سہلاب، بُنیلہِ، ہوکھے، نار، مارتہٕ بیٚیہ چھُ وباءتہِ وۄتھمُت ـ یہِ بوزتھے ژوٚل مہراجابہٕ دُور زُولرٕ جوٚم ـ تتہِ کوٚرُن مہنتن تہٕ گورن حُکم زِ فوراً کرِ وہوَن کرنک بندوبس، یتھ کٲشیرِ وبہک موکل تھپھ تُلہِ ـ درجواب دوٚپُس رگھوناتھ مندرٕکی زِٹھی گورن، مہراج وباء ووٚتھ کٲشیرِ بیٚتہِ (جوٚمہِ) ہوَن کرنہٕ ستۍ گژھِ نہٕ سانہِ حسابہٕ تتھ کانٛہہ تہِ ٹھوٚر ـ وونۍ ونہِ ہوکھ مہراج تیٚلہِ کرِ وکٲشیرٕی، مگر یہِ اوس پانہٕ وبہکۍ بیمہٕ رہتہٕ کالہِ جوٚم ژٲلتھ گومُت ـ تۄ کنۍ ہیوٚکُن نہٕ تمن سُہ حُکم دِتھ ـ مہراجٕ سنٛز عاجزی تہٕ فکرمندی وُچھِتھ دوٚپُس اکۍ زِٹھی گورن مہراجابہودوٚرکی جے دٕپتھی" سرکار، زیادٕ پریشان مہٕ سپدیو ـ وہ پاے کروس، فکرترٲوِو، اَسۍ بناووامہِ باپتھ اکھ سچہ منترسُے چھاپ کٕرتھ کرناوِو سُہ سرکٲری سطحس پیٹھ کٲشیرٕ اندر تقسیم تہٕ حکمِ

سرکارزٲنتھ گرٛھ ہِیہِ منتر پڑتھاٗ ۔کس گرس اندر آویزان روزٕنی ،تیٚلہِ دِنی نہٕ

اِدِ دِوتاو بہہِ کمبن موکل دَرن تمن گرن تہٕ جاین اندر اژنس اتھ وتھے ،یمن

جاین اندر رُسہ منتر موجوٗد آسہِ ۔ اَمہِ مہراٗجی حُکمہٕ مطاٗبِق یِیلہِ سرکاٗری اہلِ

کارکشیرِ ییہِ منتر باٗگراونہِ باپتھ دژاے ،سُہ رٹنس کوٚرکھ من جملہٕ کاٗشرِیو

مسلمانو کلیتاً انکار ۔ییہِ وُچھتھ اِدِ تمو ظلم گارغاٗر مسلم سنگھی افسرو تہٕ اہل کارو ییہِ

منتر گرن نبری برن پیٹھ زبردستی مٔرتھ تھاونٲو ۔ییٚہِ اٗسِکھ تمہِ منتر کا کدٕک

مول ژورژورآنہٕ تہِ زبردستی گٔرتھ ہوٗان ۔اتھ ظلم وجبر چہ کاروٲیی خلاف

تہٕ وٗتھ ییٚتہِ سخ شوروشر ۔دپان تمہِ وقتچہِ مفلسی تہٕ لاچاٗری کِنی اٗسی نہٕ اکثر

لوٗکن یِیم ژورآنہٕ تہِ موجوٗد آسان ۔تمن مسکین گرن اٗژِتھ اٗسی اِدِ یِیم جاٗبر

تہنٛدی بانہٕ بٹھ سرِ بازر نیلام گٔرتھ یہِ ژونبن وصول کران ،ییٚمہِ کِنی مہراجس

خلاف لوٗکن ہنٛز ناراضگی عروجس پیٹھ وٲژ ۔ییہِ بوٗزِتھ سوٗزبُڈ مہراجن تمہِ

وقتہٕ کِس میرواعظ مولوی احمد اللہ صاٗبس (عمہ صاٗب) شیٚچھ زِ تم وٕنی تیٚلہِ

لوٗکن زِ اگر نہٕ تم ییہِ منتر گرن اندر رتھاوٕنی چھِ یژھان تیٚلہِ چھُ محکمے صحت کمبن

افسرن ہُنٛد مشورٕ زِلوٗکٕ بڈٕی گرٛھن تژومنبہٕ تِنی ۔اتھ شاٗہی حکمس پیٹھ

گرٛھ ہِ تیٚلہِ فوری طور عمل سپدٕنی ۔یُتھ نہٕ تیٚلہِ وباٗکشیرِ کلہٕ نلہٕ ژھٕٹھ کڈٕتھ

ہیکہِ ۔گُنہِ تہٕ طرفہٕ گرٛھ ہِ نہٕ تژومبن واللبن کانہہ ٹھوٚریُن کرنہٕ ،یُتھ وبا کاپہِ

یِی اننہٕ ۔اٗتھی سِتی آیہِ امہِ مہراٗجی حکمچ ییہِ پارے انٛدٕ ونٛدٕ شہرس دِنہٕ ۔ زِ

تژومبنگ ییہِ مہراٗجی حکم بوٗزتھ تہِ گُلٕکبے چاٗرپریشانِ حال ۔تکیاٗزِ تمہِ

وقتُک سُہ ترٛ ومبُن طریقہ تہِ اوس اکھ بوٚڈ بارٕ عذابِ علیما۔ وقتس أکِس للہٕ
وُن آسان۔ (یہِ اوس پھیٚکِس بوٚنہٕ کنہِ مرٛ ھِ اکہِ لوکٹہِ فولاً دی ترٕنگھل کانٹہٕ
ٕستی ترٛ بن جاین سٔنٛزر آوِتھ زٕل ہیوٚ والنہٕ یوان)۔ امی وقتہٕ پیٹھٕ اوس أمِس
ترٛمبٕ مِتِس آدمس اتھ نرِ دگ تہٕ باقٕے جسمس بے چینی تہٕ سخ بے قرأری
نال ولان۔ تَف کھسان، کلس غُبارٕ کھسان بیترِ بیترِ واریاہ پریشأنی تُلنہٕ
پیوان۔ مرٛ ھِ یمن جاین یم ترٛ ومبن زخم أسی دنہٕ یِوان تِمن جاین تہٕ أسی
پاکہٕ ٹھُپل کھسان۔ یِمن اِدراتس دوہس دَگ تہٕ سخت گُشُن اوس کران۔ یہِ
ترٛ ومبن دود تہِ اوس شرطیہ ژتجیھن دوہن تام پیترُن آسان (سُہ ترٛ ومبُن
چھُ مےٚ پانہٕ تہِ ۱۹۵۵ ء اندر پیترمُت)۔ تمی کانٛپہٕ کوٚر لۆکواتھ ترٛ ومنبس تہِ
نکارٕ ے۔ یہِ وُچھتھ تہٕ بوٚ زِتھ مولوی عمہ صأب تہِ لۆکو عأجزتہٕ آوُرکوٚر۔
پتہٕ سوزُن مہراجا پرتاپ سنگھس فری یأدی اپیل زِ ''مہراج صأب'' کرِ
سون اکھ التجا قبوٗل تہٕ ترٛبن دوہن ہنٛزٕ مہلتھ دِیی اسہِ بیٚیہِ۔ تکیاز ترٛ یٚیہِ دوہ
پتہٕ چھُ اسہِ مسلمانن پننِس ٹأٹھس نبیؐ صأبُن یومِ ولادت۔ (میلادالنبیؐ)
تتھی متبرک شبس اندر کرو أسی حضرت بلہٕ خدا صأبس زارٕ پارٕ تہٕ نبی
صأبس ﷺ اپیل۔ اسہِ چھِ پوٗرٕ پزھ زِ امہِ شبہٕ پتہٕ میلہِ کٔشیرِ ضروٗر وبانِشہِ
نجاتھ۔ تہٕ لۆکھ سپدن یتھ مرگِ ناگہأنی نِشہِ آزاد۔ یہِ شیٚچھ بوٗزِتھ کوٚر
مہراجن مولوی صأبنس درخاسس پیٹھ وورسہِ نبی ﷺ کِس شبس تام لۆکھ
ترٛ ومباونُک حکمِ شأہی مُلتوی۔ یہِ شیٚچھ بوٗزِتھ أیِہ آری لوٕ کٹہِ بڈی

لۆکھ تمہِ میلاد کہِ شبہٕ پننہِ پرٛھِتہٕ یرٛھِ شہر گام دِل پھٕٹتھ درگاہ حضرت بل شبس ۔ اتھ عاجزتہٕ خوفہٕ ہتس لگہٕ عرصاتس اندر رچھُ میون زیٹھ پچہ بابہٕ غلام نبی شاہ (مالدار) تہِ شاملِ اوسمُت ۔ ڈۆپن خفتن نِمازِ پتہٕ کۆر مولوی صاًبن گوڈٕ اشکبار چشموتوبہ استغفار، پتہٕ کرٕن ژبہ تہٕ دردٕ سان نعت خوانی، تمہِ پتہٕ درۆدِ حضورؐ پران پران وۆنُن نصف شبس پیرِ پیٹھ تھۆ دٕ تتھ لۆکن ژُن : اِستادٕ سپدِتھ پرٕ وسأری درۆدٕ سلام،

الصلوة والسلام علیك یا رسولؐ اللّٰہ

وسلم علیك یا حبیبؐ اللّٰہ

جلوٕ گرٕ چھُوِ روبرو رسولِ خداﷺ ۔ یہِ مولوی صأبُن آلو بۆزِتھ چھُنہٕ اِدٕ کأنسہِ تہِ حال ہوشی رۆدمُت ۔ کتہِ چھُس تہٕ کیا چھُس وُچھان ۔ حضرت بل چھِہ اندٕ وندٕ سورُے مُشکبار تہٕ نورانی عالم سپُد مُت ۔ أتھی حیأتی ہندِس عرفأنی حالس اندر رمَس تہٕ مسرۆر سپدِتھ چھِ لۆکھ برابر پاسِ أخرس تام درۆدٕ سلام پران رۆدی مِتی ۔ امہِ قبولیتہ تہٕ عنایتہٕ کہِ حالہٕ پھیرتھ چھُ اِدٕ میر واعظ مولوی احمد صأبن عأجزی تہٕ پُرنم چشمو دُعا مۆنگمُت : خداصأبا سأنی انفرادی تہٕ اجتمأعی خطاتہٕ گناہ کر معاف، اسہِ دِتمو سارو ے آسمأنی تہٕ زمینی آفاتو تہٕ بلایو نشہِ نجات یمن ہندی بارسأنی لاغرتہٕ لاچار شانہٕ ژلتھ ہیکن نہٕ، بیٚیہِ دِوبا ہکہِ کڈٕ رِ عذابہٕ نشہِ خلاصی تہٕ نجاتھ ۔ اَسہِ چھےٚ غأر مسلم حأکمس تھکِتھ مہلتھ ہیٚرٕ مرٕ، شرمندٕ گری زنہٕ وۆتُس اشکبار چشمو دأرِ لۆکھ ہیوت بڈٕ آمین کران

یمیُک گر بزِ تمہِ وقتہٕ انٛدٕ وٕنٛدٕ شہرس تام لۄکو گرن انٛدر تہٕ بوزمُت چھُ ۔ چچہٕ بابن وۄن صبح نماز پتہٕ زیارت موے مقدس ہٕستی فیض یاب سپدتھ ییلہِ لۄکھ پنہٕ نبن پنہٕ نبن گرن تہٕ طرفاتن کُن دڑاے، مولوی صائبس ہٕستی تہٕ پکۍ تھنٛدی مُحب تہٕ تمہِ طرٕفکۍ بسکین ۔ دۄپُن سٔدر بل موڑس نکھہٕ آو مولوی صائبس برونٛٹھ کُن اکھ خوش پوش تہٕ معتبر گامی شخصاتہٕ عرض وسلام کرتھ وۄنُن مولوی صائبس لو تہٕ لوتی کیٚا ہتام کنس تل ۔ اُمس شخصس اُس خوبصورت ژادرِ جورٕ پٹاتہٕ نکھس پٹھ ۔ یہِ وُچھِتھ پرٛژھُس مولوی صائبن جورٕ پٹۍ ما چھوٕ خرچاوٕنی، تمۍ دۄپُس آہن حض توے چھُس شہرو تھمُت، حاجت چھُم ۔ مولوی صائبن پرٛژھُس قیمتھ کیٚا چھُس، دۄپنس توہہِ رٹوٕ ستھ روپیہٕ نتہٕ چھُس بازٕری مول داہ روپیہِ ۔ مولوی صائبن دۄپُس رازے کٔدل تام ییوٕ اسہِ ہٕستی سون گرِ ۔ تمۍ کوٗرُس یقرار، چچٕہن دۄپ توٗت واٗتِتھ کوٗر مولوی صائبن پننس گرِ موہنوس کُن اشارٕ زِ وگوِس تل چھی پھٹہٕ واُٹۍ پوٗنسہٕ تمہِ اُندرٕ دِیِمس شخصس ستھ روپیہٕ گنٛزرِتھ ۔ موہنو پھیُر وگواکہِ کونٛجہ پٹھ کُن، ستھ تل واریاہ پھٹہٕ ووٹ جمع اوس، امہِ اُندرٕ کڈٕنی تمہِ وٕنکۍ تم پھٹہٕ واُٹۍ پوٗنسہٕ (یِمن ہنٛز روپے تمہِ زمانہٕ ۶۴ / ر پوٗنسہ اُسۍ آسان) یِمن اندر اکھ پوٗنسہٕ ستھ ڈبل پوٗنسہٕ اُسۍ ونان، زٕ پوٗنسہٕ ستھ ٹکہٕ اُسۍ ونان، ژور پوٗنسہٕ ستھ پوٗنڈ اُسۍ ونان، اُٹھ پوٗنسہٕ ستھ دوٗنی اُس ونان، شُراہ پوٗنسہٕ ستھ ژوٗنی اُسۍ ونان ۔ امی آیک ستی ٮِٕ ہُنٛد پھٹہٕ ووٹ ...بر...تھ کرِ مولوی صائبنٕ

موہنوی ستھ روپیہِ وگوس پیٹھ جمع ، امہِ پتہٕ پرٛژھ مولوی عمہ صاۓبن ژادرِ واۓلِس: ''کیاحض یہِ ژادر چھا اسہِ وٕلنۍ لایق؟ شوٗژٕ ے چھا؟ اَسی چھِنا منبر رسوٗلسؐ پیٹھ کھسان۔ تۆ کنۍ چھُس یہِ کتھ پرٛژھان؟'' یہِ بوٗزِتھ دوٚپُس ژادرِ واۓلی ۔ مولوی صاۓب اتھ چھَنہٕ کانٛہہ تہِ اَلآئش مےٚ چھِ پننۍ تیر پانہٕ پننِس وارس اندرٕ رٕ چھِمتۍ تہٕ منی موں پانے تُجمٕژ (نیتۍ ہتی) ۔ گرواجنہِ سُے ییر کوٗتمت تہٕ اِدٕ چھَم یہِ ژادر پانے دورِ پیٹھ ووٕنمٕژ تۆ کنۍ چھَ پرٛتھ رنگہٕ شوٗژتہٕ توٗہہِ وٕلنۍ لایق ،مگر امہِ پتہٕ چھُ مےٚ تہِ عرض ،دوٚپنس کیاہ سہ ۔ دوٚپنس یم پوٗنسہٕ تہُنٛدی چھاحض مےٚ خرچنۍ لایق ۔ میرواۓعظ صاۓب گوٚ وعاۓ جزتہٕ دوٚپنس تہِ چھَم نہٕ خبر۔ درجواب ووٗنس ژادرِ واۓلی ۔ییلہِ نہٕ توٗہہِ خبر چھےٚ زِ یم پوٗنسہ چھا حلالکی کنہِ حرام، یہٕ کیاز ِکٔنے تیلہِ توٗہہِ ژادر۔ امہِ پتہٕ تُجن ژادر پنٕنۍ نکھس پیٹھ تہٕ دراو بازرگن ۔



# برٛٹھزی کوٚر خطا، ہٕتلبن میوٚل سزا

سانہِ کٔشیرِ یَنہٕ "دپٕنہٕ آسُن" پرٛ دبن ہِنٛدِ بُزی گوٚ وتنہٕ اگر کانٛہہ اولہٕ دولہٕ اوٗرُک یورُک شخص وأنس وانٛگ غلتانہٕ ہتھ تہٕ ژلہِ، ووٚنی دِیس نہٕ تِتھےٚ کٔنہِ سُہ تہِ اَتھ سٔتس انٛد رٕنہٕ، بلکہ دپس فرصتھ ہےٚ چھوٕ تیلہِ دِموٕ گٔنٛز رِتھ تہٕ اَسی۔ بتہٕ کھوٚان تہٕ اگر کانٛہہ وقتُک ٹھگ خامہٕ خواہ پاٹھی بتہٕ ٹوٗر تِچھ دِتھ نیَس بانٛبرِ بانٛبرِ ژلہٕ وُن، أہنٛدِ گرِ نبر وأتتھ مانیرِیس یو ہے بتہٕ کھٔنہٕ وول شخص دارِ کٔنی تہٕ کرٛ یکھ دِتھ مادپس سٕنٛز ٹوٗر ما گوی مُشتھےٚ، سُہ تہِ ماپلوٚے دارِ کٔنی۔ اتھ کیاژٕنی زِ اسہِ چھُنا ہتہٕ وادوٗری ین ہنٛزِ غلامی ہِنٛدِ وہمہٕ تہٕ خوفہٕ ستی دِل ودِ ہماغ آوٗر گومُت۔

خبر کُس آسہِ، خبر کیاہ کرِ، خبر چھا، بیترِ بیترِ کأتیاہ وہمکی کرایہِ درچھِ اسہِ دِلس تہٕ جانس پٮ۪ٹھ قأبض گأمتی۔ امہِ لا یلاج بمارِ ہُنٛد ژٕ سلابہٕ سپُد کأشرٕبن موغل حکمرانن ہنٛد کٔشیرِ قبضہٕ کرنہٕ پتھےٚ، یلہٕ تموٚ اَسہٕ کلہٕ پٮ۪ٹھ پنٕنہٕ

تاجدأری ہُنٛد دستار تھپہِ نیوٗ، اِدٕ کأتیاہ ذرٕ تہٕ زولانہٕ وٹرٕ تہٕ پٹرٕ سانٛو جدٕ اجدادو تہِ زانہٕ ہَن تِمے۔ تِمن پتہٕ آے افغأنی لُٹیریم متلقن جاہل، قأتل، ظالم تہٕ جابرآسنس ستی ستی ناچ نغمس، شرابس تہٕ کبابس، کھٔبنس چنبنس ستی راتس دوہس بدمس أسی آسان، تِمن پتہٕ ییٚلہِ سِکھا شأہی ہُنٛد ان پرٛڈھ بے پڑھ تہٕ مذہبی جنوٗنٕک وأرأ گی دورآو، حأکموٗ کرٛی کم کأشرٕ بہودوٗ رلاغرٕ تہٕ کمزور۔ سکھ حکمرانن لار کرٛتھ ییٚلہِ اِدٕ ڈوگرٕ مہراج گلاب سنگھن انگرِیزن نِش کُل جوٗم، کشیرِ تہٕ لداخ تبت ہا پانٛژ سَتتھن لچھن نانک شأہی سِکن لۆکھ ہٮ۪تھ مٕلی ہیٚرٕ اِدٕ زون تِمو سانٛو اصیل تہٕ سادٕ اسلافو، یِمن ہٕنٛدی شُری تہٕ جوان بونجہ تہٕ تبّتی سرحدس تام ڈوگرٕ فوجس راشن تہٕ جنگی ساز وسامان ہٮ۪تھ برگارِ سوزنہٕ أسی یِوان۔ یِمو موٗصُم تہٕ بے گناہ کھیٚلو أندرٕ اوس خالے کانٛہہ تورٕ زندٕ ژوٗ ہٮ۪تھ واپس پھیران، سُہ تہِ اوس اِدٕ وُمرٕ ومران کھوٹ زَدیے آسان گومُت۔

اَتھٕ کامہِ ہٕنٛدٕ بن موللبن مسکین کأرٕگرن أسی ٹیکس ییٚتھ ہا کہِ میٚچہِ ہٕنٛدی پأٹھی زن چیران۔ یِیمہِ سببہٕ ییٚتہٕ کٔبن وارِیہن کأشرٕبن کاری گرن پنجاب کٔبن مختلف شہرن کُن ژٕلِتھ یہ ڈٕلی زِ تہِ وتہٕ وبلأیے سپز۔ ڈوگرٕ دورس اندر آسی کأشرٕبن مظلوم لۆکن زندٕنے مُسلہِ والان، زأنہٕ کٕدٕلس پیٹھ پھہہ دِوان، کأٹھی دروازس أندرٕ کأٹِھس زندے کھأرِتھ کاون گانٹن اتھِ کھیٚاوان، گُڈِ انس پیٹھ دٕری وادن گوڈٕ قادکرتھ اِدٕ پھأسی

دِوان ۔ تِہنٛدِ ظُلمہٕ جبرُک تہٕ قاتلانہٕ دوٗرُک خاتمہٕ سپُد کنوہ شتھ تہٕ ستہٕ
تاجیھس اندر، ییٚلہِ سرحدی قبایلو کشیٖرِ پیٹھ یلغار اون تہٕ آخری ڈوگرٕ مہراج
ہری سنگھ ژٔول ییٚتہِ گاش پھولنے، ساری کشیرِ ہنٛز ٹیٹھ میٹھ تہٕ وسمتھ
ہتھ جوٚم۔ تہٕ دَپان تتہِ کرنو وتہنٛز زنانہِ تارادیوی پنجابہٕ کین کٹر فرقہٕ پرستن
جنونی راشٹر سیوک سنگ تہٕ بٔیہٕ باقے مسلم دُشمن شکس خوردٕ ڈوگرٕ فوجس
اتھِ مسلمانن کترٕ بترٕ تہٕ قتل عام ۔ پتہٕ دژاوتمہِ وقتہٕ دعوادار، قداوار تہٕ
نامدار عوامی لیڈر شیخ محمد عبداللہ، یِمٕ نہٕ ییٚتہِ کانسہِ غار مسلمس لوٗنچہٕ تہٕ لمنہٕ
دیُت ۔ ستی نیَن موچھ زٕ ژٔھتھ دلی دربار گُن دَو۔ تتہٕ گٔرس تمو چالاک تہٕ دُ
بُتھبل لیڈرو، زیوٗ زمادٕ ۔ دٔ دی کوٹھ لاگتھ ہیو تہس قبایل کڈنہٕ باپتھ جنگی
سوزنکس یقرارنامس پیٹھ ہٕنٛزی زٕ ژٔتھ زیوٗٹھ دستخط ۔ یہٕ نامراد فعلِ ناشایان
گٔرتھ آوسہ، تور ژہنگان ژہنگان، زن تہٕ اوس لندنہٕ پیٹھ لاس لٔبتھ آمت ۔
یوٚت وأتتھ یموتہِ تتھ سیاسی فعلس زأنتھ گٔتھ کڈس تم بٔرنی اڈی زندانس تہٕ
اڈی گٔرن بے وطن ۔ پتہٕ ییٚلہِ تِمٕ تتھ دِلہِ ہنٛزٕ ووزمہٕ غرضچہٕ یارزِ درٕ سہٕ ہیوٚ دِژوو
سو ہانکل آیس ادٕ پانسے گردنہِ ولنہٕ تہٕ وُتھنہٕ ۔ یتھ نہٕ ادٕ وأنسہِ ہنٛدِس اندس
تام تہٕ وَرٕ ے دژاس ۔ سُہ اوپ تہٕ آچھر آدم دژاو عقلہِ تہٕ شعور یکس
سرحدس تہنٛزی کتھِ گذرژورِ یتھ نہٕ گاٹلبن ہنٛدِ وننہٕ خدا صأب تہٕ نہٕ کانہہ
زأنی کارے ضأمن ہیکہِ بٔنتھ ۔ تَس ژھوٹہِ رادٕ یکس تکن گٔرس تورُکھ لورِ
پیٹھی سرُ پھ ییمہِ تہنٛدس دِلس تہٕ دماغس وہچہ ٹوپہٕ دِتھ تہنٛد عزم تہٕ ارادٕ

چھوکہٕ دآوی کوٚر۔ پتہٕ اوس پننہٕ گرِ تہِ گاسہِ کرتھٕن کھوژان زِیٔم تہِ ماچھِ سرپھٕ بچے ۔اِدِ تِمن سیکتائٔی سرپھن ہِنٛدِ نسل نویو ویتہٕ تیوٚ تاه زِ از چھُ کأشُر بچور پننِس آنگنس اندر تہِ پوٚ دتر اونس کھوژان۔

ازتہِ اگر کأشرِس ایٚڈ یا کمرس کشُن ہیوٚ چھُ باسان وہمہٕ چھُس گرژھان زِ یزارِ ڈورِ بدلہٕ تہِ ماچھُم سور پھے گونڈمُت ۔غولأمی ہُنٛد خوف تہٕ وہمہٕ چھُس دِلس تہٕ دِماغس زن تہٕ آر گرتھ گلمار۔امہِ پتہٕ باقے گُذرن تہٕ بنُن چھُ مےٚ ہیوٚ پڑتھ کانٛہہ کأشُر ازتام وبتران تہٕ پبتران، باقے داستانِ غم چھِ عالمچن تواریخی کتابن اندر اندراج سپد تھے۔



۲۴؍ستمبر ۲۰۱۰ء

# بارک نمبر ژور

۱۶؍ جون ۱۹۶۵ ء ہس اندر ییٚلہِ ییٚتہِ مرحوم مولانا مسعودی صابٕنس
قیادتس اندر تحریک حریت کہِ حقہٕ ڈکٹیٹر تحریک شروع کرنہٕ آیہِ تتھ اندر راوس
تمہِ وقتچن سارنٕے سیأسی پارٹین پننہِ پننہِ جماژ نوٚ وزُوزہ تہٕ پأدِ کرنہٕ باپتھ
پانژھ پانژھ سیأسی کارکن اتھ مرکزی قیادتس تأبیا کرٕنی آسان۔ تم اَسی
تِمن امہِ تحریکہِ آزأدی ہٕندِ غرضہٕ غایت تہٕ طریقہٕ عمل فکرِ تأرِتھ جیل گژھنہٕ
باپتھ تیار کران۔ یِمن ڈکٹیٹرن اوس شامس پانژِ بجہِ بأگی پٔنٕنس پارٹی لیڈر
ہٕندِس قیادتس اندر لۄکو أندرٕ بےشوٗنکھی پأٹھی سرینگرٕکس لال چوکس اندر سفید
وردی لأگِتھ نیرُن آسان، تمہِ وِزِ اَسی لال چوکس اندر یِمن ڈکٹیٹرن
برونٹھے آزأدی پسند وارياه لۄکھ کُنہِ شیٚچھ پٹھے جمع گأمتی آسان۔ أتی اوس
یِمو لۄکو اندر یِمن پانژن ہُند لیڈر کشیرِ ہٕندِ آزأدی ہٕندِ باپتھ نعرٕ دِوان
دِوان نیران، یتھ لۄکھ بڑٕ ہٹہِ تہٕ رِتہٕ جوشہٕ تہٕ جذبہٕ سان جواب دِتھ یِمن
ڈکٹیٹرن بڑٕ لولہٕ تہٕ مایہِ سان ژرِ پوٚپ کٔرِتھ حوصلہٕ افزأیی اَسی کران۔ امہِ
پتہٕ اَسی لال چوکس اندر موجوٗد پُلسہ افسر تہٕ اہل کار یِمن پانژٕونی پُلسہٕ جیپہ

اَنٛدر کھاٲلِتھ گوڈٕ شیر گجہ (تھانہٕ صدر) واتناوِتھ پٔرٛژھ گاٗرکران تمہِ پتہٕ جوٚم صوبہٕ کِس کُنہِ جیلَس یا خوجہ یاربل سینٹرل جیل واتہٕ ناوان، أتھی تحریکہِ ہنٛدِس وقتس اَنٛدر اوسُس بہٕ تہِ اکہِ دوہہ لال چوکہٕ اتھ آزاد ی ہنٛدِس جذبہٕ کِس جٔتہٕ جوشس ستی لوٗکن منٛز موجوٗد۔ امہِ دوہہ اوس عوامی ایکشن کمیٹی ہنٛد بٔن پانٛژن جتھن ہنٛز وارٕی (یِمن ڈکیٹٹرن آسی کاشرۍ پاٗٹھی جوتھ ونان)۔ تِتھے یٔھنٛد لیڈر پننہِ پارٹی ہُنٛد جھنٛڈ لہراوان نعرہ تکبیر تہٕ آزاد ی باپتھ نعرٕ دِوان لوٗکو منٛز ظاہر گوٚو، یِمن پانٛژونی آیہِ پُلسہٕ افسر بُتھِہ تہٕ کھاٲلِتھ حسبِ سابقہ پننہِ پُلسہٕ جیپہِ تہٕ نیٚیکھی سیوٚدُے تھانہٕ صدرس کُن۔ أتھی ووسہٕ دژوسہٕ اَنٛد راوسُس بہٕ تہِ بڈٕ جوشہٕ تہٕ ولولہٕ سان لوٗکن ستی ستی اتھ ڈکیٹٹر جیپہٕ پتہٕ پتہٕ نعرٕ دِوان پکان۔ أتھی دوران کوٚر أکی زٲنی کار پُلسہٕ افسر صاٮ۪بن مےٚ آلو کٔرِتھ نرِ تھپھ تہٕ کھولنس پننہِ پُلسہِ جیپہٕ تہٕ واتہٕ نو ونس بہٕ تہِ تھانے صدر۔ یوٚت ہُم باقے ڈکیٹٹرتہٕ واتناوِتی آسکھ۔ اتہِ تھووہس بہٕ ہُمن پانٛژن ڈکیٹٹرن بیوٚن الگ أکِس کمرس اَنٛدر یوٚت مےٚ تہِ کانٛہہ چنس خبر کتہِ پٮ۪ٹھ زبر آیہِ بتہٕ ڈھنگاہ تہِ ووت۔ لگ بھگ کاہ بجے راتھ کڈِکھ ہُم ڈکیٹٹرتہٕ بٔرکھ بدل کتھ تام گاڑِتہٕ سوزکھ حسبِ حکم سرکار جوٚم کتھ تام جیلس کُن۔ مےٚ دِژِکھ کیپر ژادراہ تہٕ دوٚیہم شونگ چارپایہِ أکِس پٮ۪ٹھ۔ سوٚ وتہٕ ساری راتھ گُذٲرِتھ واتہٕ نو وہس اِڈبہٕ تہِ دوٚیمہِ دوہہ دِگرس باگی خوجہ یار بل سرینگر سینٹرل جیل، یتہٕ تہٕ أکِس سنٛگین کوٹھر (یمہِ سنٛگین

کوٹھرِ آسہٕ ڈوگرٕ مہراج پرتاپ سنگھنہِ وقتہٕ ۱۹۲۵-۱۸۸۵ ء بناونہٕ آمٕژ)
اندر بند تھووہس۔ یِمن سنگین کوٹھرٕن ہُنٛد کُل تعداد اوس تمہِ وِزِ اَٹھوُوہ، گوڈٕ
ژوداہ تہٕ منٛز پارٹیشن کھالِتھ بیٚیہِ ژوداہ۔ أکِس أکِس کوٹھرِ اندر رٲکِھ زٕ،
ترٛے تہٕ ژور نفرتہِ یکہٕ وٹہٕ تھاوٕ متی۔ خبر بےیوٚت کیاژِ تھووہس کُن زوٚن
تتھ کھوژٕ ونہِ أکسی کوٹھرِ اندر ربند۔ تم خوٕفکی تہٕ وحشتکی ترٛے دوہ گُذٲرمےٚ
بڈٕ ہوشیٲری تہٕ حوصلہٕ مندی سان تہٕ بہٕ وولہس ژوٗرمہ دوہ ژور نمبر بارکہِ
اندر ییتھ وُہن نفرن ہٕنٛدِ باپتھ میٚژتھرٕ آسی بٕنتھ۔ یِمن پیٹھ قِدٕہن دوہس
بُہن تہٕ رالتِس شوٚنگُن اوس آسان۔

امہِ وقتہٕ آسی اتھ ژور نمبر بارکہِ اندر شہرِ خاص صفاکدٕلکی نامور
دینٛدار تہٕ ناماوار تاجر حاجی غلام احمد نقاش المعروف عمہٕ صٲب نقاش، ژارِ
شریفکی سمٲجی، دینی تہٕ سیٲسی حثیت تھاون وٲلی شخص حاجی جلال الدین
صٲب تہٕ بیٚیہِ تحریک حریت کشمیرٕکی مخلص تہٕ عسکری خیالُک مجاہد لیڈر راجا
جہانگیر خان صٲب تہِ بند تھاونہٕ آمٕتی۔ یِہ ژور نمبر پارک أس تمہِ وِزِ مہذب،
مذہب دار تہٕ شریف خصلت قِدٕہن ہٕنٛدِ باپتھ مخصوٗص۔ یِمن ستی روٗدُس بہٕ
أکِس رٔتس۔ اتھ ژور نمبر بارکہِ اندر بند تھاونہٕ آمٕتی آزٲدی پسند نوجوانن
أسی تم بزرگ نماز، روزٕ، اخلاص تہٕ اخلاق ہیٚچھ ناونس ستی ستی ماجہ کشیرِ
ہٕنٛدِ پتھ کالکہِ دورِ غلٲمی ہٕنٛدی ظلم وستم بوزٕ ناوِتھ دِلن اندر راکھ جوش، جذبہ تہٕ
قومی غیرت ووُزناوان۔ تمہِ وقتہٕ تِمن بزرگن ستی موخصر نشستو برخاس

اَندر کھاٮ۪لتھ گوڈ شیر گجہ (تھانہٕ صدر) واتناوِتھ پزٕ ژھٕ گاڈ کران تمہِ پتہٕ جوٗم صوبہٕ کِس کُنہِ جیلس یا خوجہ یاربل سینٹرل جیل واتہٕ ناوان ، اَتھی تحریکہِ ہٕنٛدِس وقتس اَندر اوسُس بہٕ تہٕ اکہِ دوہہ لال چوکہٕ اتھ آزادی ہٕنٛدِس جذبہٕ کِس جٔڈ جوشس ہتی لوٗکن منز موجوٗد ۔ امہِ دوہہ اوس عوامی ایکشن کمیٹی ہٕنٛدبن پانژن جَتھن ہنز واری (یِمن ڈکیٹیٹرن آسہ کاشرِ پاٹھی جوتھ ونان) ۔ تہٕ تِھُے یِہُنٛد لیڈر پنٕنہِ پارٹی ہُنٛد جنٛڈ لہراوان نعرہ تکبیر تہٕ آزادی باپتھ نعرٕ دِوان لوٗکو منز ظاہر گوٚو ، یِمن پانژٕونی آیہ پُلسہٕ افسر بُتھِ تہٕ کھاٮ۪لِتھ حسبِ سابقہ پنٕنہِ پُلسہٕ جیپہِ تہٕ نیٚبٕکھی سیوٚدٕے تھانہٕ صدرس کُن ۔ اَتھی ووسہٕ دژوسہٕ اَندر اوسُس بہٕ تہٕ بٔڈ جوشہٕ تہٕ ولولہٕ سان لوٗکن ہتی اتھ ڈکیٹیٹر جیپہ پتہٕ پتہٕ نعرٕ دِوان پکان ۔ اَتھی دوران کوٚر اَکی زٔنی کار پُلسہٕ افسر صاٮ۪بن مےٚ آلوٗ کٔرِتھ نِرتھس تہٕ کھولنس پنٕنہِ پُلسہٕ جیپہِ تہٕ واتہٕ نووُنس بہٕ تہٕ تھانے صدر ۔ یوٚت ہُمہ باقےٚ ڈکیٹیٹر تہٕ واتناوِ ہتی آسکھ ۔ اتہِ تھووہس بہٕ ہُمن پانژن ڈکیٹیٹرن بیوٚن الگ اَکِس کمرس اَندر یوٚت مےٚ تہٕ کانٛہہ خبر کتہِ پٮ۪ٹھٕ زبر آیہِ بتہٕ ڈھنگاہ تہٕ ووت ۔ لگ بھگ کاہ بجے راتھ کٔڈِکھ ہُم ڈکیٹیٹر تہٕ بُرکھ بدل کتھ تام گاڑِ تہٕ سوزکھ حسبِ حکم سرکار جوٗم کتھ تام جیلس کُن ۔ مےٚ دِژِکھ کپر ژادراہ تہٕ دوہم شونگ چار پایہ اَکِس پٮ۪ٹھ ۔ سو وٹہٕ ساری راتھ گُذٲرِتھ واتہٕ نووہس ادٕ بہٕ تہٕ دویمہِ دوہہ دِگرس بأگی خوجہٕ یار بل سرینگر سینٹرل جیل ۔ یتہِ تہٕ تِہِنٛز دوہس اَکِس سنگین کوٹھر (یمہِ سنگین

کوٹھرِ آسہٕ ڈوگرٕ مہراج پرتاپ سنگھنہِ وقتہٕ ۱۸۸۵-۱۹۲۵ ء بناونہٕ آمٕژ )
اندر بند تھووہس ۔ یِمن سنگین کوٹھرٕ ن ہُند کُل تعداد اوس تمہِ وِزِ اَٹھووُہ ، گوڈٕ
ژووداہ تہٕ منز پارٹیشن کھاٲلتھ بیٚیہٕ ژوداہ ۔ أکس أکس کوٹھرِ اندر رٲسکھ زٕ ،
ترٛے تہٕ ژور نفرتہٕ یکہٕ وٹہٕ تھاوٕمتی ۔ خبر بےٚ یوٗت کیازِ تھووہس کُن زٕون
تتھ کھوژونہِ أکسی کوٹھرِ اندر بند ۔ تِم خوٗفکی تہٕ وحشتکی ترٛے دوہہ گُذٲرمےٚ
بڈٕ ہوشیاری تہٕ حوصلہٕ مندی سان تہٕ بہٕ وولہس ژوٗرمہ دوہہ ژور نمبر بارکہِ
اندر یِتھ وُہن نفرن ہنٛدِ باپتھ میٚژھرٕ أسی بٔنتھ ۔ یِمن پیٹھ قدٕ بن دوہس
بہُن تہٕ راتس شوٗنگُن اوس آسان ۔

امہِ وقتہٕ أسی اتھ ژور نمبر بارکہِ اندر شہرِ خاص صفا کدٕلکی نامور
دیندار تہٕ ناماوار تاجر حاجی غلام احمد نقاش المعروف عمہٕ صاب نقاش ، ژارِ
شریفکی سماجی ، دینی تہٕ سیاسی حثیت تھاون وٲلی شخص حاجی جلال الدین
صاب تہٕ بیٚیہٕ تحریک حریت کشمیرٕکی مخلص تہٕ عسکری خیالک مجاہد لیڈر راجا
جہانگیر خان صاب تہِ بند تھاونہٕ آمتی ۔ یہِ ژور نمبر پارک أس تمہِ وِزِ مہذب ،
مذہب دار تہٕ شریف خصلت قدٕ بن ہنٛدِ باپتھ مخصوٗص ۔ یِمن ستی روٗدُس بہٕ
أکس رتبس ۔ اتھ ژور نمبر بارکہِ اندر بند تھاونہٕ آمتی آزادی پسند نوجوانن
أسی تِم بزرگ نماز ، روزٕ ، تخلاص تہٕ اخلاق ہیٚچھ ناونس ستی ستی ماجہِ کشیرِ
ہنٛدِ پتھ کالکہِ دورِ غلامی ہنٛدی ظلم و ستم بوزٕ ناوتھ دِلن اندر راکھ جوش ، جذبہٕ تہٕ
قومی غیرت تہٕ وُزناوان ۔ تِمہِ وقتہٕ تِمن بزرگن ستی موخصر نشستو برخاس

سپدنہٕ ستی میوٚل مےٚ تہٕ ذأتی طوراز تام زندگی گذارنس اندر روار یاہ فأض تہٕ برکت ۔ خدا صأب کرن تہندی حسنات و درجات بلند ۔ ( آمین ) ۔

یپأری اوس جیلہٕ نبرِ سارِوے سیأسی پارٹیو متحد طور سیأسی رنگہٕ کبن قٲدبن ، جیلو تہٕ انٹروگیشن سینٹرو أندرٕ موکلاوَنہٕ باپتھ اکھ لیگل سیل (Legal cell) بنأومژ ۔ یتھ اندر روادی ہٕنٛدی غیرت مند ناماوار وکیل تہٕ قونوٗنی مأہرتم فرضی کیس لڑان أسی یم تمہِ وقتہٕ کھوٚکھ پتلی حکمرانو تہٕ حأکمو تمن آزأدی پسند کأشربن خلاف بنأوٕمتی آسان أسی ۔

امی ''لیگل سیٚلہِ'' طرفہٕ آے اسہِ زٕ تووٗہن لڑکن ہٕنٛدِس کیٚسس تہِ زٕ وکیل صأب سرینگر سنٹرل جیل پأروی کرنہٕ باپتھ سوزنہٕ ۔ مگر تمن دیتٕھ نہٕ اسہِ سمکھنس تمہِ وِزِ اجازتھے ، خبر تمیٚک کیاہ وجہ اوس ۔ یپیٚلہِ یہٕ اتھ جیلس اندر رقأیم کرنہٕ آمتس بے پژھ عدالتس اندر جس بروٗنہہ کُن اوٗن ٲسس ، جج اوس مرحوم میرزا سیف الدین تہٕ سرکأری وکیل سبٕٹھاہ بدذہن تہٕ ظالم علی محمد وٹالی ۔ سرسری کاروأیی سپدنہٕ پتہٕ پرٛژھ مےٚ جج صأبس مےٚ ؤنی توٚھے جج صأب یہٕ کتھ جُرمس اندر چھس گرفتار کرنہٕ آمُت ۔ تمی تُل کلہٕ تھوٚد تہٕ سخ تکرارٕ سان دوٚپنم ژٕے کیا زِ چھےٚ نہٕ جُرم گرتھ تہِ تچھ خبر ، مےٚ دوٚپُس جج صأب مےٚ نہٕ ھیٚ چھنہٕ کانْہہ جُرمے کوٚرمُت تہٕ خبر کتہٕ آسہم ۔ میون یہِ وَنُن آونہٕ جج صأبنس خود سر مزازس براہ ، تکیازِ تمی وُچھ مےٚ تمی آیہ تمہِ ساتہٕ بُتھس کُن تہٕ اشارٕ کوٚرُن تس پُلیٚسہٕ افسرس یُس آسی گرفتار کرٕمتی أسی ۔ (

ٹس اوس ناو غلام مصطفیٰ درابو، المعروف مُسہ درأبی )۔ سُہ اوس تمہِ زمانہٕ خانیار تھانُک SHO۔ تمۍ دۆپ ژےٚ چھتھ دفعہ 144 ہِچ خلاف ورزی کٔرمٕژ ، مے پرٛ ژھُس اگر دفعہ 144 لاگو آسہِ ہے تیٚلہِ کتھٕ کنۍ آسی شہرس اندر جلسہٕ سپدان تہٕ جلوسہٕ تہِ نیران پتہٕ تم لال چوک تہِ واتان۔ تورٕ دۆپُن 144 دفعہ آو نا امی دوہ شہرس اندر نأفذ کرنُک اعلان کرنہٕ۔ مےٚ پرٛ ژھُس خبر کٔژ بجہِ سپُد تمیُک اعلان۔ دۆپنم پانژٕ بجہ شامس، مےٚ دۆپُس بہٕ ہے ژوری بجہِ ژےٚ تھپھ دِتھ جیپہِ کھوتھس، مےٚ کتہٕ کٔر تیٚلہِ تہُندِ امہِ لأگ متہِ دفہچ خلاف ورزی۔ یہِ میون پۆز بوٗزِتھ ژوکھوٚیمن سارِنےٚ پُلسہِ اَفسرن تہٕ جج صأبس مزازٕے۔ امہِ پتہٕ وُنُن خاص کٔرتھ وٹألی صأبسےٕ یُمۍ یہِ بوٗزِتھ مےٚ وۄن یِیتہٕ چھنہٕ واعظ خأنی چلان۔ امہِ پتہٕ وۄن پُلسہِ افسرن، جج صأبس جناب یُمِس خلاف چھُ بیٚا کھ جرم تہِ۔ مےٚ پرٛ ژھُس سُہ کیٚا سنا جُرم چھُتھ بنوومُت، تورٕ دۆپنم ژٕ اگر نہٕ تمہِ ساتہٕ گرفتار کرٕ ہوتھ، تیٚلہِ اوس امنِ عامہ مزید خراب گژھنُک احتمال، مےٚ پرٛ ژھُس بہٕ چھُسا تیوٗت خطرناک سیأسی مُجرم، تیٚمۍ ہِنزِ نبر روزنہٕ ستی امنِ عامہٕ ہس خطرٕ لاحق اوس۔ مےٚ کم جُرم چھِ پتھ کُن کٔری متی، یِیمہِ کنۍ میون خطرٕ سرکارس لرِ پھرُن دِی ہے؟ مےٚ کم سنا کٔدل چھِ زألی متی، کأنژاہ اغوکأری تہٕ کأتیاہ قتل چھم کٔری متی، یِیمہِ سببہٕ توہہِ بہٕ بارٕ مُلزم چھُو وَس بنوومُت؟ یہِ میون حرفِ حق بوٗزِتھ تُل جج صأبن کلہ تھوٗ دتہٕ خشمہٕ سان مےٚ کُن نظر اکٔرتھ ہوٗتُن پُلسہِ والین کُن کیٚاہتام وُنُن۔ تمہِ بروٗنہہے

وۄنِس میٚہ ۔ بوزحض جج صاٗب یہِ نام نہاد عدالت چھےٚ اٗکھتھ تہٕ وۄزمےٚ ۔
تتھ اٗخرتکِس عدالتس اندر ریٖلہِ خدایے ذوالجلالس بروٗنہہ گنہِ اِستاد کرنےٚ،
تتہِ کم پُلسہٕ واٗلی آسنےٚ اَردلس، تتہِ بنی اٗتھی ظاٗلم تہٕ جاٗبر قلمس شہمار یُس
ٹوپہ دِی دِی یمن اَیزٕبن تہٕ غرضہٕ کٔبن حرفن ہُند حساب ہوان پوشہٕ وٕنِس
عذابس اندر مُبتلا گٔری ۔ ژےٚ چھےٚ ہوم منسٹری (ڈی، پی، دھرن) فاصلہٕ
تورے لیکھِتھ سوزمُت آسان، زِ ژےٚ کیا چھےٚ کرُن ۔ مبر زٕ صاٗب سُے
پٔری زِ ہے ۔ یہِ کیاہ اوسُے تمن قونوٗن بناون والین منصفن ہنٛدِس انصافس
تہٕ قونوٗنس پننہِ ووزمہِ عہد باپتھ پرٛھ تہٕ پرتیتھ وُڈٲونی ۔ یہِ بوٗزِتھ گوٚو جج
صاٗبُن مِزازِ نارونار، بڈٕ ہٹہِ کرِکھ دِتھ، دۄ پُن پُلسہٕ اَفسرن یہِ گُستاخ کڈٕیون
فوراً عدالتہٕ اندر نبر ۔ امہِ نام نہاد عدالت کہِ کمرِ اندر نیرتھ پرٛژھ ہمےٚ تمو پُلسہٕ
افسرو ژِکمی اوسُکھ یہِ وُنن ہیٚچھ نومُت ۔ مےٚ دۄ پکھ پوٚز ژھچھ گاش، اَتھ چھنہٕ
کانٛہہ چیز ٹھوٚر رہبکان گٔرتھ ۔ نہ چھُ پوٚز وَنن ہیٚچھن آسان، یِی اوس پوٚز تہٕ
حقیقت تہِ ۔ تی وۄن مےٚ اٗندرٕ تہِ ۔ توہہِ نِش اوس نہٕ اتھ جوٗٹ کرنہٕ وغاٗریٖیہِ
کانٛہہ تہِ چارے، سہ اکھ رٔتھ سزا تہٕ زٕ ہتھ روپیہ جرمانہ تمہٕ وقتہٕ دِتھ چھس بہٕ
از تہِ تمی دادِ پننہٕ نبن باتےٚ کاٗشرٕ ستم زدٕ وطنداران ہتی سُے ویہہ تہٕ زَر
وبتراوان تہٕ پبتراوان یُس ساٗنی جدواجداد موغل دورِ اقتدار پیٹھ ازتام تہِ
وبتران تہٕ پبتران آمتی چھِ ۔



۲۸/اگست ۲۰۰۶ء

# رچھُن اوٚسُس خدایس، زندٕ روٗدُس

کتھ چھےٚ ۱۹۹۶ ءٕچ ۔ تمہِ وقتہٕ اوٚسُس بہٕ انفارمیشن ڈیپارٹمنٹ کِس کلچرل آفس واقع جواہر نگرِ انچارج آفیسر ہِنٛدِ حیثیتہٕ کأم کران ۔ أتھی دوران آومےٚ لال چوکہٕ پیٹھٕ أکِس نأوِد دوستہٕ ہِنٛدِ دُکانہٕ پیٹھٕ ٹیلی فون زِ کینٛہہ دوس چھِ مےٚ ہتی أہنٛدِس دُکانس پیٹھ ملاقاتہٕ باپتھ آمٕتی ۔ کیاہتام اہم معاملہٕ چھُ ، یہٕ بوزِتھ توٚرُس بہٕ امی وقتہٕ لالچوک ، ییٚلہِ بہٕ اتھ دُکانس پیٹھ ووٚتُس اتہِ وُچھ مےٚ مولوی چالہِ ڈالہِ زِ نفرتہٕ اکھ سادٕ مسلمانٕے ہیو نفرا۔ مےٚ کوٚر یٚمن ہتی پنٕنہِ اندازٕ علیک سلیک تہٕ أتھی اندر پرٕ ژھُم یِموٕ أندرٕ أکی زِ توہہِ چھُ اوترٕ اخبارِ آفتابس اندر آزاد کشمیرس اندر فوت سپدی مٕتِس کِس تام عبدالاحد کنٹھ صأبنہِ زندگی پیٹھ مضموٗن لیٛوکھمُت یتھ اندر توہہِ پاکستان کأشرِ بن لگن ہُنٛد معاون، مُحسن مُربی تہٕ مددگار لیٛوکھمُت چھُ ۔ مگر شریکِ کارنہٕ کینٛہہ ( عبدالاحد کنٹھ صأب اوس میون اکھ خاص رشتہٕ دار، یٚمن ۱۹۴۷ ءٕس اندر پأکستانٕک حأمی آسنہٕ سببہٕ یِیٚتہِ ہجرت کٔرتھ مظفرآباد اوس ژٕلُن پیوٗمُت ۔ کنٹھ صأب أسی تٕہِ اہم سرکأری ہدِ ن پیٹھٕ رُوٗدی مٕتی تہٕ مہاجر کأشرِ بن

ہِنٛدۍ رفیق تہٕ ہمدرد نامدار کاشُر قایداعظم مانٛنہٕ زانٛنہٕ یوان، تِہنٛدِ ہے انتقالہٕ پتہٕ کُس تعزیتی مضموٗنس اندر اوس مےٚ تمہٕ ملاقاتُک ذکر کوٚرمُت، یُس مےٚ تِمن سِتۍ اپریل ۱۹۸۵ اندر (لورپلیٹ) Lower Palate مظفرآباد تِہنٛدِ گرٕ سپُد مُت اوس۔

میون پاکستان واتنُک بہانہٕ اوس میانٛۍ نظم یوسہٕ مےٚ ۱۹۸۴ یس اندر ''نذرِ اقبال'' ناوٕ لیکھِتھ یِیتہٕ کالج آف ایجوکیشنس اندر اقبال ڈے پتہٕ کُس مشاعرس اندر پٔرمژٕ اُس۔ اتھ مشاعرس اندر اُسۍ تمہِ وقتہٕ پاکستانہٕ پٮ۪ٹھ آمتۍ زٕ ناماوار کاشُر تہٕ موجوٗد یِمن اندر مرحوم ڈاکٹر سلام الدین نیاز (اصل منز گام شُپین) تہٕ خواجہ غلام محمد لون صاب (شاہ محلہٕ نواب بازر) اُسۍ۔ یِم دوٚنوے صاحب اُسۍ لاہورے روزان، نیاز صاب اُسۍ قلم کار آسنہٕ کِہ حیثیتہٕ پاکستان کِہن اخبارن اندر کشیرِ ہِنٛدِس متنازعہ مسلس پٮ۪ٹھ پننۍ فکر انگیز مضامین لیکھان۔ بیٚیہٕ اُسۍ تِم آزاد کشمیر حکومتس اندر رقانوٗنکۍ وزیر تہٕ رٕوٗدۍ متۍ۔ لون صاٮ۪بس اوس پاکستانس اندر قالینٕہ کامہِ ہُنٛد اکھ بوٚڈ بارٕ کارخانہٕ۔ یتھ اندر ساسن ہِنٛدِس تعدادس اندر قالباف قالینٕہ اُسۍ وونان۔ تِم اُسۍ سارِ ہے پاکستانس اندر اکھ سرکردٕ قالینٕہ ایکسپورٹر سِنٛدِ حیثیتہٕ مانٛنہٕ زانٛنہٕ یوان۔

یِم دوٚنوے صاحب اُسۍ امہِ وِزِ سرینگرٕ کِس اتھ مشاعرس اندر موجوٗد۔ امہِ مثٲلی مشاعرٕچ حاصلِ مشاعرٕ روٗز میانٛۍ نظم ''نذرِ اقبال''۔ تیٚچ باوتھ صدرِ مجلس مرحوم مرزا غلام حسن بیگ عارف صاٮ۪بن پننِس صدارتی خطبس اندر کر۔

مشاعرِ انٛد وأتتھ کوٚر یمو دونوی مہاجر کأشرہو مےٚ نظمہٕ ہندِس مقبولیتس پیٹھ پننہٕ حُبہٕ تہٕ لولہٕ آب دار چشمو مبارک ۔ یم دونوے صاحب أسی تمہٕ وِزِ ادارِ مرکزِیہٕ مجلس اقبال لاہور پاکستانکی سرکردٕ ممبر تہٕ ۔ یمو مےٚ آیندٕ یہٕ نظم ۲۱؍ اپریل ۱۹۸۶ ءیس اندر یومِ اقبال کِس موقس پیٹھ لاہورٕ پرناونک وعدٕ کوٚر، یُس تمہٕ وِزِ سٮ۪ٹھاہ ناممکن تہٕ دشوار باسان اوس ۔ پوٚز آیہٕ دانو واتہٕ نووس یہٕ ادِ اپریل ۱۹۸۶ءیس اندر پاکستان ۔

لاہور وأتتھ أسی مےٚ مرکزِیہٕ مجلس اقبالکی زٕ اہل کار خواجہ رشید تہٕ مرحوم مقبول احمد برزہ صأب (رازے کدل، سرینگر) گاڑی ہیتھ انتظارس ۔ امہٕ وِزِ واتہٕ نووہس یہٕ گوڈٕ جناب مفتی محی الدین صأب (اصل پانپور کشمیر) ہیٚنٛزِ کوچھِ پیٹھ پیٚتہٕ یہٕ تژ ہن دوہن ٹھہرنہٕ پتہٕ مرحوم ڈاکٹر سلام الدین نیاز صأبن پننہٕ کوچھِ (سمن آباد) لاہور واتہٕ نووہَس ۔ تتے پیٹھ کوٚرُم ۲۱؍ اپریل لاہور کِس واپڈا آڈیٹوریمس اندر ''نذرِ اقبال'' پننٕی کأشر نظم تہٕ تمیک منظوم اردو ترجمہٕ (یُس میأنی رفیق، شفیق تہٕ اتالیق دوس مرحوم حکیم منظور صأبن کوٚر مُت اوس، پیش) ۔ سو پُر وقار علمی تہٕ ادبی مجلس سپز علامہٕ سٮ۪ندِس لایق تہٕ فایق فرزند ڈاکٹر جاوید اقبال صأبنس صدارتس اندر منعقد ۔ اتھ خراج عقیدتچہٕ تأریخی مجلسہِ انٛد رأسی مملکتِ خداداد پاکستانکی بیٚیہٕ تژ ے عالمی پیمانکی مُفکر، دأنشور تہٕ تعلیمی مأہر (یمن علامہٕ اقبالس خراجِ عقیدت کرن اوس) پروفیسر ... جناب ... امیر الدین،

یہِندی فکر انگیز تہٕ عالمانہٕ تقریر بوزِتھ میون دِل و دماغ تہٕ سروتازٕ سپُد۔ مجلسہِ ہنٛدِس آخرس پیٹھ کوٚر پننِس صدارتی خطبس اندر ڈاکٹر جاوید اقبال صابن پننِس بابہٕ علامہ اقبالؒ سُند کاشرِ ن تہٕ کشیرِ ستی بے پناہ لول تہٕ محبت آسنک منظوم تہٕ نثری تحریرن ہُند تفصیلی تذکرٕ۔ تمہِ پتہٕ میانِن اشعارن اندر علامہ ہس ستی کاشرِ ن ہنٛدِ ذہنی تہٕ قلبی عقید تک تہٕ کاشریتُک اظہار عقیدت تہٕ وزِھ واٗنجہِ قبوٗل۔ امہِ پتہٕ اوس شامس پرٛھِن ہنٛدِ باپتھ علامہٕ اقبال صابنِس داماد میاں صلاح الدین صابنہِ کو چھِ ''گلبرگہ'' لاہور اکہِ ضیافتُک سٕز کرنہٕ آمُت۔ یتھ اندر گورنمنٹکی اعلیٰ سِول تہٕ فوجی افسر، وزیر، سماجی تہٕ سیاسی لیڈر تہٕ سرکردِ شہری شامل آسی۔ یمو اندر کینٛژو (بشمول واریاہن اخبارن تہٕ میگزینن ہنٛدی اڈیٹر) مےٚ ستی کشیرِ ہنٛدِ ن سیاسی تہٕ سماجی حالات و واقعاتن پیٹھ کم کاسہٕ زان کاری باپتھ سوال تہٕ کری۔ زیادٕ پہن سوال پرٛژھ اخبارِ ''نوائے وقت'' چیف اڈیٹر خواجہ حمید نظامی صابنے۔ تہنٛدِ ن سوالن ہُند جواب دیُت مےٚ سبھٕ تھاہ پرہیزٕ سان تہٕ موخصر حسابے منز۔ اتھ تقریبہِ اندر یوسہٕ نظم ''نذرِ اقبال'' مےٚ پٔر سو تہٕ آس ''مرکزیہ مجلسِ اقبال'' کِہو ذمہٕ دار و راوٕل پنجہِ ''شوکت آرٹ پریس'' (یمکی مالک برادر جاوید صاب چھِ، یِم سرینگرِ سورٕ ٹینگ رٕغنی وارِکی روزن واٗلی چھِ) آدم جی روڈ کِس چھاپ خانس اندر ساس کھنٛڈ چھاپتھ واپڈا آڈیٹوریمس اندر موجوٗد علامہ سٕندین زانن ماننِ والین اندر تقسیم کرٕمٕژ، یمچہِ داہ باہ کاپی میانہٕ

باپتھ تہٕ ممبرن ہٕنٛدی دستخط کٕرتھ تھاوِنہٕ آسہٕ آمٕژ ۔ یِہ سالہٕ مجلس وٲژ پاکستٲنی وقتچہ رٲژہنٛزِ داہہِ بجہِ انٛد ۔ میاں صلاح الدینہٕ اتھ کوچھ نبرٕ کنہِ باغس اندر اَسی وارِیاہن سرکردٕ کاشرٕ ہن ہنٛدی شُری زُری ، یمو پٕ اَکس گول دٲیرس انٛد رٕ ٹتھ گٔشیرِ تہٕ کٲشرِ زبٲنی پٮ۪ٹھ وارِیاہ سوال پرٕژھی ۔

کتھ تُجیٚے مےٚ تو ہہِ ستی ییٚلہِ بہٕ ۱۹۹۶ ءیُس اندر دفترِ پٮ۪ٹھٕ لالچوک دوستس اَکی ہٕنٛدِس دُکانس پٮ۪ٹھ صرف یِہ پرٕژھنہ باپتھ بلاوِنہٕ آس زِ مےٚ کیاہ زِ اوس ، مظفر آبادس اندر پننس اَکس رشتہٕ دار معزز مہاجر کٲشر ہٕنٛدِ رحمتِ حق سپدنہٕ پتہٕ ییٚتہٕ اخبار آفتابکس اَکس تعزیتی مضمونس اندر لیوٗکھمُت زِ بہٕ ییٚلہِ ۱۹۸۵ ءیَس اندر مظفر آباد تہنٛدِ گرِ دٔہن دوہن ٹھٔہرِتھ اوٗسس تمہنٕے دوہن اندر کوٚر تمو اکہِ دوہہٕ کالچن پتہٕ نبن ییٚہِ کینژھن کٲشرٕ ہن بیروکریٹ دوستن سال تہٕ تمہِ پتہٕ کوٚر تمو اتھ سالہٕ مجلسہِ اندر سارِوی مےٚ ستنٕ گٔشیرِ ہٕنٛدِس ہانٛٹھے متس تنازس پٮ۪ٹھ پننبن پننبن خیالاتن ہنٛز ووکھنے ۔ میون بوز تمو تہنٛد بوز مےٚ ۔ تتھی مجلسہِ اندر ووٚن کنٹ صاٮ۪بن پننبن خیالاتن ہنٛز باوتھ کران زِ " اتھ کتھِ چھُنہٕ کانہہ شک زِ پاکستان چھُ پرٕی پاٹھی اپارِ یپارِ گٔشیرِ تہٕ ستم زدٕ کاشرٕ ہن ہُنٛد رفیق ، شفیق ، معاون ، مُربی تہٕ مخلص ، مددگار ۔ مگر شریک کارٕ نہٕ کینٛہہ " ۔ اَتھی کنٹ صاٮ۪بنس وٕنی متس جملس پٮ۪ٹھ آس بہٕ اکہِ تحریک نواز جمأژہٕنٛدِس حلکمس پٮ۪ٹھ پتہٕ دفترِ جواہر نگرٕ پٮ۪ٹھ لالچوک بُلاوِنہٕ ، تتہٕ پٮ۪ٹھ اَکس اندٕ ٲنی جوانس ستی اَبی گنڈ ( پرتاپ

پارک) أکِس پراسرار مکانس اندر واتہٕ ناونہٕ۔

توٚت وأتتھ وُچھ مےٚ بیٚیہِ تہٕ زٕ ژور نفر تتہٕ دیندار چالہِ ڈالہِ کُرسین پیٹھ بڈ آرامہٕ تہٕ اطمینانہٕ سان تشریف تھأوِتھ۔ یمو صاحبو أنٛدرٕ کرٕ أکی خوبرو، باریش، شریف النفس تہٕ خلیق جوانن گوڈٕ مےٚ کُن ہیرِ بونہٕ پُراسرار اندازس اندر نظراتہٕ پڑ وژھنم "بزرگ اسہِ گرٛژھِ تکلیف دِنہٕ باپتھ درگزر کرُن، ووٚنی گوٚ و معاملاتن ہُنٛد چھُ تقاضہ زِ توہہِ نِش کرو امہِ مضمونکہِ جملے معترضک پوٚت منظر زأنتھ پنٛنۍ ملی تہٕ منصبی ذمہٕ دأری پورٕ۔ بزرگ اسہِ چھا یہِ حق واتان؟ درجواب پرٛژھوکھ مےٚ یہِ تہٕ تِہُنٛد تعارف، ہیکیا مےٚ سپدِتھ۔ زِ مےٚ کمن صاعبن ستی چھےٚ کمن معاملن پیٹھ جواب طلبی۔ یہِ بوٚزِتھ دوٚپ أمی صاعبن أسی چھِ تِہُنٛدی اولاد تہٕ تِہُنٛدُے راوُ رُمت لبنہِ دژا متی، پٔنٕن زُو جان قربان تھأوِتھ۔ یی زأنی تو تِہٕ سون تعارف۔ یہِ بوٚزِتھ ژھوٹ رٲو مےٚ پنٛنۍ زبو تہٕ دوٚپمکھ میانیو ٹاٹھیو، عزیزو، یہِ جُملہٕ چھُ تس کأشرِس غیرت مند تہٕ ستم رسیدٕ کأشر سُنٛد یُس پأکستأنی کنٹرولچہِ کشیرِ اندرٕ وُنیک تام لگ بھگ ژتجیہِ وٕری مہاجرانہٕ زندگی گذاران ووت، تِموی ووٚنی مےٚ تمہِ ساتہٕ زِ پأکستان چھُ سون ہر رنگہٕ غمخوار۔ پوٚز شریک کارنہٕ کینٛہہ۔ تمیُک وجہ بیان کران حض وون مےٚ کنٹ صأبن تمہِ وِزِ ۱۹۵۶ ءاندر ریٛلہِ سلامتی کونسلن کشیرِ ہِنٛدِس تنازس پیٹھ رأے شماری کرنہٕ بروٚنٛٹھ کشیرِ یونایٹیڈ نیشنزُک فوج سوزنُک قرارداد پاس کرنہٕ باپتھ رأے شماری کروِزِ۔

اتھ قرار دادس کوٚر تمہِ وقتہٕ رُوسن ویٹوٗ تہٕ بھارتن ترو وپھر بکھ ہیوٗ تہٕ وق کھنُجاونہٕ باپتھ کوٚر تمہِ وقتکی بھارتی وزیر اعظم پنڈت جواہر لال نہرون پارلیمنٹس اندر اعلان زِ بین الاقوامی ادارُک فوج کشیرِ سوزٕنچ چھنہٕ ضروٗرتھ۔ یہِ مسلہٕ حل کرنہٕ باپتھ چھُس یہِ پاکستانی وزیر اعظم بوگرا محمد علی صابس نوِ دلہِ ینچ دعوت دِوان۔ یہِ بوٗزِتھ پاکستانی وزیر اعظمن سارنے موافق تہٕ مخالف لیڈرن اتھ معاملس پیٹھ تہنز رائے زانٕنہٕ باپتھ تم ساری تمہِ وقتچہِ پاکستانچہِ راز دانہِ کراچی طلب کری۔ خاص کرتھ سوز کھراول پینٕچہِ تمہِ وقتہٕ کس صدرِ آزاد کشمیر میر واعظ مولوی محمد یوسف شاہ صابس تہٕ دعوت، تاکہِ تم وَنن کشیرِ ہنٛدِس تنازس پیٹھ پننٕ رائے۔ مولوی یوسف صاب یِیلہِ کراچی وأتتھ بوگرا محمد علی صابس سمکھی تمو وون تس تمہِ ساتہٕ "بو گرا صاب توہہِ اگر کشیرِ ہنٛدِس تنازس اند بوٚردِنہٕ باپتھ پنڈت جین نوِ دلہِ ینچ دعوت چھِ سوٗزمٕژ، یہِ چھِ تیلہِ سانہِ باپتھ پزٕ پاٹھی خوشخبری ہنز کتھ۔ خدا صاب بوزِنی یہِ اَسن بھارتی وزیر اعظمہٕ سُند مخلصانہٕ تہٕ پوٚز زُے آلو۔ مگر یہِ چھُ میانہِ خیالہٕ سلامتی کونسلکہِ قرار دادُک پریشر (pressure) تہٕ اثر زائل کرنہٕ باپتھ بھارتی وزیر اعظمہٕ سنٛز بیا کھا کھ چال بأزیا زِ ہندوستان تہٕ پاکستان أنزرن کشیرِ ہُند یہِ کھُری دار معاملہٕ ووٗنی پانہٕ وأنی۔ تہٕ چھو پانہٕ سیاست دان، تہٕ ہیکو تمن ستی کتھ باتھ کران پانہٕ تہٕ تمٕنگ انداز کرتھ زِ پنڈت جی ما چھُ کانٛہہ شرارت...

خأربہٕ کوتاہ ونہٕ توہہِ پٔنن گدرُن، مگر میون تجربہٕ تہٕ ذأتی خیال تھاوِ بوگرا صأب نظرِ تل تہٕ راے شماری ہٕنٛدِس آلوس پیٹھ دِی زبونہٕ زیادٕ زور۔ یہِ بوٗزِتھ وزیرِاعظمِ پأکستان حأران گوٚو تہٕ دوٚپنس "مولوی صأب تہٕ کیاہ چھو یہِ عجیبے کتھا ونان۔ مسئلے کشمیر أنزراونہٕ باپتھ ہےٚ چھہٕ راے شماری وأحد حل یُس تجویز چھ سلامتی کونسلن تہٕ قبوٗل کرمٕژ۔

مولوی صأب تہٕ کیاہ یہِ پھرِ تھُر کتھا ہش ونان۔ اتھ کُری تو ذرا وضاحتھ زِ تہُنٛدِ ونُنک مدعا تہٕ مقصد کیاہ چھُ۔ یہِ بوٗزِتھ دوٚپُس مولوی یوسف صأبن بوگرا صأب بہٕ چھس توہہِ یہِ کتھ ذہن نشین کرٕنی یژھنٕ دیانت تہٕ منصبی ذمہ دأری زانان زِمیون پأکستأنی ماحولس اندر از تامتھ روزُنک تجربہٕ چھُ یِی زِ اگر راے شمأری کرنہٕ باپتھ کشیرِ اپارِ یپارِ انتظام سپُد تہٕ پأکستانس اندر روزن والین کأشرِ بن مہاجرن ہٕنٛدی ووٹ ماسپدن ہندوستانہٕ کیسے حقس اندر استعمال۔ تکیازِ کأشرِ بن مہاجرن ستی یُس ورتاو تہٕ سلوٗک پأکستأنی حأکم تہٕ افسر کران چھِ تمہِ کِنی چھس بہٕ توہہِ یہِ کتھ بغأر کانہہ مصلحت یا مجبوری گوش گذار کران۔ بوزان چھس یم کأشرِ اپارِ بھارتی فوجہِ رِکس قبضس اندر رعأجزتہٕ آویز چھِ تم مادِن پننی راے تہتہِ پأکستانس ستی رٕلنس حقس اندر۔ تمیُک وجہ تہِ چھُ یِی زِ اسہِ چھُ پأکستانس اندر روٗزِتھ سبٹھاہ عأجزی تہٕ بے بسی محسوٗس سپدان تہٕ بھارتی قبضس اندر رہنہٕ آمتی کأشرِ چھِ تتہِ ظلم جبر تہٕ غلامی جنیُک دوہ گذاران۔ تمی کِنی چھس توہہِ نِش

یہِ رائے شماری ہٕنٛدِ نتیجُک حأران کن خدشہٕ ظأہر کران ۔ یپأرِ موٗ گرِ وتھ یعنے پأکستأنی سَرِ کھرِ ، اپأرِ موٗ گری تَم یعنے بھارتی سَرِ کھرِ ۔ یہِ بوٗ زِتھ دوٚپُس پأکستأنی وزیر اعظمن اتھ معاملس پیٹھ چھِ توہہِ ہتی سبٹھاہ ضروٗری تہٕ بڈٕ سنجیدگی سان کتھ باتھ کرٕنی زِ کأشُر مہاجر کیاز چھِ پأکستأنی افسرن تہٕ حأکمن نِش پیٹی متنفرتہٕ نالان ، تہِ أنٛز راوو بھارتی دور پیٹھٕ واپس تِتھے ” ۔

یہِ بوٗ زِتھ گے شاید تم سأنی آزأدی ہٕنٛدی جانباز تہِ حأران تہٕ دم پھُٹی ۔ یمو بہٕ تہنٛزِ بولہِ اندر تلمُت اوٗسُس ۔ أتھی اندر رووت مُشک ژھٹہٕ دُن قہوٕ پیالاتہِ ، تمیُک داماداماچوان پرٕ ژھُم امہِ ٹوٗگجہِ ہٕنٛدی بیٚیہِ أکی بارِیش خوبرونو جوانن ۔ تیٚلہِ ؤنی تو تہی زِ تہنٛد بن باقے شأعر ، قلمکار تہٕ دعوٰی دار دأنشورن ہُنٛد کیاہ خیال چھُ ، یمہِ ہتی کٔشیرِ ہُنٛد یہِ پُر پیچ مسلہٕ حل ہیکہِ سپدِتھ ۔ در جواب دوٚپمکھ مےٚ اگر تہی پزی باقین ہنٛز رائے تہِ زانٕنۍ أسو یژھان تیٚلہِ پزِ گوڈٕ سارِنٕے آزأدی پسند جمأژن اکھ سپدِ تھ اکھ منزل معتبر کرُن ۔ تمہِ پتہٕ سُہ حأصل کرنہٕ باپتھ مخلص تہٕ زأنی کار زِ گُٹھی ژارٕنی ،، پتہٕ موجوٗدٕ خونریز ماحولہٕ کاپہٕ أنتھ کٔشیرِ پیٹھ قأبض دوٚنوٕنی ملکن بھارتس تہٕ پأکستانس ہتی وٕتیچ نزاکت نظرِ تل تھأوِتھ اتھ مسلس پیٹھ فہمہ تہٕ فراستہٕ سان دعوٰی دلیل پیش کرٕنی ۔ تمہِ پتہٕ پننٕن مقبوٗلِ عام تہٕ جان شہرت تھاون والین کأشرٕن سمأجی تہٕ سیأسی بصیرت تہٕ والین معتبر دأنشورن ہنٛز اکھ کمیٹی بناوٕنی یم موجوٗدٕ بنگلہ دیش ( سابق مشرقی پاکستان ) کین عوأمی

لیڈرن ، مذہبی تہٕ سماجی زِٹھبن نِش گژھِتھ تِمن نِش یہِ راز زانٔن زِ اگر تِمو بنگالو بھارت تقسیم سپدِتھ پاکستانس ستی پٔنن لأن میٖل کریو وپتہٕ کم حالات سپدے تِتھی زِ یِمہِ کِنۍ تِمو پتہٕ کنوٕہ شتھ اکستتھس (۱۹۷۱ء) اندر بھارتی خفیہ اِدارن ستی ژوے کٔرتھ پتہٕ تِتھی مشرقی پٲکستانس پٮ۪ٹھ باضابطہٕ فوجی کاروأیی کرناوِتھ سُہ متحد پٲکستانہٕ نِشہِ الگ کٔرتھ تتھ بنگلہ دیش بناونہٕ و ، تمیُک وجہ تہٕ پۆت منظر زانُن چھُ سٮ۪ٹھاہ اہم تہٕ کار آمد ۔ کأشرٕن ہنٛدِ بنگلہ دیش بنٛنکی وجوٗہات تہٕ اسرار زأنِتھ پرٛژھ ہو پتہٕ بھارتی پنجابہٕ کِبن علیحدگی پسند سکھ لیڈرن تہِ تِمو کمہِ باپتھ ہیٚژ وو پٲکستانس بھارتہٕ نِش الگ گژھنہٕ خأطرٕ ژھاپہِ ہِلس فوجی تہٕ مأ لی مدد ۔ یِمن سکھن بھارت تقسیم سپدنہٕ بروٗنہہ تہٕ پتہٕ تہِ مسلمانن ستی سنگین دُشمنی تہٕ ہبن اوس پٲدٕ کرنہٕ آمُت ، یِمن پانہٕ وأنۍ خوٗنس تہٕ ترٛیشہِ ہنٛز دُشمندأری سپز ہژٕ أس تِمنے دُشمنن ستی کموو جو ہاتو کِنۍ سپز اِد سکھن پٲکستانس ستی دوسدأری ۔ دہن ؤری ین لوٗ ڈکھ بھارتی فوجس ستی جدید فوجی سازٕ سامانہٕ ستی ۔ ساسہٕ بُدی سکھ نوجوان سپدی قتل ، نار ، مار ، عصمت دری تہٕ بے عزتی سپزٕ کھ انتہأیی درٛچ ۔ تمہِ دُشمندأری ہنٛدی آخ چھِکھ از تہِ نمایاں سپدان ییٚلہِ دربار صاحب (امرتسر) کس احاطس اندر رخألِصتان بناونکی پوسٹر تہٕ کتابہٕ چھَ بٲگراونہٕ یِوان ۔ تِمن علیحدگی پسند سکھ لیڈرن نِش گژھِتھ زانہٕ ہأوِتم کیاز تہٕ کمہِ مقصدٕ باپتھ آسی پٔننبن ہیٚندی بھاین نِش بیوٗن ییٚہن یژھان ۔ یِمن دونوٗنی قومن بنگالبن تہٕ سکھن نِش

گرٕھتھ تہنٛدی خیالاتھ زانٛنۍ چھِ کشیرِ ہُند مسلہٕ أنزراونہٕ باپتھ میانہِ خیالہٕ سبٹھاہ اہم تہٕ کارآمد۔ اتھ لگہِ وق، وتاوٕلی کرنہٕ ستی چھُ مزید دَدارٕ واتنُک اندیشہٕ۔ یہِ چھُ ملکی معاملہٕ أنزراوُن۔ یہِ چھُنہٕ اکہِ گرٕک مسلہٕ بٔلکہ چھُ یہِ شیٔہ شیتھ ساس ۸۶۰۰۰ کلومیٹرن ہنٛدِس رقبس پیٹھ مشتمل ریاستِ جموں و کشمیر تہٕ لداخ خطٕ کین اکھ کروٚر پیٹھی لۄکن ہنٛدِ مستقبلُک تہٕ تقدیرُک فأصلہٕ کرُن، یُتھ ماملہٕ أنزراونہٕ باپتھ گرٕھِ اکھ سونٛچ، سمجھ، تدبُر تہٕ توٚژھ آسنۍ ییمہِ کنۍ یہِ موجودٕ خونریز ماحولہٕ بامقصد طریقس پیٹھ پنٛنِ سٕہ مٔنزل پرأوِتھ ہیکہِ، ییمہٕ باپتھ کأشرۍ یۄت ظلم، جبر، نار، مار، عصمت دٔری تہٕ باقے نہٕ وننۍ لایق عذاب برداش کٔرتھ تہٕ ہمبتھ ہأرنہٕ۔ یہِ چھُ پنٛنِس کامیاب پڑاوس تام واتہٕ نأوِتھ پنہٕ نِبن پنہٕ والِبن نسلن ہنٛدِ باپتھ امن، سلامتی تہٕ پایرجأیی ہنٛزِ وتہٕ گأشراوِتھ تھاونہٕ۔

یہِ سورُے میون کلامہٕ بۄزِتھ دۄ پہم بزرگ تہۍ اگر ژھوپہٕ کٔری تھےٕ رۄزِ وسو آسہِ اسہِ پیٹھ تہنٛز سبٹھاہ بڈ مہربأنی۔ پتہٕ وُچھِو تہۍ انشاءاللہ أسی کتھِ کنۍ کرون ملکِ کشمیر آزاد تہٕ آباد۔ مےٚ کۄر ربڈِ ہتہِ آمین یارب العالمین۔



# منصب دأری، پڑھ تہٕ پرتیتھ

ڈوگرٕ مہراج ہری سنگھنس دورِ اقتدار ۱۹۴۰ عیسوی یَس منزٕ آس سورگیہِ پنڈت پریم ناتھ بزاز صابنس اخبار ''ہمدرد'' کِس أکِس شُمارس منزٕ أکِس پُلسہٕ افسرس خلاف یہِ خبر شایع گأمڑ زِ تٔمی اوس أکِس غلط کار شخصہٕ سنٛدِس جُرمس کوٚژھ رٲٹتھ وُرن کٔرِتھ پنٛن سرکأرؠ منصبہٕ داغدار کوٚرمُت۔ یہِ خبر ییٚلہِ أمس آخری ڈوگرٕ مہراج ہری سنگھس تام وٲژ تٔمی کوٚر حُکم زِ مذکوٗرٕ پُلسہٕ اَفسر گژھِ فوراً معطل کرُن، امہِ پتہٕ گژھس اِنکوٚیری (enquiry) سپدٕنی تہٕ أکِس ہفتس اندر گژھِ امہِ اِلزامُک تحقیقاتی رپورٹ مہراجہ کشمیرس نِش واتُن۔ اکھ ہفتہٕ سپدِتھ سوٗز تحقیقأتی کمیٹی مہراج صأبس رپورٹ زِ یہِ اِلزام اوس پُلسہٕ اَفسرس پیٚٹھ ۂٹہٕ مٔٹہٕ لاگنہٕ آمُت یُس أمِس ہنٛدِ بو ماتحت پُلسہٕ افسرو أمنٛزِ سخت گیر پالیسی تہٕ ورتاوٕ کہ عداوتہٕ أمِس خلاف اخبارس تام واتہٕ نوومُت اوس۔

اِنکوری رِپورٹ پٔرِتھ اوس مہراج صأبن حکم دِیُتمُت زِ ''أمِس ذمہٕ دار پُلسہٕ افسرس خلافِ خبرٕ ستہٕ پرٛوٚکن اندر أمنٛزِ سرکأرؠ منصب دأری تہٕ

شہرت مشکوٗک تہٕ داغدار۔ سو کتھ نظرِ تل تھاٲوِتھ چھُ مابدولت حکم دِوان زِ یِہ پُلسہٕ افسر چھُ امہِ اِلزامہٕ کِہ تاٲریخہ پیٹھٕ نوکری نِشہِ برطرف کرنہٕ یِوان، تہٕ ہانٛژھ لگنہٕ کِہ تاٲریخہٕ پیٹھٕ ریٹایر منٹکس وقتس تام یُس تاہ رقم تنخوا ہُک واتان چھُس، تہٕ سوٗرُے گرٛژھس یک مُش نقد ادا کرِتھ روخصتھ کرُن تاکہ پُلسک عوامی اعتبار تہٕ وقار سپدِ نہٕ عامن تہٕ خاصن اندر بے اعتبار۔ یِہ تو ہمتھ چھنہٕ کانٛسہِ شخصہٕ ہِندِس ذاتسے یٲژ منٛز چھاوان بلکہ اکِہ ذمہ دار عہدٕچ پژھ تہٕ پژناوان۔☆

کٲری تو وونی جنابو شخصی دور کِہ انصاف تہٕ قونُنچہ پاسدٲری موجوٗد بناسپتی لُکہٕ راجہِ کِہن حاکمن تہٕ افسرن ہِندِس دیانتس تہٕ عوٲمی اعتبارس پانہٕ وٲنی فرق تہٕ وزن۔ اِدِ دِی تو "آزاد" حاکمہٕ ہِژن ہو چھِن گگراین گن تہٕ بدنام زمان دورِ غلاٗمی ہِژن وُزملن ژٕ ہتھ دِتھ داد۔



۲۸ر جنوری ۲۰۰۶ء

☆ یِہ واقعہٕ چھُ مے اخبارِ آفتابکی ماٗلک تہٕ مدیر خواجہ ثنا اللہ بٹ صاٲبن وَنمُت۔

# نفس ماچھُ وادکران

۱۹۷۵ ءیَس اندر پیٛو واَسہِ دون ترٛبن دوستن اکہِ کامہِ ہٕنٛدِس سِلسلس اندر دلہِ گژھُن ۔ رٕتھ اوس جنوری ۔ اتھ وقتس اندر اٰس اکثر بانہلہ زنتہٕ کوٚھی نیرتھ ژلان ۔ یمہِ سببہٕ امہِ وَتہِ پٕنہٕ گژھن والین مسافرن سخ اِیذا اوس تُلُن پیوان ۔ مےٚ چھِ پانہٕ تہِ امہِ وتہِ یوان گژھان کم دوکھ تہٕ چھوکھ وبتراونی پیٛمتی ۔ تمن ہنٛز وو کھنےٚ کروانشاءاللہ بیٛیہٕ ساتہ ۔ رزقِ حیات آسنہٕ کِنٛی چھس از تام زنٛدٕ ، نتہٕ سپدیایہِ اَتھ وتہِ اندر تِتھی حاٗدثہ تہِ یِتھین نہٕ کانٛہہ بچن بڑانتھے اٰس روزان ۔ مقبول صاٗب کرالہٕ واٗری چھُنا مثنوی گُلریزِ اندرونان :

بُرتھ دیِٛت ہس خیال زوٗنم بہٕ موٗدُس
رَچھُن اوُسُس خدایس زِندٕ روٗدُس

امہِ شعرچہِ مثلہ ہنٛز مثال چھس بہٕ یُٔنی پٲٹھی پانٛی پانےٚ ، تم پریشان

گُن واقعہٕ یاد پیٚتھ چھِم ازتہٕ ترٛ گنٛڈی پھٹان۔ تِمو اندر بوزناوٚ وانشاء اللہ اکھ واقعہ بروٚنٹھہ گُن ضرور۔ توٚہہِ چھِم امہِ وَتہٕ پیٚش آمُت سُہ اکھ واقعہ وَنُن یُس مےٚ پننبن یارن دوستن نِش وِزِ وِزِ وٕنہٕ ہنومُت تہٕ چھُ۔

کتھ چھےٚ ییٚتھ کنٛی زِ ٲسی دوس ترٛے دزاے امہِ دوہہٕ صُبحس لگ بھگ اُٹھِ بجہِ سرینگرٕ ٹوُرسٹ سینٹر پیٹھہٕ آر، ٹی، سی بسہِ اندر جوٗم گُن۔ موسم تہٕ اوس سخ غنودگی اندر، افتابہ بچورتہٕ زَن اوس پانہٕ ترِ ستی ہانیومُت، زن تہٕ کرٛہنہٕ دوگنہٕ ژادرِ پان وٕلِتھ کتہٕ تام ژوٗرِ بہتھ ٹنل کراس کٔرتھ اوس گٹھِ کوٗش سرٛکہِ زَن تیلہٕ بگار کوٚرمُت، توٚ کنٛی اوس ڈرایورتہٕ گاڑی بڈٕ حسبہٕ سان وارٕ وارٕ پکہٕ ناوان۔ امہِ دوہہ ٲس وَتھ ترٛییہٕ دوہی پتہٕ یِنہٕ گرٛھنہٕ باپتھ یلہٕ تراونہٕ آمٕژ۔ ییٚتھِ تِتھِ وٲتی ٲسی بٹوٗت، ییٚتِہ ٲسی بتہٕ کھیٚنہٕ باپتھ ڈرایورن بتٲے وانس ٲکِس نکھہٕ ترٛ ٲوی۔ وانس پیٹھہٕ کھسِتھ دوٗپ بتٲیِس ماز، بتہٕ تہٕ دودان ساسانہِ باپتھ۔ یہٕ بوٗزِتھ دوٗپ بتٲے نہٕ چھُ مازنہٕ دودتہٕ نہ سبزی کانٛہہ موجوٗد۔ ترٛہن دوہن وَتھ بنٛد آسنہٕ سببہٕ چھُ سورُے موکلیومُت۔ ووٚنی گوٚوبتس ستی اگر کوکر پلیٹ کھیٚیوسہ کروحاضر، تہٕ چھُ موجوٗد۔ اسہِ دوٗپُس اتھ تہٕ چھاپرٕژھان، اَن سہ وٕلی وٕلی، خبر چھا بروٚنٹھہ گُن کیاہ حال آسہِ۔ توٚ تہٕ تھوٚو کوکرناٹہِ پھٔلِس دنٛد دِتھے۔ میٚہ باسیوو کھوان کھوانے کیاہتام ژاچھرہیوٚ، پوٚز کتھے کھیٚیم۔ ووٚنم نہٕ کانسی۔ خلال کران دزاے بٹوٗتہٕ تہٕ کُد وٲتِتھ چوٗژھوٗرُے ژھوٗرُے چاے پیالا۔ لتہٕ نیرتھ باسیوو میٚے

جسمس اند روٗتھ کیاہتام فسادا ہیوٚ ۔ گرائےٚ گگرایہِ، گرا آو آولُن تہٕ گرٕاہوٚ کھ
اُس، تہٕ موخصر بوزِ و مزاژُک سورُے میزان ڈوٗل ۔ جوٗم وأتتھ کوٗر
فأصلہٕ زِ کالچنس کھمبو چموٗنہٕ کہیں ۔ موخصر کوٗر ہوٹلُک کمرٕ تہٕ بجلی بنٛد کرتھ
شوٗنگی ۔ صُبحچہ ژور بجہِ گوس بہٕ اچانک ہُشیار تہٕ چاٮٔنٛٹس باسیوٚم کیاہتام ماچھُر
ہیوٚ لاریومُت ۔ شانٛدِ پیٹھ کلہٕ تھوٗد تُلتھ وُچھم اَتھ پیٹھ لالہٕ اَڈپاوازَن تہِ بٔطنٛ
ٹھوٗلہٕ چھُژ روٗسی گومُت ۔ یہِ وُچھتھ گوم سخ وہمہٕ تہٕ بانٛبرِتھ گوس ہُم زٕ دوس
وُزناونہِ یمن دوشوٗنی تہِ أسی میانی آیہِ شانٛدس پیٹھ لال پشپتھ زن
لجمژ ۔ کربکھ دِتھ دوٗیمکھ اَسہِ ہاچھُ ظأہر الب لبلےٚ وٕتھتھ آمُت ۔ افسوٗس
اَسہِ کیٛاہ گوٚو تہٕ اَسہِ کیٛاہ کھوٚ ۔ موخصر دراے ہوٹلہٕ اند رجوٗم اسپتال اتہِ
اوس روت ڈیوٹی پیٹھ کأشرُے بٔڈہٕ کوٚتاہ اکھ ڈاکٹر ۔ أمی کوٗر ملاحظہ تژیشوٗنی
تہٕ پرٛژھُن کالکہِ دوٚہ بٕنُن گُدرُن تہٕ کھبنُک چینٛگ تفصیل ۔ یہِ بوٗزِتھ
دِژن دوا پھٔلی ہناتہٕ اتھ پیٹھ وٕزُل دواڈوز ہناتہِ چوٗن ۔ دوٚپُن کرِو گھنٹس
کھنڈس بیڈن پیٹھ آرام ۔ ٹھیک گژھِو فکر مہٕ برِو ۔ بہٕ کرٕ بڈس ڈاکٹر صأبس
ستی تہِ مشورٕ ۔ اوڈ گھنٹا گوٚو تہٕ دوت بوٚڈ ڈاکٹر صأب تہِ اَسہِ ملاحظہ کرنہِ ۔
تس تہِ وٕون کالُک سورُے روداد سفرامہِ پتہٕ پرٛژھُن ۔ چاول کے ساتھ
انڈے یا پنیر تو نہیں کھائی ہے ۔ اَسہِ دوٚپُس، جناب نہیں ۔ ہم نے چاول
کے ساتھ مرغے کا گوشت کھایا ہے ۔ یہِ بوٗزِتھ اَنہٕ نووُن لیبارٹری أندرٕ
گُس تام ڈاکٹر تہٕ تس ستی ژاوکھ اندر داہ پنٛداہ منٹ گژھتھ دراو تورٕ تہٕ

دۄ پُن ''دیکھو گوشت خور کشمیری نوجوانو آپ نے مرغے کا گوشت نہیں کھایا ہے بلکہ آپ کو کوے کا گوشت کھلایا گیا ہے۔ بھگوان کی کرپا سے آپ نے یہ کوے کے گوشت کے اندر غلیظ مادہ اُگل دیا ہے جس سے آپ کونج ہونے سے بچ گئے ورنہ تمہیں وہ خطرہ بھی تھا، اب یہ تین انجکشن کر کے ایک ہفتے تک یہ ٹکیاں بھی کھالیں ٹھیک ہو جاؤ گے۔ امہِ پتہٕ چھُنہٕ اَسہِ زانٛہہ تہِ امہِ وتہٕ ہنٛدِس سفرس دوران بتأے وانس پیٹھ کھسنگ ناوتہٕ ہیوٚتمُت۔



۳۱، جُلے ۲۰۰۶ء

# موغل ژٕلِتھ تہٕ پھوٚرنہٕ اسہِ فارسی

ترٛیمہِ دسمبر ۱۹۹۶ء پیٹھ ترٛین دوہن ہنٛدِ یمہِ سمینارُک سٹرٛ کشمیر یونیورسٹی ہنٛدی کأشری ڈیپارٹمنٹن ''کأشرِ زبأنی پیٹھ فارسی زبأنی ہُنٛد سوچھ'' عنوانس تحت کوٚرمُت اوس۔ سُہ جنابو ووت موجوٗدِ گانٛگلہِ لدوقتس اندر خدا صأبنہِ فضلہٕ ستی زبرپأٹھی اند۔

سمینارُک دَس ٹُل وایس چانسلر صأبن یونیورسٹی ہنٛدِس وُشنس کمیٹی روٗمس اندر رتمہِ وِزِییلہِ نیٚبری کنِہ شینہٕ تھوسی أسی پھوان۔ توٚ کنِہ سپدی سمینارس اندر شأمل دأنشور، پروفیسر تہٕ قلم کار نیٚبر مہِ سردی تہٕ أندر مہِ گرمی ستی مِزازن شیر گرم۔ییمہِ سببہٕ تِمن اِد پانہٕ وأنی کانٛہہ تہٕ ادبی ٹھولہٕ ٹھول یا ٹھم ٹھم سپز۔یہِ امہِ سمینارٕ باپتھ فالِ نیک تہٕ ثابت گوٚو۔

امہِ سمینارٕکی یژمن جناب پروفیسر مرغوب بانہألی صأب أسی تہنٛزی کتھِ کُل کٲشیرِ ہنٛدین لِکھارین مختلف موضوعن پیٹھ مقالات تحریر کرناونہٕ باپتھ دپنہِ دژامتی۔یِ تیٚمہِ سالہٕ أنی متین لِکھارین ہنٛدی اسم گرامی تہٕ تھاہ پتاہ یاد آسُن تہِ زأنی توم رغوب صأبنی پأکھ ژ[illegible]۔یمن نہٕ مقالہ پرُن

اوس تم آے مشاعرن اندر توتہٕ شامل کرنہٕ ۔ پوز اتھ سیمینارس اندر شامل
کانٛہہ تہٕ قلم کار روٗدنہٕ بوزن ووے یوت ۔ پنہٕ نٕبن پنہٕ نٕبن مقالاتن اندر تہٕ
کنیٖ عالموتہٕ اُدیبو فارسی زبانٕ ہنٛدِ طرفہٕ کاشرن تہٕ کاشرِ زبانٕ پیٹھ سپد مُت
سوچھ البسومُت اوس ، تمیُک مول ہیکہٕ نہٕ کاشرتیٚلہِ قیامتہٕ کس صُبحس تام نکھے
وٲلتھ ۔ یہِ بوزان مےٚ ہوس مُزکس تہٕ فارسی زبانٕ ہنٛدِ طرفہٕ اسہِ مٹہِ قرضن لرزٕ
ہیوٗ ژاو ۔ پوز سیمینارس اندر آے تمہِ وٕنیکی تم ساری گوشہِ بدِ کڈنہٕ یم زانتھ مےٚ
اتھ سیمینارس اندر اکہِ خاص مقالک نہٕ آسُن سراسر نا انصافی تہٕ بوڈ بارٕ ژھربر
باسیوٗ و ، سُہ گوٚو فارسی دورس اندر کاشرن پیٹھ سپد یمتہِ ظُلمہٕ جبرُک داستان ۔

مقالہِ نگار عالمن ، اُدیبن تہٕ مورخینن ہنٛدِ وننہٕ تہٕ زاننہٕ چھِ اسہِ فارسی
دورکی گرٛژرٛوس احسان تہٕ فائیدِ وٲتیٕ متی ۔ اما پوز تیٚلہِ کُمی سنا گستاخ ہٕبڈن
گری چھِ تمن لُٹی لانج تہٕ ریٖشہ کجہٕ مژ ۔ مےٚ چھُ ازتہٕ یاد یٚلہِ بہٕ پنہٕ نٕبن
گندن باجن ستی بڈِ ہٹہِ ونان اوُسس "سونس روپس کوٚرُن دوغل ، موغل
لوٚگم بلاے" ۔ پوغہٕ موغل ، شینایہِ موغل ، شکس موغل یا موغل ڈیشتھ گرٛژھِ
فارسی پھوٚرُن ۔ موغلن ہنٛزِ پیٹھاولی پتہٕ آے پٹھانن ہنٛز وٲری ۔ یمن
کاشری کھر پٹھان ، کھنز پٹھان ، کھرِ پٹھان سوٗدِ مسلمان بیٚترِ بیٚترٕ ونٛتھ نفرت
اُسی کران ۔ وونٕ وٕنی توتُہی تہٕ جناب یمن معاملن دَل دیُٛن تہٕ اوس ناضروٗری
اِدِ پہٕ ہواسہِ پھوٗرتوتہٕ موغل ژٕلتھ فارسی ۔

☆☆☆

# بار خدایا کاشرٕ بن دادس وات

## کاشرٕ بن آسہٕ منزٕ چھےٚ راوان زیو

اگر کأنسہِ گرو اٚلِس تہٕ گرِچہ کُنہِ ضرۄری کامہِ کارس اندر رباٚقہٕ گرِ باٚژ پلزنس نکھے مۄران چھِ، سُہ تہٕ چھُ تیلہِ تمہِ گرِچہ بجأیی تہٕ پا پرجأیی کُن کہے توجہ دِوان، یمہِ کِنہِ اِد تتھ گرس پھۄلنہٕ پھاپھلنہٕ نِشہ زن تہٕ شاپھ چھُ لگان۔ یہِ چھُ اکھ فطری عمل، تتھے کِنہِ چھُ ازپرٕ تتھ کانہہ عام گرتک کاشُر تہٕ پننہِ ماجہِ زیوٕ ہنز بے کسی تہٕ لاچأری پیٹھ نالہٕ زأری کران، یۄ زامیٖک ذمہٕ دار تہٕ مجرم چھُ توے کاشرِس بیدار ذہن لِکھارِس، غیرت مند تہٕ حساس صحافیس تہٕ دانشورسے گنزران۔ أہندی کِنہِ گوژھ سُے یوت گرِ تہٕ پرِ نألی پھبرن، پھبکبن پیٹھ ژادر تہٕ کلس ژوکھاٹل ٹوپٕی دِتھ کھۄرن پُلہٕ ہۄر لأ ِگتھ وتہِ وتہِ سرکس جوکر (Circus Joker) ہیۆ پھیرُن۔ پانہٕ یُس تہِ رنگ رۄپ خوش کرِبکھ سُے دھارن گرِتھ زینہٕ ہن وقتک داو۔ تہنزی کتھ "ژ پُشرحض دسکیرسن چھ وا تنا و مکانِ لوگ ہِنْی"

کتھ چھےٚ ژ۪تھ دِنٕی لایق ۔ کأشُر زبو یوسہٕ اژ پننی گرِ وانٛگ وأرِس لٲجمٕژ
چھےٚ تمیُک ذمہٕ دار چھُنہٕ صرف امہِ زبأنی ہُنٛد لِکھأری یوٗت، پوٚز یہِ رٔچھنٕز
تہٕ رٕژھراوٕنی چھےٚ پرٛتھ أکِس کأشرِس سُنٛد قومی فرض ۔ییٚمہِ رنگہٕ تہِ یُس
اکھ کأشُر امیُک رُوح تہٕ جسم موٗجوٗدٕ پیٛٹھاول زبانٛن ہنٛد ضربہٕ کأری نِشہِ
بچأوِتھ ہیکہِ، سُہ چھُ تہنٛدِ کأشُر آسنُک عملی رول بنان ۔نعرٕ بأزی تہٕ پانہٕ
وأنی پامہٕ ووتُر کرنہٕ ستی واتہِ نہ اَتھ کانٛہہ سوٗ چھ ۔اَتھ چھُنہٕ کانٛہہ شکھ زِ یہِ
مأری مٕنٛز تہٕ موتبرڈ کھی جل زبان آیہِ وِزِ وِزِ کأشرٕن ہنٛدِ میرأثی بوکھچہِ منٛز
کڈنہٕ تہٕ اتھ وتہٕ وبلاے کرنچہِ کأژاہ سأزِشہ تہِ کرنہٕ، پوٚز یہِ أس پرٛتھ وِز
پننے تونگرٕ اڑٕ مأر گرٛھِتھ تہِ زنٛدٕ روزان ۔کٔشیرِ ووت پتٔی موٗ پانٛژ وہتوٕری یو
پیٛٹھٕ غأر کأشرٕن حکمرانن ہنٛزِ ووپر زبأنن ہنٛز پیٛٹھاوٗلی وبتران پٔتران تہٕ پننٕز
ماجہِ زبو رٕژھران تہٕ رَچھان ۔تِموٗ پرَ پُرنہِ ہنٛد یوٗحأ کموتہٕ حکمرانو تِھ کنٕز
سأنی کینٛہہ اوپٕر تہٕ ژھوٚژی غرضہٕ أنی لِکھأری تہٕ چوٗدٕری پننی کأشِر میٛٹھی تہٕ
مٔدرِ ماجہِ زبو مٔشراونہٕ باپتھ آمادٕ گرٛتھ تِہنٛزن زبأنن اندر ووٗزم بولبوش تہِ کر
نأوِی، مگر تِہنٛزٕ تِمہِ بولہِ تہِ روزٕ تِہنٛزِ حکمرأنی تہٕ پیٛٹھاولی تامٕے زِنٛدٕ ۔پتہٕ أسی
بیٚیہِ کأشرزبو زن تہِ قبرِ أنٛدرٕ زِنٛدٕ گرٛھِتھ نیران تہٕ پنُن آسُن چُکاوان ۔اتھ
چھُنہٕ کانٛہہ شکھ زِ گنوشتھ ستہٕ تأجی (۱۹۴۷ء) پتہٕ آیے کأشِر زبان علمی
زبان بناونچ شعوری عمل کرنہٕ ییٚلہِ سکوٗلن اندر رأٹھی مہِ جمأژ تام باضأبطہٕ
کأشُر پرُن تہٕ پرناوُنُک دسلابہٕ کرنہٕ آیہِ دتھ دوران آسہِ کأشُر پرٕنُک

اوپ ژوپ سکوٗلے سپُد ۔ پتہٕ آیہِ بیٚیہ گنوہ شتھ ترٕ وُنزاہ (۱۹۵۳ء) پتہٕ چہ حکمرأنی اندر کأشرِ زبو ووزمہِ اقتدار چہ بلایہ دِتھ نابودے کرنہٕ ۔ پتھ گُن نظر دِتھ چھےٚ یہِ کتھ ٹاکارٕ پأٹھی لبنہٕ یوان زِ ییٚلہِ ییٚلہ تہٕ کأشرٕن ادبی، سیأسی شعبہِ بازن پوٗنچ تہٕ پٹھاوُلی ہُنٛد جن چھُ بڑادان، تیٚلہِ تیٚلہ چھِ تم کأشرِ قومہٕ چہ بدحألی، کأشرِ زبأنی ہٕنٛزِ پامألی تہٕ کٔشیرِ ہٕنٛدی ژُکھی درٛینتھ نالہٕ دِوان ۔ خلأیقو کأشرٕن ہٕنٛز شناخت ہَسا چھےٚ کأشرِ زبأنی ستی، یوسہٕ تمن أکِس منظّم سأزشہِ ہٕنٛدِس پوٚت منظرس اندر رمٹاونہٕ چھِ یوان تہٕ تہنٛزٕ ماجہِ زبو چھےٚ تہنٛدی گرٕ وورٕ وُہٕ ہارس لاگتھ پننٛز ووپرٕ تہٕ ووزٕم حکمرأنی ہٕنٛدی سنگین قلایے گنٛڈنہٕ یوان، یتھ خلاف اسہِ ہوٚل گنٛڈِتھ ہوشیار تہٕ خبردار پزٕ روزُن ۔ تِم غرضہٕ أنی پردارٕ کی کأشرِ چھِ وقتہٕ وقتہٕ ماجہِ کٔشیرِ ہُنٛد دامن پُژ نأوِتھ پننٛز ژھری تہٕ چھیٚنی چنٛدٕ برٕتھ اِدٕ پنہٕ نِسے پگہس بوٚرتر کتھ نِوان ۔



۹ر جُلے ۲۰۰۶ء

# فارسی پھۆرُم موغل ڈیشتھ تہٕ

۲۹ر اپریل ۱۹۶۹ء بلو وکشمیر ٹریڈرس فیڈ ریشنکو ذمہ داروپنُن سالانہ اجلاس شہرِ خاص رکس دِل زأنہ کدلہٕ مرحوم حبیب اللہ زرگر (المعروف بیارُو) صابٕنس وسیع دیوان خانس اندر۔ یتھ منز تمو وادی ہنٛدی نامدار تأجر، سرکردہ شہری، معروف صحأفی، دأنشور تہٕ أدیب تہٕ بیٚیہٕ پانٛژھ شےٚ شاعر اکہِ موخصر شعرِ مجلسہِ اندر پنُن پنُن کلامہٕ پرنہٕ باپتھ دعوت دِتھأنی ٲسی۔ یمن اندر تمہِ وِزےٚ تہِ پنُن کلامہٕ پرنُک موقعہ دِنہٕ آو۔ اَتھ معتبر مجلسہِ اندر اوس تأجرو پننس تجارتس پھولنس تہٕ پھاپھلنس درپیش معاملات تہٕ مسأیل حأکمن تام واتہٕ ناونہٕ باپتھ اکہِ پریس کانفرنسہِ ہُنٛد تہِ اہتمام کوٚرمُت۔ یتھ اندرتمہِ وقتُک فیڈ ریشنُک صدر سورگیہ شری پروفیسر ایم، ایل، مدن تہٕ سیکریٹری جنرل شہرِ خاصُک اکھ نامدار تأجر مرحوم خواجہ عبدالسلام پارموصأبن تمن مسأیلن ہنٛز ووکھنے کریم تأجرن ہنٛدِس تجارتس ٹھرِ ٲسی یوان۔ امہِ تأریخی تہٕ شاندار مجلسہِ ہنٛدِ صدراتہٕ باپتھ اوس تمہِ وقتُک کشمیر یونیورسٹی ہُنٛد وایس چانسلر جناب نورالدین صأب تہٕ بطور مہمانِ خصوصی مرحوم شیخ محمد عبداللہ ژارنہٕ آمُت۔

(۲۸ر اپریل ۱۹۶۹ اسہِ کُن تیٚوسارکی سے وادی کشیر منز بار شینن تہٕ)

اتھ پُر وقار مجلسہِ اندر یمہِ وِزِ مشاعرُک اعلان کرنہٕ آو تہٕ بوٗ زِ تھےٚ موٚر شیخ صأبن یہےٚ نس ہِش ۔ باسیو وزن تہٕ مزاز گوس عاجز ۔ خبر کیاز زِ تہٕ زانہٕ ہے شیخ صأبے ۔ مشاعرُک دَس تُلہٕ نووُکھ اکھ معزز تہٕ وأنسٕتھ اردو تہٕ کأشرِ پأٹھی لیکھن وول شاعر مرحوم سید اکبر ہاشمی صأب ۔ یِمٕی وار یاہ اردو تہٕ کأشرِ غزل ، ژُ مصرأیی تہٕ نظمہٕ پرِ ۔ امہِ پتہٕ بلوو کھ وادی ہُنٛد معروف مزاحیہ شاعر مرحوم خضر مغربی صأب ، یِمٕی وار یاہ ہلکہٕ پھلکہٕ کلامہٕ پٔرتھ مجلس زعفران زار بنأو ۔ تمہِ پتہٕ آو تژ یم ناو میون بُلاونہٕ ۔ اوتامتھ اوس مےٚ دأیرمُت زِ بہٕ پرِ اتھ مجلسہ اندر پننٕ کینٛہہ طنزیہ کلامے، مگر ربّ زانان زِ مےٚ کِتھ کنِ سپُد امہِ ساتہٕ تیُتھ جُرت تہٕ تژھ ہمتھ پأدِ زِ مےٚ پوٚر اَتھ معتبر مجلسہ اندر شیخ صأبنہ موجوٗدگی منٛز ے شیخ صأبنہ سیأسی حکمتِ عملی ہنٛزِ ناکأمی پٹھ پننٕ لیوٚکھمُت منظوم کلامہٕ ۔ گوڈٕ پٔرم یم ژ ژُ مصرأی :

اول: مہ تُل کتھ تمہِ بےٚ پژھ وأران شہرِچ
یچھ گر گر قیامتھ وأنس قہرِچ
زہر خورِ کونہٕ ژیوٗنتھ وأنس رأوی
دِوان اَسہِ آب وقتُک کأم زہرِچ

O

دوییم:

دِلُک سوکھ تیلہِ گُنم اکہِ طیشہ باپتھ
دِژم پدٕس پنٕنہٕ أرِ عأیشہ باپتھ

جنٛونس منز حیاتکی ناگ پورِ
گوٚژھم از آبہٕ قطرا تریشہِ باپتھ



پتہٕ پرٕم یہِ غزل تہِ تکرارٕ سان:

شالٕی تارکھ ہاوِتھم ژٔے براٚنتی بۄزی کرِتھم نظر
دٕ دونن منز راوٕ رووٕتھ میون پوشن ہُند شہر
آوٕلنی رٔٹ ناو سٔدرس منز مےٚ کوٚر فولاٰدی دِل
ستی ساحل تام اٚنی مےٚ ، سٔدرکی مَد تے جزر
پاٚڈٕ کیٚمی ہندی پاٚٹھی ووٚنم گوژ جنٛونٛچ قاٰد گوس
کرٕبکھ دِنس ما وار روٚدُم تتھ مےٚ ما تھوٚو دارِ بر
لولہٕ ہوٚت دِل میون گومُت نارٕ بۄزی چمنس اندر
سایہِ چھا سروَس سٕہ لٔبتن تارکن تامتھ تھزر



اتھ تاجرن ہنزِ معتبر مجلسہ اندر یم شعر فہم تہٕ سوخندان شخص اٚسی تِمو پرٕنوٚوس یہٕ اکھ اکھ شعر تہٕ یہ ژورِ ژورِ پھِرِ۔ خاص کر اٚسی مرحوم محمد امین بڈھ صاٰب پننہِ مخصوٗص اندازٕ داد دِوان تہٕ میانین شعرن پننہِ زانہٕ کِنی پنٔنیے مانہِ تہِ پٔشران تہٕ عام و خاصس یمن شعرن ہُند تاٰریخی تہٕ تخلیقی اہمیت وبڈھناوان۔

میانہِ غزل پرنہٕ پتہٕ سپز اتھ مجلسہِ اندر یہائے دُرنگی مزاز چ ہٕ کفیت ہش پاد، شاید امہِ کنیٖ زِ شیخ صأب اوس شعر بوزان تہٕ ژکھ ژاپان یہِ باس دِوان زِ تس چھِنہٕ یم شعر بوزنیٖ مزازس براہ یوان۔ امہِ پتہٕ کوٚرن ژیر گڑھنُک تہٕ میز بانن یہِ مجلس موخصر کرنہٕ باپتھ ڈیوٗ زِ حکم ۔ یہِ بوٗزتھ پارمو صأبن یم امہِ مجلسہِ ہنٛدی سٹیج سیکریٹری تہِ آسی، کوٚر شیخ صأبس پننین خیالاتن ہُنٛد اظہار کرنُک استدعا تہٕ شیخ صأب ووتھ ژکھِ بوٗرُت تہٕ پرٕنی گوڈٕ حسب عادتھ کینٛہہ آیہ کریمہ۔ تمہِ پتہٕ علامہ اقبالؒ سٕندی کینٛہہ انقلاب آور شعرتہِ ۔ یِہُنٛد معنہ اوس زِ حضرت ابراہیمؑ وٚوتھ عشقکہِ اِذنہٕ نارس، یہِ وُچھِتھ عقل کتھ تام جایہِ خوفزدٕ گڑھتھ کھٕٹتھ روٗز ۔ امی واپچ وہ کھنے کران کران وٗنن کٔشیرِ ہنٛزِ پتھ کالچہِ غلأمی ہنٛز تواریخ، مغل دورٕ پیٹھٕ آخری ڈوٗگرٕ مہراج ہری سنگھنس راج سورنس تام ۔کم کم ظلم، جبر تہٕ ستم چھِ کأشرِ بوٗ سٕری مٕتی تہٕ ژٔری مٕتی ۔امہِ پتہٕ کوٚرُن نہٕ ۱۹۴۷عیسوی پیٹھٕ کین حالات تہٕ واقاتن ہُنٛد سُہ یکطرفہ پنُن فیصلہ ہنُک تذکرٕ تتھ کنیٖ یہِ زن پزٕ ہبس کرُن۔ تتھ برعکس وٗنن صرف پنٕنی آپ بیتی ۔ الحاق ہندُک متنازعہ تہٕ جغرافیأیی اصوٗلن منافی افسوٗسناک تہٕ غأرفطری واقعہ کوٚرُن گول مولس اندر پیش تہٕ امہِ پتہٕ پھِرن تونتھ مے ٔگن:

''یہ شاعرلوگ کچھ تو حسن وعشق کی طلسماتی وادیوں میں بھٹکتے ہوئے دیوانے ہوتے ہیں کچھ تو میخانوں کی مستی اور مدہوشی کا خیالی لطف

اُٹھاتے ہوئے اپنی زندگی اور ذمہ داریوں سے بیگانے ہو کر شاعری کا لبادہ پہنتے ہیں، کچھ تو اپنی تاریخ، اپنے تہذیب، اپنے تمدن اور ثقافت سے بے بہرہ ہونے کے باوجود اپنے اشعار میں سیاسی رنگ لانے کی بُوالہوسی میں اپنے آپ اور سادہ لوح لوگوں کو انتشار میں مُبتلا کرنے میں ذہنی لطف اٹھاتے ہیں۔ اِس وقت جو اشعار اس نوجوان شاعر نے ( یہ اِشارٕ اوس مےٚ کُن ) پڑھے اس نے اُنہی سُنی سنائی باتوں کو اپنے اشعار کا موضوع بنا کر پیش کیا جب کہ یہ اُن سنگین اور کٹھن حالات و واقعات کا خود واقف نہیں ہے، جن کا ہم نے سامنا کیا ہے۔"

امہِ پتہٕ گٔرنی واریاہ تمہ معاملہٕ تہٕ مسلہٕ روبہٕ دابہٕ سان بیان یمن ہُنْد بوزن والین ہنْدِ باپتھ کانْہہ مانہِ یا مطلبے اوس نہٕ۔ أتھی پتھٕنِس رول گول (Rolled Gold) تقریرس اندر گٔرن پتھٕنہٕ سیأسی مخألفن تہٕ پتھٕنہِ آیہ کنہِ ڈٔراہ ہش۔ پوٚز پتھٕنہٕ تمن یکطرفہ تہٕ نامعقول سیأسی فأصلن ہنٛز ناکأمی ہنٛز گٔرن نہٕ کانْہہ ذکرٕے یمن ہنْدِ ردِعملک سنگین سزا کاشرِس ستم زدٕ عوامسے ازتام تہٕ تُلان ووت۔ یِہِہ کوٚرُن پتھٕن ناو عالمی سطحس پیٹھ ناکام تہٕ نامراد سیاست کارن اندر شأمل۔

تقریرِ کس أخرس پیٹھ کوٚرُن اِدٕ تمہٕ سیأسی غلطین ہُنْد تقدیرٕک وُلٕت گٔرتھ اعتراف یم میہٕ پتھٕنہٕ شعرن اندر باوِمٕژ آسہٕ۔ یموٕ ستی موج کٔشیرِ ارض جنت آستھ جہنم بٔنتھ چھےٚ تہٕ وطندار کاشُر پتھٕنی گرِ وانْگج بنیومُت

چھُ ۔ پوٚتُس کوٚرُن آب دار چشمو جذبأتی اندازِ بیانہٕ سِتی میٲنٛن شعرن ہِنٛدِ پوٚت منظر کِہ حقیقتُک تہِ یہِ وٲنتھ اعتراف زِ شاعر چھُ زمانٕچ أچھ تہٕ وقتُک أنہٕ ہُنتھ تہِ عام وخاصس تمیُک عکس ہاوان۔

''جس طرح اس نوجوان قلم کارنے (بیٚیہِ اوس یہِ مےٚ کُن اشارٕ) اپنے خیالات اپنے اشعار میں ہمارے سامنے رکھے، اب میں آفتاب کو ہی ہوں اور امید کرتا ہوں کہ ہمارے کل کا سورج کشمیر کی تعمیر وترقی اور امن و سلامتی کا گہوارہ بنے اور ہمارے ستم رسیدہ ماضی کی تلخ یادیں مٹا کر ہمارے مستقبل کو شاندار اور تابناک بنائے''۔

یہِ واقعہ تہِ چھُ میانہِ زندگی ہِنٛدٕن اہم واقعاتن اندر، یمہِ کِنہِ میانہ باپتھ سبٹھاہ اہم مولل تہٕ تأریخی اہمیتُک حأمل زِ مےٚ یوسہٕ سیأسی ہستی پننہِ کٔشیرِ ہِنٛدٕن سیأسی معاملاتن تہٕ واقعاتن ہٕنٛز ذمہ دار ہُنتھ بروٚنٹھہ کنہِ أس تٔسی بروٚنٹھہ کنہِ کوٚر مےٚ دیانتدأری تہٕ جُرات مندی سان تی بیان، یہِ نہٕ سأنی کأشر ربواتھے چھِ۔



نوٹ: (یہِ واقعہ چھےٚ مےٚ امی فیڈ ریشنکہِ ٹیپ رکاڈٕر پیٹھٕ قلمبند کوٚرمُت یُس مرحوم ومغفور عبدالسلام پأرموصأب گُنہِ گُنہِ ساتہٕ بوٗزِتھ پننہٕ نبن دوستن سِتی امیُک حض ٹلان اوس)

# کشمیریات

ہا میانہٕ اَزٕلو ، ونہٕ یوٚ ہٕ غزالو

کینژٕ کالہٕ پٔتھٕ یُس ییٚتہٕ کبوٗ آنتہٕ تہٕ بوٗچھے متوٗ خلقو، پأرِم پولٹری کوکر مازس تہٕ راجستھأنی کٹہٕ مازس، کُن یوٚ ہے دوٗلہٕ ہیوٚ ہیوٚت وُچھن، تمیُک سبب چھُنہٕ میانہٕ خیالہٕ تہُند کانہہ مألی رنگہٕ چھونبر یا کامہِ کارٕ رٔنگی مچھُرُک بہانہٕ۔ نہٕ جنا بو تمہِ خیالہٕ ڈٔلتھ چھےٚ کتھ، سو چھِ ہتھ پأٹھی زِ کأشری حضرات چھِ وونی نفاست پسند تہٕ عألی مزاج بنیمتی۔ یمہٕ وے بوز زِ یُس یمن نیلان نسلہٕ کبن پولٹری کوکرن ہٕندِ باپتھ نیبرِ پٔتھٕ پھَل Feed چھُ واتان، تتھ پھلس ستی چھِ تتہِ مورٕدِ جانور وعلاوٕ گگر تہٕ تتھ ستی پیستھ رلاونہٕ یوان۔ ستی وونہکھ یم تیرٕ کھبلی راجستھانہٕ کبوٗ سکہِ شاٹھو پٔتھٕ یوراَنہٕ چھِ یوان تمن تیرن تہٕ چھُ کوسہٕ تام پُر اسرار لاگ دار بمأری نوے مژ۔ یہُند ماز کھبنہٕ ییٚتہِ خلقن تہنزٕ کٔڈرِ بمارِ نوَن۔ تمی وہمہ کِنی چھِ أسی ازکل پانس کیاہ ونوٕ کوتاہ جبرتہٕ ظلم کٔرتھ تہِ چھُ تمہِ ساتہٕ باسان زِ ییلہِ یم خلق تمہٕنے کوکروانن نکھہِ وأتتھ، سفید شپن ہیوٚ بن کوتر بتھی کوکرن کُن وُچھتھ زٔ ہٹھی ووش ترأوتھ وہمہٕ کِنی سیوٚ دُے پکان چھِ۔ یمن کوکرن ہُند ماز راتھ تام تٔلتھ، بُزتھ تہٕ رٔنتھی

زبون ٹاس کٔڈی کٔڈی تناول کران آسی۔ بیٚیہٕ تِمہٕنے راجستھأنی بیمار تہٕ
زونگلے متبٕن تیرن ہُند سے مرضہٕ لد مازیُس آسی دژوگہٕ مولہٕ ہیتھ أچھ
ؤٹِتھ نبگلان آے۔ تتھ کُن وُچھتھ تہٕ زن چھکھ ازیوہے آولینٕے ہیوٗ
پھیران۔ خداصأب زانان یہٕ ووزم پرہیز تہٕ کتِس کالس پوشہٕ۔ تمہٕ پتہٕ ما
گرٕھو بیٚیہٕ عادتہٕ موجوٗب یِمہٕنے پٔج وانن تہٕ کوکروانن حسبِ سابقہٕ اگادِتہٕ
کٹن تہٕ کوکرن ہٕندی پأٹھی الہٕ أندی۔ کأشر بو رہو اتو موٗ جوب چھُ خلقن
سِنٛز لیچہ اندر ژٕھری سبزی یا دال بیترِ بدشگون تہٕ دشمنن کِشہٕ گنزرنہٕ یوان۔
مأہر ڈاکٹرن ہُند دوپ چھُ زِ یم لوٗکھ نہٕ ماز بیترِ کھٕنکی عأدی چھِ تِم چھِ ماز خور
لُکن ہٕندِ کھوتہٕ صحت مندتہٕ کٔڈربو بیماریوٚ نِشہٕ محفوظ۔۔ روزان ــــ
تِم کأشری چھِ یہٕ کتھ زأنتھ زِ یُتھ ناقص ماز بیترِ کھٕنُن چھُ تِہندِ صحتہٕ باپتھ
سبٹھاہ مُضر۔ پوٚز یُس بیٚیہٕ کیٚنژن نفرن نِش مال حرام بے ایمأنی تہٕ بدمعأشی
کٔری کٔری جمع چھُ سپدمُت سُہ چھِ تِم ٹوٗی ٹوٗی نخرل بدعت نورأوِتھ خرچان یمہٕ
سببہٕ اکھ درمیأنی طبقس ہتی وابستہٕ لُکھ تہٕ بیٚیہٕ مسکین بچأری تتہٕ پترین تہٕ واو
گلبٕن پچھِ لگان۔ بیٚیہٕ چھُ تتھی آدم پننی ہوٚیمتی شکم برنہٕ باپتھ کانٛہہ تہٕ کھٕنہٕ
چینگ چیز پتھ بروٚنٹھ وُچھنے کُنہٕ تہٕ مولہٕ مٔلی ہیتھ بازر چمکاوان۔
وقتُک وَرچھُ یہٕ زِ یمہٕنے ناعاقبت اندیش تہٕ ظألم لوٗکن چھ سرکأری ایوانو
علاوٕ سمأجی رنگہٕ تہٕ پرٕتھ مجلس تہٕ محفلہٕ اندر پیٹھ کُن جاے شیرنہٕ یوان، نی
توکھ سانہٕ سماجکی کینٛہہ تہٕ ڈٲلدون پیشہٕ تہٕ وابستہٕ ڈاکٹر تہٕ انجینیر صاحبان۔

ڈاکٹر چھُ صحتُک رٲچھ درتہٕ انجینیر صٲب زندگی ہنٛدِ آرامہٕ آسأیشہ با پتھ تعمیر وترقی ہُنٛد ذمہٕ دار۔ یِم دونوے پیشہ ورا اکثر بندے خدا چھِ اَسہِ بِلکُل بدل باگہِ آمتی۔ سأنی کینٛہہ ڈاکٹر صٲب چھِ سرکأری خزانہٕ أندرٕ معقول رٕہتہٕ واد تنخواہ وصوٗل کُرتھ مشکلن زٕ ترٛے گھنٹہٕ دِتھ ٹکی پننین ذأتی کلنکن تہٕ پرایئویٹ نرسنگ ہومن اندر بے چارٕ تہٕ بیمار لوٗکن یہِ ڈٟلی زِتہٕ لوٹان۔ انجینیرِ صأبن ہنٛز کتھ کرٕنچ چھنے بأچھی۔ تِم چھِ صرف تہٕ صرف سرکأری کامبن ہنٛدِس ناوس پٮ۪تھ سرکاریو پٮ۪تھ سرکأری دژالن تھپل ٹھیکہٕ درن تہٕ حصہِ دارحأ کِمن ستی رٲلتھ پتھ بروٗنٹھ وُ چھنے مظلوم عوامُک سرمایہِ لوٗٹان۔ اگر زن موخصر کانٛہہ غأر ضروٗری تعمیری کاما کارا کران تہِ آسَن، سُہ تہٕ چھُ آسان عوامس آرامہٕ بدلہٕ عذابُک سامانہٕ۔ تِہُ تہٕ دِی تو ژ بتھ ہشی زِ پتمبن پنژہن وٕری ین خرچاونہٕ آمتین عربہٕ بدٕبن روپٮ۪ن کوتاہ آرام تہٕ آسأیش چھُ کأشرٕبن باگہِ آمژ، ییٚتہِ وُنہِ تہِ شامن بأگی شہر کی لالٹین تہٕ گامکی لشہِ زألِتھ اکھ أکِس بُتھ وُچھان چھِ۔ تِمنٕے ناہٕ کارتہٕ بددیانتھ انجینیر ن ہنٛدی محلات چھِ گٹہٕ ژٲلِس اندرتہِ چمکان آسان یِم اَسہِ ییٚتہِ تعمیری تہٕ ترقی ہنٛدِس ناوس پٮ۪تھ اوٚ رپژ أنتھ تہٕ اُوژھ وأنتھ دیارٕ ہلم چھِ لوٗٹتھ نوان۔

کُس نِش کمہِ مُک فِری یاد نِکھ   کتھ کتھ ژٕ وٕنتم واتھ دِکھ

پریژھ گأرِ ہُنٛد کرسنٛز کرو   کیاہ کیاہ سپُد کیاہ کیاہ سرٕو



# وٕنہٕ چِھن یارٕبن خدایہٕ سُنٛد سگ

میٲنس آبأیی محلہٕ ڈب تل عاٖلی کٔدلہٕ اوس سکندر ناوُک اکھ وأنسٹھ موٗچ محلہٕ کِسےٚ أکس کرایہ دُکانس اندر کھوٚر بانٕن مرمتھ کران تہٕ لسان بسان ۔ کینٛہہ پوٚنسہ ٹوٗنک کمأوِتھ پنٕن رُوٗنہٕ زُوٗنہٕ کران ۔ مُری دیا دُم آسنہٕ کِنٛز اوس نہٕ امہِ محلہٕ نبر پھیرتھ تھوٗرُتھ ہکان ۔ یہِ کتیٚک تہٕ کہُنٛد چھُ اوسُمت تمٕنٛگ تہِ اوس نہٕ شاید کأنٛسہِ پے پتاہا کینٛہہ ۔ مےٚ چھُ یہِ پننہِ بالہٕ پانہٕ پیٹھٕ جوأنی ہٕنٛدس عالمس واتنس تام گُن تہٕ کیوٗل أتھی وانس اندر رنان پاکوان ، ووتھان بیہان تہٕ شونگان بیترِ وُچھمُت ۔ دوہا دوہا چھُ گرٛ ھان ۔ سکندر موٗچ تہٕ چھُ ہیکتہٕ سکتہٕ کِنٛز سوتان تہٕ ژھوکان ۔ أسی شُری أسی أمِس پننہِ شُری لٲزی کِنٛز اولہٕ دولہٕ حرکژ وسیتھ کران تہٕ ناو ریٛژھ کڈتھ گاہ بےٚ گاہ مِزاژ تہِ ٹٕبٕھر اون ۔ یمہِ سببہٕ یہِ سٕخ وأہی تباہی تہِ اوس ونان ۔ یہِ وُچھتھ اَسہِ محلکی زِٹھی زِکی سٕخ بےٚ وأری تہِ کران أسی ۔ پوٚز ییٚلہِ ییٚلہِ تہِ اَسہِ شُربن یہِ سکندر موٗچ آلو گرتھ دود، ژوٚٹ، آبہٕ جِجیر یایتِیہِ تہِ کانٛہہ کأم کرنی اوس ونان أسی أسی أمنٛز کأم تہِ ألی ٲلی کران ۔ أتھی دوہہٕ دِشہِ چہ لمہِ لمہِ

اندر بوز زِ سکندر موچ گوٚ وسخ بیمار۔ أمس گیہ ترٛ شانش ظاہر یمہِ سببہٕ نہٕ یہِ وانہٕ پیٹھ بوٚن تہِ وٚستھ اوس ہبکان۔ أہنز امہِ لاچأری تہٕ بےٚ کسی کنہٕ نیوٚ یہِ محلہٕ کیوٚ کینژ وجوانو مہراج گنج سرکأری ہسپتال۔ییٚتہِ أمس ڈاکٹرس اتھِ ملاحظہ تہٕ علاج کرناونہٕ آو امہِ پتہٕ ہیٚژ أہنز سأری مٔتہِ دأری محلہٕ والیو اوہنٛد علاج، دوا، کھبن چبن بیٚترِ أسی محلہٕ وألی أمس وانس اندری واتہٕ ناوان۔

أسی شُری شُری تہِ أسِس وانہٕ بونہٕ کنہٕ خبر اتر پرٛژھان۔ أہنزِ بیمارِ ہنٛز خبر وأژ بیٚین محلن تام تہٕ یمہِ کنہٕ عالی کدل روزن وول قأدر صأب ناوٚک حکیم صأبا اکھ تہِ آو أمس نظرادنہٕ تہٕ محلہٕ والین دوٚپُن أہنٛدِ باپتھ چھُ فوری طور ڈاکٹری علاج مناسب۔تکیازِ اوہنٛد شوش چھُنہٕ ووٚنی أہنٛدِ باپتھ کارآمد روٗ دمُت۔آسبہٕ ہے وُنہِ زندگی ہُنٛد کانٛہہ دوہا، سُہ نیریس ڈاکٹری دوا کھبنہٕ ستی زبرپأٹھی۔ووٚں گوٚ وحکمتہٕ کنہٕ وَنہٕ یہ اگر أمس برگہٕ سُنٛد ماز بُزتھ کھبنہٕ باپتھ بنہِ ہے أمس واتہِ ہے سبٹھاہ آرام۔پوٚز سُہ گوٚو ووٚنی سکندرس ظلمات گرٛھتھ آبِ حیات اَنس برابر کتھاہ۔ برگہٕ ماز کتہِ بٹس تہٕ کُس انبس۔حکیم صأبن تہِ کوٚرُس وانس تل گرٛھتھ تسلیا تہٕ دژاو پانس۔

امہِ واقہ پتہٕ دوہہ تارِ گرٛھتھ چھُس بہٕ شُربن ستی حسبِ معمول پننِس ڈب تل بازرس منٛز گنٛدان دروکان تہٕ أتھی اندروٗ چھ اَسہِ زأنہٕ کدٔلکی

شُری جماتھا جانورس أکِس پتہٕ دوران، یُس سبٹھاہ بوٚن اوس وڈُوکران۔ یوٚ ہے آو تہٕ ژاو سیوٚ دُ ے أمِسے سکندر موچ ٔسنٛدِس وانس اندر۔ أمِ ییٚلہِ جانورُو چھِ تہٕ تھِپھ دِتھ کوٚرُن یکدم ژور ژِٕستی ذبح۔ شُر یوٚ کوٚر کینٛژس کالس اتھِن کر بکہٕ نادتہٕ گٔے اِدٕ پانس پانس۔ یہِ جانورسُنٛد واقہٕ بوٚز ساریوٕے محلہٕ والیوٚ تہٕ خوشی گٔے زِیأغی کوترے ما آسہِ ہے تہٕ ووٚتُس توتہِ بروٚنٛہہ کُن۔

دوٚیمہِ دوہہٕ صُبحس وُچھ محلہٕ والیوٚ سکندر روانہٕ پینٛجہٕ پپٹھ ٹھیک ٹھاکھ وتہٕ گتن ژِٕستی حسب عادتھ خأرپأٹھاتہٕ ٹھٹھہٕ مسخری تہِ کران۔ یہِ وُچھِتھ ڈب تل محلُک زیٹھ محمد رجب آس بروٚنٛٹھ کُن تہٕ پرٛژھُنس سکندراژ ہے راتھ تام علیل بیمار اوسُکھ تہٕ یہِ کیاہ کراماتھا، زِژٕ چھُکھ از جوأنی کھوتہٕ تہِ اوٚر دوٚر باسان۔ توٕر دوٚپنس سکندرن پنٛنِ خداصأبن سوزنم یوٚری پنٛن دوا۔ یُس جانور یوٚ میأنس وانس اندر ژاوسہٕ اوس بربگ، یُس مےٚ ذبح کٔرتھ اوک ژأرس پپٹھ گنٛزتھ کھوٚتہٕ شوٚنگس۔ نٔنٛدرِ أندری باسیوم زِشوٚٹھس ژٔلی سأری أندرِم تہٕ نبرِم دأدی۔ راتس کوٚرُم کھُلہٕ ڈُلہِ آراما۔ صبحس باسیوم زِ سرٛانا دیاناتہِ کرٕ ہااِدٕ وبتِھ پپٹھ ؤستھ کوٚرُم تہٕ مسجدِ اندر کوٚرُم خداصأبس حمد وثنا۔ زِژٕے واتہٕ نوٚو تھم سٕے دوا بے منتِ مخلوق بروٚنٛہہ کُن یُس نہٕ آسن بسن والین لوٚکن تہِ سیوٚ دسیوٚ دبنٛتھ ہبکہِ۔ یہِ وُچھِتھ تہٕ بوٚزِتھ گٔے سأری حےولا۔ کیاہ خداے تہٕ کیاہ تہنٛز کریمی تہٕ حکمت۔





# رائے چھی پھۆرِ وانس

یہِ کتھِ آسَن تَم سأری کأشری زبرپأٹھی زانان تہٕ سمجان یِہُنٛد زاسنہٕ کنُوہ شتھ ستہٕ تأ جھس آس پاس آسہِ۔ تمہِ وقتہٕ أسی کأشری گرِ تہٕ پرِ کأشری پأٹھی کتھ باتھ کران۔ یۆ دوے تتھ وقتس اندر تعلیم یافتہٕ لۆکن ہُنٛد تعداد کمے تہِ اوس پۆز تَم أسی نہٕ پننی کأشر زبۆ گأل کھالتس ترأوِتھ تَمن جاین اُردو یا فارسی بولان، یِمن جاین نہٕ یمہٕ زبأنی سمجمنہٕ یِہن۔ فارسیک غلبہٕ یۆ دوے سوُرن تہِ ہیوٚ تمُت اوُسن، پۆز توتہِ اوس تمثیُک زندگی ہنٛدس پرٛتھ شعبس پیٛٹھ سۆن اَثر۔ اُردو زبان أس ڈوگرٕ حکمران رنبیر سنگھ نِس دورِ حکوٗمتس اندر کشیرِ ہنٛز سرکأری زبأنی ہنٛدِ حثیتہٕ ۱۸۷۹ ءَس منٛز بارسس آمٕژ۔ پۆز تمہِ ظألمانہٕ شخصی دور کہِ زمانہٕ پیٹھٕ روز اُردو زبان تہِ ڈوگرٕ دورس یعنے کنوشتھ ستہٕ ستأ جھس ۱۹۴۷ء تام برابر سرکأری دفترن اندر سرکأری حُکمہٕ مطأبقٕے زبرپأٹھی سرکارُک کأم کار پکہٕ ناوان۔ خاص کر جوڈیشری، دأخلی اُمور تہٕ محکمہ مالُک سورُے کأم کار اوس اُردو پأٹھی چلان۔ ۱۹۴۷ء پیٹھ یورُگن تہِ رۆز کیٛنژس وقتس اُردو

زبان کٲشرِ اندر برابر سرکٲری زبان آسنہٕ حثیتہٕ دِنہٕ گژھٲری کران۔ تہٕ یِیہٕ آیو تمہِ وقتہٕ کیٛن غیرت مند کٲشرین حاکمن تہٕ افسرن ہِندی برکتہٕ کٲشرِ زبٲنی تہٕ پنُن سُہ رووُمت مقام لبنچ عمل شروع کرنہٕ، یمیُک ڈسلابہ مدرسن اندر اٹھمہِ جماژ تام کٲشر پرناونک باضأبطہٕ سلسلہ قٲیم آو کرنہٕ۔

تتھ زمانس اندر ییمو کٲشر بولڑکو سکوٗلن اندر کٲشُر پرُن لکھُن ہیوٚچھ تِمن اندر چھُس بہٕ تہِ اکھ کٲشر آدم زاد۔ خأروق گو پکان تہٕ کٲشرین تہٕ کٲشرِ ہنز شناخت اکہِ باوقار قومکہِ حثیتہٕ نہناونچ عمل تہِ سپز باضأبطہٕ شروٗع۔ تہٕ گوڈنچ تھپھ لٔج کٲشرِ زبٲنی یوسہٕ پُراسرار طریقیس اندر علمی زبان بننہٕ نِشہِ محروٗم کرنہٕ آیہِ۔ اتھ پتہٕ کنہِ کمن سنگین سأزشن ہُند منظّم گنڈ اوس۔ تمیُک نتیجہ چھُ از تام بر ابر پرتھ کأنسہِ غیرت مندتہٕ بیدار ذہن کٲشرِس برونٹھ کنہِ عیان۔ یِچ ووکھنے کران کران کٲتیاہ ماجہِ کٲشرِ ہِندی غیرت مند گوٚ بر دیوانہٕ گی ہِندِس کھاتس تراونہٕ آے تہٕ تِہنٛدِن تمن حُبہٕ تہٕ خلوصہٕ کیٛن نالن آونہٕ کِنیٚ تھاونہٕ۔ یمہِ کِنۍ کٲشُر پنُن زمین، پنٕنۍ زبو، پنُن ڈٕھجل پتھ کال وراثت تہٕ پننہِ موللہِ اَدبہٕ ثقافتُک میراث مولہٕ وِتھ پنُن آسُن تہٕ پنٕنۍ شناخت کھرِ کرتھ ہکہِ ہا۔ یوٚ زقلمی ''ٹکرِ درروٗدی'' از تام لِکھأری ناوٕچ پنٕنۍ چھتلہِ چیندی ہتھ امہِ زبٲنی ہِندِن شُتھرن، پننہِ پینٛچہِ آیتن تھوٚتھ، تمن برابر کٲشرس تہٕ تِہنٛزِ ماجہِ زبوٕ ہنٛز بیخ کُنی کرنُک موقہٕ دِوان۔ یِچ قراحت گالنہٕ کِنۍ از تام تِمے قلمی ٹِکرِ در، کٲشر زبان ووغہٕ کِنۍ والنچہٕ عملہِ منز بروٚنہہ روٗزِتھ اتھ سیدِ سیوٚد کھسنہٕ یا کھالنچہٕ عملہ

ٹھوٚ رٕنتھ بوٗ رژاٹان آے۔ یمے بوالہوس خام طمع، دُبتھٕل تہٕ چھیتس آدم چھِ پنٕنی کنٕز ژھایہِ روٗ زِتھ گرایہِ ماران، پوٗز چشمِ بپنا چھِ یمن ونہِ کڈِتھ یہنزن کج کأرہین پپٹھ تیرِ نظر تھاوِتھ وگرایہ پکان۔

آبہٕ چھُس کأشُر تہٕ کر زانٔہہ زون کأشرٕ
پنُن آسُن گنز رمُت چون کأشرٕ
دوہے پھٕر مژ چھِ پنٕنی نابہٕ کأری
نُوِس وہ زمس کٔنِتھ نیٔو پژون کأشرٕ

☆☆☆

# کوٚت گٔے تِم مسلمان

میٲنس بابہِ صاٮ۪بس اوس اکھ سیوٚد ساد تہٕ شوٗژ دیندار مسلمان دوس۔ ناو اوسُس عبدالرحیم بٹ۔ یُس گُن تہٕ کھوٗل آسنہٕ سببہٕ دوہس راتس اندر زیادٕ کالس شریعت تہٕ طریقتکۍ پالن ہار اوس، نمازِ پنجگانہٕ تہٕ اوس مسجدِ اندری ادا کران، غرض باشرع آسنس ستۍ ستۍ اوس اَسرٲری تہٕ عرفٲنی عالمُک تہٕ عاشقِ صادق۔ میٲنہِ بالہٕ پانہٕ اوس یہِ صاحب سون گرٕ ہفتس اندر دوٚیہِ ترٛیہِ پھرِ خفتن نماز پرٛتھ یوان تہٕ اسلٲمی، اخلٲقی تہٕ سمٲجی معاملات مُنان دِنان آسان۔

پوٚز روے اوسُس پُرنوٗر، اسہٕ وُن تہٕ خوش خرم آسان، پرٛتھ کانٛہہ، سنجیدٕ یا لوتہِ وے کتھ وٕنتھ اوس پوٚتس پانہٕ اَسان تہٕ باقین تہِ اسہٕ ناوان۔ اکہِ دوہہ وٕنی سانہِ گرٕ باٗژو اندرٕ کٔمی تام کوسہٕ تام اسنۍ لایق کتھا، یوسہٕ نہٕ رحیم صاٮ۪ب بوز تہٕ بوزن وٲلۍ اَسان وُچھتھ گوٚو سخ عاجز ہیوٚ تہٕ دوٚپُن میٲنس مٲلس گُن تھٕہ کتھ ہٕش پیٛٹھ چھِہ یوٚتاہ اَسان، مےٚ نے بوزٕ ےٚ نہٕ کینٛہہ۔ خدا صاٮ۪بنہِ پاسہٕ وٕنو ہٕش مےٚ تہٕ یہِ تہِ ہٕش اسہِ ہا۔ یتھے اوس اوہند سیٛزر تہٕ پزر۔

کتھ چھم یہِ وٕنۍ زٲمی سے رحیم صاٮ۪بس پرٛژھ دوہہٕ اکہِ مےٚ، پچھہ صاٮ۪ب توٗہہِ گَس ہٕش نشہ چھُو قرآنِ شریف پوٚرمُت ہیٛہ بوزٕ تھے دوٚپُن بڈٕ ہٹہِ خدا

صاٗبس نِشہٕ ۔ میٚہ پرٛژھُس خداصاٗب کتہِ تہٕ ،کتھ کٔنی سمکھیو وِتوہہِ تورٕ ڈوپُن "
یہٕ چھُس لوکہِ پانے اسلاٗمی احکامتن تہٕ رِتبن رسمن تہٕ رِواجن ہُنٛد سخ پاسدار
روٗدمُت یمہِ سببہٕ مےٚ ساٗری پٔنٛزِ تہٕ پرٕدی لول اٗسی بران تہٕ عزت تہِ کران ،
استان گرٛژھ ہاتہٕ یرٛژھی بٔرتھ ، دپان اٗسِم تلہٕ حض رحم صاٗبا نعتِ شریفا ،
مناجاتھاہ ،منقبتا پرتہٕ ،دعاے خاٗر کرتہٕ حض ،بہٕ اوسُس سخ شرمندٕ گرٛژھان تہٕ
یہنٛدِس وننس قدر گرتھ اِدٕ تی پران یہٕ یادٕ ئترس اندر آسان اوسُم ۔ پوٚز مسجد
شریفس اندراوسُس تمہِ وِزِ سخ لج تہٕ لاچار گرٛژھان ییٚلہِ نہٕ مسجدِ شریفس اندر
مقرر کوٚرمُت امام صاٗب موجوٗد آسہِ ہے۔ساٗری اٗسِم دپان رحیم صاٗب پرٕ ناو
حض اَسہِ نماز ۔ پوٚز گوٚونا خداصاٗبُن وُنُن زِ پیشن تہٕ دِگر نمازِ اوسُس امامت
کرٕنی مٔتہِ ہوٚان مگر صبح ، شام یا خفتن نمازِ اوسُس نہٕ ہرگزتہِ بروٗنہہ کُن
کھسنس بٔہران ۔تکیازِ مےٚ اوس نہٕ قرآنِ شریف پوٚرمُت ، توٕ کٔنی اوسُم نہٕ
کانٛہہ بوٚڈ قرآنی سورٕ تہِ یاد سپُدمُت ۔توے اوسُس نہٕ یمن جہری نمازن
پیشواٗیی کرنس بٔہران تہٕ نہٕ اوسُس مٔتہِ ہوٚان۔ دوہا دوہا گوٚو سپدان تہٕ
وأنس تہِ گیہِ بڑان بڑان۔ پوٚز زانن مانن والین میانین تہِ گیہِ میاٗنی یرٛژھ
پرٛژھ ہُران تہٕ گنان ،ماٗنی تو ییٚلہِ پنٛژاہ وٕری ہیوٚ رہیوٚ رتہٕ سپدُس خلق اٗسِم مسجدِ
اندر زبردستی گرتھ امامتس کھاران ۔ أتھی آزماٗیشی وقتس دوران کوٚرُم اکہِ
شبہٕ خداصاٗبس سخ زارٕ پارٕ ،دوٚیمِس ژٕ ی چھُکھ زانان تہٕ زاٗنتھ زِ میون قرآن
شریف پوٚرمُت نہٕ آسُن کاٗژاہ عاجزی تہٕ شرمندگی چھِ میانہٕ باپتھ ،ووٕنی چھُسے

بندے ناہٕ کار عاجز تہٕ لاچار فریاد کران زِ مےٚ تہٕ تھوو وٕنی ژٕ ی عزتھ، یہٕ گوٚ ژھُس ییتھ وأنسہِ اندر قرآن شریف پرُن ہیچھُن، توٚ کٔنی روز ہم یمن لولہٕ والین نِش پڑھ تہٕ یزتہٕ ہن برقرار۔ دوٚپمس میانہِ خداصأبا قرآن شریف ہیچھتھ دِمے اِدٕ سُہ انعامہٕ یُس نہٕ کأنسی از تام دیتُھمت آسی۔ امہِ پتہٕ گوس محلہٕ کس اخون صأبس أکس نِش بٔڈ شأگرد بٔنتھ تہٕ کوٚرُم قاعدٕ پٕھٹھ شروٗع تہٕ تمسے رب العزتہٕ سِندِ فضلہٕ وکرمہٕ ہیوٚچھُم تژٕ ینی رٕتین منز قرآن شریف نفیس پأٹھی پرُن تہٕ یاد کرُن، بیہٕ کٔرِم کینہہ قرآنی بٔڈی بٔڈی سورے شریف تہٕ یاد۔ یہِ مأنیوٚ تھٕ پزی پأٹھی خداصأبُن انعامے نتہٕ کتہِ چھُ اِنسان بُڈتھ نوٚ ویاد ہٕ کان گٔرتھ، تس چھُ اکھُتے پڑون تہٕ مُشتھے گژھان۔ خأرشکر از تہٕ تٔسی کُن یٚمی تمہِ وِزِ سُہ آلو بوٗزِتھ قبوٗل کوٚرم۔ اِدٕ کیاہ تہٕ چھُس وژھ وأنجہِ خلقن نمازن پیشوأیی گٔرتھ رٕتہٕنڈی دِل بجا انان، امہِ پتہٕ بیوم یاد زِ مےٚ چھُ خداصأبس ئستی وعدٕ کوٚرمُت زِ اگر مےٚ قرآن شریف پرُن ہیچھناوکھ تہٕ یہٕ دِمے سُہ انعامہٕ یُس نہٕ کأنٔسی آسی دیتُھمت یمہٕ سببہٕ ژٕ رأضی تہِ سپد ہم۔

بندے ناچیز پانس کُن ڈٔیپتھ وونُم۔ رحمارحیمس کیا سنا انعامہٕ ہیکھکھ ژٕ عاصی بشر یوٚرٕ دِتھ۔ أتھی فکرِ ذکرِ اندر آم خیال تہٕ دوٚپمس میانہٕ خالقِ اکبرٕ، أزی کہِ پٕھٹھ کرے یہٕ تموک چیوٚن ترک، تکیازِ ووٕنی پزٕ نہٕ مےٚ چون کلام قدیم، کُنہِ تہٕ رنگہٕ أس اُلودٕ گٔرتھ پرُن۔ سُہ دوہ تہٕ یہٕ ساتھ اِدٕ لوگُم نہٕ زانٛہہ تہٕ جچیرٕ اتھ۔ یہِ بوٗزِتھ گے أسی ساری رحیم صأبنہِ سادگی تہٕ کأمل ایمانٕکی قایل۔ ☆☆☆

# اِڈ نہٕ سہ رُوٗ دُم پانس تام

کتھ چھِ کنوٗ ہ شتھ شُہاٹچ (۱۹۶۶ء) یمن دوہن گٔشیرِ مولانا محمد سعید مسعودی

سِندِس قیادتس اندر ''سول نافرمانی'' ہنز تحریک شروٗع سپزایہ۔ اتھ تحریکہ دوران

اُسی سرینگر کِس لال چوکس اندر دوہے دِگرس بأگی پژتھ کُنہِ سیأسی پارٹی ہنزی

پانژہ کارکُن یمن ڈکٹیٹر اُسی ونان، سفید پلوأ گتھ ''راے شماری کراو'' نعرِ دِوان

دِوان پُلسہٕ بیٹس پیٹھ کھٔستھ بھارتس تہٕ ریاستی ووزِ مس سرکارس خلاف نعرِ دِوان تہٕ

وارياه کینژہہ ونان اُسی۔ یمن وُچھنہٕ تہٕ استقبالہٕ باپتھ اوس لال چوکس اندر ہوٹلن،

مکانن، دُکانن تہٕ سڑکن پیٹھ لُکہٕ ارساتھا جمع سپدان۔ یم یمن ڈکٹیٹرن وُچھن وِزِ

خوش گرٔشتھ زورِ زورِ ژرِپوٗپ اُسی کران تہٕ تہند بن نعرن جواب اُسی دِوان۔ یہ

سیأسی تماشہ رُوٗ دییِتہٕ دٔہن پندہن دوہن جأری۔ یمن دوہن اندر کھوٗتُس بہٕ تہٕ

دوہہٕ اکہِ پنہٕ نِین یارن دوستن سٟتی لال چوک ہوٹلس أکِس اندر یہ نظارٕ وُچھنہٕ۔

أتھی اندر رپیٚہٕ تمہِ وقتہٕ کِس أکِس ایس پی صأبس میٚہ کُن نظر یُس میٚہ تمہِ وقتہٕ

ہمسایہِ تہٕ اوس تہٕ سوزِنی پُلسہٕ وألی پانژہ شبے ہوٹلس اندر میٚہ گرفتار کرنہٕ باپتھ۔

یمن ہُنٔد وٗطیرِ وُچھتھے ووتھُس بہٕ پانے کُنہ درتہٕ درسہٕ وغأری یمن پُلسہٕ والین

ءستی لال چوکس منز أمس ایس پی صائبس گرفتاری ہُند وجہ پرٛژھنہِ۔ میون کینٛہہ بوزنہٕ برونٛہہ کوٚرن میٚہ صرف پُلسہٕ جیپہٕ کھسنُک اشارٕ تہٕ دڑاو پانہٕ بیٚیس طرفس گُن لردِتھ۔ چنگ ظالمس وٕنی زِ کیاہ۔ یہٕ کھوٚتُس خداصابُن ناوہیتھ اتھ بےضابطہٕ پُلسہٕ جیپہٕ منز، ہیتِس کالس اندر گیہِ لوٚکو أندرٕ ڈکٹیٹر پوٚنشہِ ظاہر تہٕ نعرٕ بازی کران گھٔتی لاچوک رکس پُلسہٕ ہیٚتس پتھ۔ یمن رٹنہٕ باپتھ دورے پُلسہٕ افسر تہٕ أنِھ تھپھ کُرتھ تہٕ برِکھ أتھی جیپہٕ گاڑِ یتھ اندر یہٕ گوڈے بلا وجہ برنہٕ اوسُس آمُت۔ امہِ پتہٕ ووتھ چوکس اندر سخ شورٕشر تہٕ نعرٕ بازی ہُند گرٛبز۔ موخصر پرٛژھ گاٚر کرنہٕ پتہٕ نیکھ سیوٚدُے جالہِ دار پُلسہٕ بسہِ اندر (یتھ کاشر پأٹھی گگرٛژھل أسی ونان) خوجہ یارٕ بل سنٹرل جیل۔ تتہِ تھوٚکھ تمہِ وقتہٕ رکس سپرانٹنڈنٹ جیل (محمود قریشی) صائبنس دفترس بروٚنٛہہ کنہِ رکس پوٚشہِ باغس اندر تمن ہاونہٕ باپتھ استادٕ۔ یم پتہٕ نمازِ شام پرِتھ اتھس کیتھ زٕ اٹھی تسبیح پھران پننہِ کمرٕ منز دراے تہٕ پرٛژھکھ کھڑا کھڑا روبہٕ سان ڈکٹیٹرن ناو بتاتہٕ وابستہٕ پارٹی وغارٕ تہٕ أتھی اندر پیکھ کینٛژن اخلاقی قدٕرن پیٹھ نظر، یمن جُرمن ہنٛدِس سرٕ ہس ءستی زمیندآری کرنہٕ پتہٕ ہتھکرِٕ گنڈی گنڈی پُلسہٕ وآلی بارکن گُن أسی پکہِ ناوان۔ تسبیح پھران پھرأنی ووٚنُن یمن قدٕرن ناوہیتھ سخ ردٕ بدٕ تہٕ مالایان۔ امہِ پتہٕ پرٛژھُن میٚہ ناو بتاتہٕ بوٚزِتھ دوٚپنم باپأری کٹھن پزٕنہٕ لیڈری ہنٛدٕ بن وو کھٕ کھشرٕ بن نوٚزُک زنگہٕ تراونہِ۔ دِکھٕ حرف زٕ یٚیتی لیکھِتھ زِ میٚہ چھُنہٕ کُنہِ تہٕ سیاسی جماژٕ ءستی واٹھ تہٕ یہٕ تراوتھ یٚیتی یلہِ۔ یتھ نہٕ میٚہ کانٛہہ جوابٕ دِتُس نمائے ءستی کتھ باتہٕ دورانٕ تہٕ اأتس تبیج گردشسٹیے اندر، یہٕ

وُچھتھ مےٚ بڈٕ ادبہٕ تہٕ عاجزی سان استدعا کوٚرُس، حضرت اگر جان بخشی سپدِ تہٕ مےٚ اوس اکھ عرضا توہہِ کرُن، چھمہٕ اجازت۔ میأنس خوفہٕ ہتس بُتھس کُن خشمہٕ ہٕنز نظرا ئرتھ دوٚپنم یوٚت وأتتھ تہٕ چھیہِ وُنہِ زبو پھورانی۔ خاأر ژٕ چھکھ ناوُنہٕ نیٚبر مسیے ہوہس ستی ژٕ ننٕگلکھ پانے اندر وأتتھ زبو۔ پرٛژھ توتہِ کیاہ زانٛنک طمع چھےٚ۔

مےٚ کوٚرُس عرض حضرت تہۍ دژٕاو نمازِ شام پرٛتھ تسبیح پھِران پھِران۔ اتھ دوران کوٚرو توہہِ کینٛہہ کلامہٕ ناشایان تہِ، یہٕ وُچھِتھ مےٚ سخ حاأرانی تہٕ پریشأنی سپز۔ اوے کوٚرُم عاجزی سان یہٕ زانٛنک عرض "وُٹھ کملأ وِتھ ووٚنم ژےٚ چھےٚ نا یہِ کتھ بوٚزمژ زِ پرٛتھ کأنسہِ آدمس چھِ زٕ ملک نکھن دون پیٹھ ثواب تہٕ گناہ لیٚکھنہٕ باپتھ خداصأبن تھأوی متی، یمن کرامان کاتبین چھِ ونان۔ یہِ چھِ تہٕنزی کأم یِم مےٚ کلماتھ وغأرٕ پرٛی تم چھِ دٕچھنہِ طرفہٕ کِس ملکس پننہِ بہی اندر درج کرٕنی یہِ مےٚ چانہِ زاننہٕ ادلہٕ بدل وٚون تہٕ لیٚکھِ کھوورٕ طرفُک میأنس کھاتس۔ میأنی کج تہٕ رٕتی اعمال ژھٹٕنی شیرنی چھےٚ یمنے ملکن ہنٛز ڈیوٹی یِم مےٚ پھکیٚ زٕ آوٕری کرٕتھ چھِ۔ یہٕ کأم تہِ نے کرن تیٚلہِ کتھ چھِم نکھن پیٹھ سوارِ کھٕتی متی۔ چأنی کنِٛ گرٕشھی یہٕ چیٚژٕ تہِ آدمیے کھسنی۔ یہِ بوٚزِتھ توٚگُم نہٕ تس کینٛہہ تہِ جواب وُنن تہٕ بوٚ رٕہس بارک نمبر ژورس منز۔



# سونہٕ خانٕنۍ گون

ۄری پنژاہ مرٕ بروٗنہہ اوس عالی کدٕل سرینگرٕ (رہباب صابٕنس) مجلس اندر اکھ زیرک تہٕ گاٹُل نامور شخصا ثنا اللہ خان عرف سونہٕ خان ناوُک روزان۔ یُس پانہٕ ان پڑھ ٲسِتھ کٲم کرن وول کاسِب ٲستھ تہٕ تمہٕ وقتہٕ کیٚن کاشُرین مسلمانن علمہ کہٕ پرٕبزلہٕ وُنہٕ نوٗرٕ منور گژھن یژھان اوس۔ خان صابُن خیال اوس زِ سون معاشی تہٕ سیاسی پس ماندگی ہُند بوٚڈ سبب چھُ صرف ان پڑھ آسُن۔ یمیُک اِظہار سُہ سماجی تہٕ مذہبی مجلسن اندر وِزِ وِزِ کران پنُن دگدار تہٕ غیرت مند کاشُر آسنُک ثبوٗت اوس دِوان۔ خان صابنہٕ طرحدار زندگی ہٕنز کتاب پھِرنہٕ باپتھ گژھِ زِ پٹھ وٲنس تہٕ معقول وقتا آسُن۔ خاٚرسُہ وق تہٕ واتہٕ انشاءاللہ۔

دپان خان صابُن کُن فرزند مقبول احمد اوس کشیرِ پیٹھ تبدیل گرتھ پرٛونژھ ہایی سکوٗلس ڈرائنگ ماسٹر سوزنہٕ آمُت۔ یُس تتہٕ پیٹھ گرِ کیٚن رہتہٕ وارداہ داہ روپیہِ منی آڈر گرتھ سوزان اوس۔ تم پونسہٕ اوس خان صابُن مہاراج گنج ڈاک خانس پیٹھ ترِتھ پانے وصوٗل کران۔ اکہِ رہتہٕ چھُنہٕ زُد ڈبوٗل آسنہٕ کنۍ وقتس پیٹھ ڈاک خان ترِتھ ہیوٚ کمت۔ یمہِ کنۍ علاقُک اکھ

پنڈت ڈاکہٕ وول تِمن منی آڈر ہیتھ گرے ژھانڈنہٕ آو۔ اَمہِ وِزِ چھُنہٕ خان
صاب گرِ موجوٗد آسمتی تۄ کُنہِ ہیۆت ڈاکہٕ وألی خان صابنہِ گرِ واجنہِ پۄرٕ
دٕہن ڈبلن ہِندِس رسیدس نۄٹھ کرتھ۔ تہٕ نو روپیہ باہیے آنہٕ حوالہٕ کرتھ د
وۆپنس ژۄون آنن چھمو آسی سأری ڈاک خانہٕ وألی چاے۔
خان صاب گرِ واتتھ دۆپُس گرواجنہِ ڈاکہٕ وألی اَنی وازمقبوٗل صابنی
سوٗزمتی پۄنسہ یوٗری ۔ دۆپُن خان صاب ترٕ نہٕ وقتس پتھ ڈاک خانہٕ یمہِ
کُنہِ اَسہِ تہنز فِکر روٗز۔ یم پۄنسہٕ گنزرتھ پرٕژھُن گرواجنہِ ژورآنہٕ چھس کم،
ژٕے ما چھِتھ خرچاوی متۍ ۔ تمہِ دۆپُس تورٕ ڈاکہٕ پنڈتن رٹی وِ ژورآنہٕ چایہِ
باپتھ۔ یہ جواب بوزِتھ گوٚو خان صابس مزازٕ سخ اُوزرِدٕ۔
کینٛہہ دوہہٕ پتہٕ کرناوُن اَمِس رأشی ڈاکہٕ وألِس خلاف پوسٹ ماسٹر
جنرل (یس انگریز چھُ اوسمُت) ہِندِس دفترس اندر ڈاکہٕ وألِس خلاف
رشوت ستانی ہنز تحریری شکایت درج۔ امہِ ماملُک تحقیقات سپدِتھ کوٚر رُکھ ڈاکہٕ
وول فوراً معطل۔ تمہِ پتہٕ دِیتکھ اَہندِ کیسُک فأصلہٕ بوزناونُک بدل تأریخ۔ سُہ
وق واتنہٕ بروٚنٛہہ نیوٗ ڈاکہٕ وألی شکایت واپس ننہٕ باپتھ خان صابن اکھ قریبی
دوس تس نِش سفارشہ باپتھ۔ یم وُچھِتھ ژیون خان صابن معاملہٕ۔ مگر زبر
پأٹھی خأرا پأٹھا کران، دۆپُن اَمِس سفارشی یارس میٚہ حض چھُ اوترٕ پتھ فلأنی
ہمسایہٕ سنز بکِل کتھِ ستی یو ہے وو بوڈُر ہیوٗ وو تھُمت زبری گوٚو، زِتھی اَوِ یور۔ بوزتو
معاملہ کیٛاہ اوس، میٚہ حض اَس کینٛہہ کال بروٚنٛہہ وَلنہٕ باپتھ کمہِ شوقہٕ رفلہٕ پٹٕ اکھ

دٕہن ڈبلن مٔلی ہیرٕ ہرٕ ۔ میانہِ نہ واتنہٕ کِنٛہ ٹُک تتھ بے خبر پأٹھی گگرن بدبختن اکھ کوٗنٛج ۔ یہِ وُچھِتھ میٛہ دِل سخ تنگ گوٚو ۔ کرٕ ہاتہِ کیٛاہ نوقصان اوس گومُت ۔ ووٛنی اوس میٛہ فقط یہِ گگر رٹنک آرِ گور روٗدمُت ۔ پتہٕ اوٗنم ؟ گگرُ رٹنہٕ باپتھ ژھل ۔ یتھ اندر یہِ گگر پھٔسِتھ کمہٕ ووتل بچہِ کران اوس ۔ یہِ وُچھنہٕ میٛہ زن شہلتھ اُس پیوان ۔ یہِ وُچھِتھ ووٛن میٛہ فلأنی ہمساین، خان صأبا یہِ گگر گوٚ ژھ ژھلہٕ أندرٕ یلے ترٛاوُن، ثوابی اوسُے ۔ یہِ بوٗزِتھ ووٛ تھُم سخ وو بوٗدُ ریم نہٕ دوس دُشمن زأنِتھ ہیوٚک تس کیٛاہ گراوی کرٕ ہا ۔ ووٛنی ؤنی توٛتھ پزِیا یہِ گگر زندے ژھلہٕ أندرٕ یلہٕ ترٛاوُن ۔ ہرگز نہٕ دوستن دوٚ پُس یژھ کتھ کرِ نہٕ احمق تہِ ۔ عربی معقولہ تہِ چھُ "دقتل الموذی قبل از ایذا" اتھ بدل چھُ توہہِ موذین ایذا تہِ دیٛتُمت ۔ یہِ کیٛاہ حض گوٚو پوٚزوننٛگ جرت آسُن مرحبا تہٕ شاباش چھے، شکرأ سنے دہانس ۔

حضرت تِتھے گگرا کھ چھُو ون توہہِ تہِ پانس ستی یور اوٗنمُت ۔ یمٕ میأنس دہہ روپیٛنس نوٹس اکھ کوٗنٛج ٹوٚکمُت چھُ ۔ فأصلہ چھُ تُہنٛدُے یتھ گگر رِٹتھ یلہٕ تراونہٕ ستی کرِ یہِ بیٛیہِ تہِ نوقصان ۔ یہِ بوٗزِتھ گوٚو سفارش در کوٚل، کینٛہہ تہِ پھوٚرُس نہٕ تہٕ دژاوپانے ذٔہی لد گگر ہیوٚ منٛد چھِتھ واپس ۔

ڈاکہٕ وول یوٚتامتھ نہٕ نوکری نِشہِ الگ چھُ سپُدمُت توٚتامتھ روٗدُس خان صأب برابر کیسچ پیروی کران ۔ نوکری نِشہِ اتھہِ چھٔلِتھ چھُ سُہ ڈاکہٕ وول پتہٕ پھمب وأنی کارکران تہٕ پھمب کتن واجہِ ننٛہن سیزن تہٕ سادن خوتونن تہِ جورٕ پھیٛر کٔرتھ پوٚنٛہٕ ٹوکان اوسُت ۔

# ٹوٗنچ لوٗگ والہٕ برٕ

حضرت تو ہہِ تہٕ آسہِ ماجہِ کٔشیرِ ہٕندٕ ن خانہٕ مالبن سرکأری مُلازمن ستی تہنٛزِ ہرتالی تہٕ بے پرتالی سٹریکہ ستی گنہِ پۄ ہمدردی ۔ مبارک صد مبارک یہندس غیرتس تہٕ سرکأری حیرتس ، ملازمن بیچارٕ ن وأتی پٕتم داہٕ وٕری تھکہٕ تھکہٕ قومکہِ غمہِ ہڑتال کرآنی ، پۄ ز کأنسہِ تہِ ووزمس بناسپتی حأکمس اوس نہٕ ہرتالہٕ سپد نہٕ اکھ عأرقہٕ پھیوٚرتہِ غیرٕتکس ستہٕ گینڈٕ ڈکس پشیان ۔ پۄ زیہِ زینتھ تہِ روٗد ماجہِ کٔشیرِ ہُنٛد یہِ خانہ مول سرکأری نوکر ہرتالی مأشہِ حقوقن ہٕنٛزِ گولہِ کوز (Gulcose) ملرِ بران ۔ نہٕ تھوٚک یو ہیے بچارٕ تہٕ نہٕ ژوٚل مأشی مژر ۔ اتھ کیا مانے تہِ زانن تمے یِم سیکولر سیاستکی ڈیلی ویجر چھِ ۔ اَسہِ کیا تور گژھنے پۄ زوننہٕ بخشہ خداصأب تہِ ۔ییلہِ ییمہِ بروٚنٹھ تہِ ملأزِم بایو تِھے ، ہرتالی بازاہ رتن ڈاین مرن گیوٚند یادی آسہِ وٕ ، تہِ کرتھ تہِ لوٗگ لگیے ۔ بازیوٗن نہٕ کینٛہہ ، تم دوہ چھِ تمہِ وقتہٕ کہن حأدثأتی تہٕ حرارتی لیڈرن ہٕنٛدِ برکتہٕ از تام سادہ ملازمس گاٹہٕ کس کھاتس قرضہٕ کس خانس اندری درج ۔ اَپرٕیارس بتہٕ کاٚنٛز تہٕ کوسہٕ موٹھاہ چھَ میانبن مُلازم یارن دوستن چندس گژھنۍ روٗزٕمژ ۔ یہِ سیدی سادٕ کأشر ریاستہٕ کس دیوالی کھاتس گنہِ تہٕ رنگہٕ پٕنٕی ووگرائے خزانس سوزان چھِ ۔ سوکرتہٕ کرژھ چھَ تھ شکلہِ اندر تتھ دِگ اندر سمأئی ۔ تمہ موٚچھ تہٕ چھُ الہٕ غأبہٕ چبن مچن اندری

قرار رٹان، نتہٕ کیٛاہ غأبأتی چھا سوٗرے کینٛہہ ننٛگلان ۔ الٕہ سرکارس دی تن کانٛژھا ساس ٹھولہٕ تہٕ، تس کیٛاہ اِنسان کلہٕ چھاتہٕ دود کربس ۔ پتھ کُن یوٚ دوے سرکأری سراین دۄنس ہتس دوہس قُلف تہِ لوٚگ، اِد فاقہٕ لوٚ گا کأنسہِ قومہٕ کِس غمخوارس یا عوام الناسن کوٚرا اتھ پٮ۪ٹھ کُنہِ وِزِ کُنہِ تہٕ رنگہٕ داد بِک یاد گہِ ہُنٛد کانٛہہ شِکواِیا شکایتھاہ ۔ یِیتیٚک یہِ سوٗرے قصہٕ چھُ غأباتہن حوالہٕ ۔ ماجہِ کٔشیرِ ہُنٛد پرٛتھ کانٛہہ انگ تہٕ رنگ چھُ پُراسرار پنٛجن ہُنٛد سرٛ وگ سوغات، تتھ سنُن تہٕ سرٛن چھُنہٕ انسان کاڈ بن ہُنٛد بترٛے ۔ دُنٕ مُنن تہِ پزِ تی تیٚچ کم کاسہٕ زان کاری تہِ آسہِ ۔ نتہٕ گوٚ وسُری شہرِ گرٛ مولہٕ وُنہِ نیرٛن ۔ دپان ووستاد دأدس چھِ دگ لأزِم یوسہٕ بے قرار گرٛتھ بمارس ڈاکٹرس یا حکیمس نِش علاجہ باپتھ واتہٕ ناوان چھِ ۔ وٕنی تووونی تہٕی جنابو دوہ کیٛا چھُ ۔ دَگ گَس چھِ ۔ یوٚ دوے تمیٚک کانٛہہ اِشارٕ ظأہر سپدِ ہے کأنسہِ ڈاکٹرس نِش سپدِ ہس علاج تہٕ پوٚز بمار چھُنہٕ دادِچ کانٛہہ شکایتھے کران تہٕ بمأری کوسہٕ تہٕ کمہٕ قسمٕچ کرٛون بدنام تہٕ بدیاد ۔ یتھ ناپُرسان نگری اندر رٕیس زبو پھبشان ترٛ یش چھُ منگان، تس چھُ ناگ بیپٮ۪ئی اندر روٗزان آسان ۔ یمی غمخارن ہُس ننٛگلمت چھُ آسان تس چھُنہٕ ڈاگرٛ تہِ کھسان ۔ یُس چایہِ اندر مچھ ننٛگلِتھ گرٛ ھان چھُ تٔسی چھُ آپریشن سپدان، ونوکس تہٕ سنوٕنکِتس، ہرتالہٕ ہے چھُ تہٕ کتھ پٮ۪ٹھ، ہرتالہٕ ہے کرٛن چھُ تہٕ کس، توہہِ ماتیٚچ کینٛہہ خبر اتراہ تی بوزنہٕ ژلہِ ہمہٕ دِلس شٔرتہٕ ساہٕ کاڈبن نیرِ ہمہٕ ور ۔

☆☆☆

# کتھ چھےٚ تِتٕی

میٚہ تہٕ نہٕ حض بہان پزٕی کورٕ قائدِ طمطراق صائبنہٕ برقعہ پوس تہٕ شرمدار سرکارن ترٛبن رتٕبن تہٕ دٔہن دوہن ہُنٛد سیأسی عدت پورٕ۔ یمہٕ سببہٕ ووٚنی تمن پتٕمہٕ سأرے پابندی موکلیٚے یمن ہُنٛد اِظہار تمو وِزِ وِز خلقن بروٚنہہ کنہٕ کوٚرمُت اوس۔ بروٚنہہ کُن چھِ ووٚنی تم پننہٕ مرضی ہنٛدی مأ لک پانے۔

یم ہتھ دوہ پورٕ سپد نک جشن پزٕ ہے تمن میانہٕ خیالہٕ نوِ دلہٕ مناوُن، تکیازِ تم دِ ہنکھ تتہٕ مٹہِ مٹہِ دوان نقد جنس گُل میوٚ ٹھاتہِ کینٛہہ۔ أتی یِی ہسکھ مزاتہٕ کتھ تہٕ چھنا۔ مخولہٕ تہٕ ما اوس گٔشیرِ ہٕنٛدِس تخت تندوٗرس پیٹھ ہتھ دوہ گنٛز رأوِتھ تراوٕنی۔ پزٕی پأٹھی چھِ یہٕ تہنٛزی کلینگ، یتھ وولہٕ واوٕ تہٕ پٔنٛزٕ ژھوٹہٕ ناو وأراگی سٔدرس اندر پورٕ ہتس دوہس نژناوٕنی چھُ جشنسٕے لایق۔

پتھ روٗزی خود مختأری ہنٛز سوشوقہٕ مہرٕ ینٕتس چھُ ازکل یوراج کرن سنگھ جی مہراج، آب شیر تھ سازتہٕ سورمہٕ سجأوِتھ مأنٛزِ گلبن میٹھی گٔری گٔری فی الحال ڈوگر دیشہِ کنٕی سأ لا کرناوان۔ وومید چھِ زِ تم تارن أمِس (مِس مختاری) ہولہِ ہنٛدِس رنگہٕ تہوارس تام ڈولہ برٕتھ گٔشیر تہٕ ضروٗر، تہٕ کرنس یِیتہٕ پننہٕ نس

کامہِ دوس حوالہٕ ۔ پتھ رۆدی بھارتی نیم تہٕ ٹوکہٕ جنگی ین ہٕندی تم ٹھیلہٕ ٹھپ (Benker) ۔ یِم ییتہِ گامہٕ شہر منز سڑکن تہٕ کوچہ گلین پیٹھ شُتلی بجہٕ ہٕندی پاٹھی ژھٹ کڈِتھ چھِ تم تہِ چھنہٕ ووٚنی اتھ ووزِمس عوامی سرکارس وو پر باسان ۔ تکیازِ تمے ٹھپ ووستہٕ چھکھ دوہلہِ پھیرنہٕ تھورنہٕ تہٕ روتلہِ شونکنہٕ دِنکی ضائمن بُنتھ چوکی ڈری تہِ کران ۔ کتھ اَسی ناہتھ دوہ گذارٕنچ کران ، دپان انگریزی راجہ بروٚنہہ اَس سمندر یہِ پاٚرمی لگھ وہرٕ واٚدی یاٚتی مناوِنی زانان ۔ یِم پتہٕ انگریز وبرِتھ ڈے سِلور جوبلی ، گولڈن جوبلی ، ڈایمنڈ جوبلی تام واتہٕ ناونہٕ پتہٕ صد سالہٕ جشن مناونس تام واتہٕ ناوے ۔ پوٚز تِمن اَس یِہنٛدی کنہِ بڈٕ رادٕ واٚنساتہِ آسان ۔ یِم دپان از چھُنہٕ برٛنزس پیٹھ تہِ اعتبار ، توے دِیُت یِموہتس دوہس ہتہِ وٕری ٹیک ہیوٚتھ زرتہٕ بجر ۔ ونو کھ تہِ کیاہ تہِ زانن یِمے یِہنٛدی ژیہی تہٕ ساعت رکتھ کنہِ چھ البساونہٕ یوان ۔ میٚہ چھُ باسان ستھ دوہ مناٚوتن یاہتھ ۔ ساٚنی کتھ چھِ تئی ییتتھ گنوہ شتھ تہٕ اکثر ہس اندر اَس ۔



۲۰۰۹ء

# أسی گٔےلسی ڈار

عید چھےٚ عالمہٕ کٮ۪ن مسلمانن شادی تہٕ سکوٗن ہیتھ یوان۔ پوٚز اسہٕ کأشرٮ۪ن چھُنہٕ پتنہٕ وطیر امہٕ دوہہٕ تہٕ عاجزی تہٕ عذابہٕ روٗس کینٛہہ تہٕ باگہٕ یوان۔ اتھ کیاہ ذٔپی زِ ڈیکو لانو کِنہ بٔدیہٕ کینٛہہ۔ وُہری ؤری یس یُس تہٕ چیز کأشُر ہوان تہٕ کھوان چھُ آسان، مگر عید دوہ تہٕ چھُ تتھی چیزس تھپہٕ تھپھ کران۔ مولہٕ کٔنی اَسمان کھالان تہٕ کیسرِ کونگ بناوان، تہٕ پتہٕ پانے دروجرٕ کی بدادتہٕ دِوان۔ ووزمٮ۪ن حاکمن تہٕ ژھانڈان۔ خبر سأنی شادی کیازِ غمن تہٕ برٕمن منٛز ولنہٕ تہٕ وُٹھنہٕ یِوان۔ یہٕ چھا سونٛے وطیرٕ وُرہبہ گنہٕ اتھ پٮ۪ٹھ تہِ گیو وڈ بکہٕ لانکی بےٚ سُر بأتھ۔ میٚہ باسان نہٕ چھِ أسی کأشری آسنس راس رٹان تہٕ نہٕ چھِ افلاسس کوچہٕ پھیرٕ گرتھ ہیکان۔ سُہ زانہٕ پانے زِ سأنی یانے اَسہٕ کأشرٮ۪ن ہنٛز أڈرن کمہِ مسالہٕ ستی چھِ کرنہٕ آمٕژ۔ أتی کیا چھُ

ووستادن حاتی کھارتہٕ لاجواب کوٚرمُت۔ زندگی اندر پرٛتھ رنگہٕ سپدن وول ظلم، جبرٕ زور، زبردستی وتہٕ ن پتہٕ رُن چھُ أسی لُکھ ازلہٕ لون زأنتھ شونگ تہٕ اوان۔ نمبلہٕ چھُ نیہ ہُند بڑونت گرٛھتھ کلہٕ پیٹھی ژھٹ نیران۔

کالہٕ یَس برہم برہم چوک زأنتھ رذٕ بد چھِ ونان، صُبجس چھِ اَدٕ تسی خضر رہبر گنٛزرتھ لولہٕ ہوٚری تہٕ گیوان۔ کرِ فریادتہٕ وُزناوِ عالم۔ کرِ ژھوپہ تہٕ کلی تہٕ منٛد چھن۔ رٹہٕ جاے تہٕ چھُ ہوٚنان، وٹہٕ رادتہٕ، پچھونہِ گرٛھ مشتھ تہٕ پنٛن ناوتہٕ روزبس نہٕ یادی۔ پھربس رشک تہٕ کھوٚشُل تہٕ ووپھِ اَسمانٔی، گرٛھبس خارتہٕ عطار أستھ بنہٕ تِلہٕ ووتی۔ ییس پنٛنی ہن تہٕ گبہ ونہٕ ماسہٕ خالہٕ، وٹہٕ أچھ تہٕ ژٹہٕ تاپس ستی تہٕ کٹیے۔ کأتیاہ رنگ نہٕ روخ چھِس زندگی اندر بنان تہٕ بدلان تمہ چھس نہٕ اِدٕ پانس تہٕ ونہٕ یوان۔



| کتھ | کتھ | سنہٕ | موہنیوٚ | کیٛاہ | ونہٕ |
|---|---|---|---|---|---|
| شتھ | کاہ | پرٕ | پییہٕ | اَسہ | ساسن |



# ادبی، م خ ن س

اِ جنابو یمے گیہِ تِم یم اَ ڈرنہِ پِیٹھے تِمے وَل تہٕ ورچھِ کران آمتی یم ورلاثرٕ ھ موٗہنیوٕ مردن تنٛبہ لاونہٕ باپتھ پانس زنانہٕ رخ تہٕ زنانن اندر مردانہ خصاٗیلن ہُنٛد ژھوٗرتہٕ چھون ڈرامہ پھِ رِگنداں۔ ماہرِ نفسیاتھ وَنان زِ یتھی بدنٛخ آدم چھِ اِو کٔنی مردن انٛد روٗزم زنانہٕ تہٕ زنٛبن انٛد رخیاٗلی مردانہٕ گی ہٕنٛد ناٹک چاران۔ پنٕنی کٔنی یمن دوٕنوٕنی ذاٗژن پننہِ چھونرُک اِنتقام ہواں تہٕ ''میے پھَس'' موٗلہِ وَنہٕ باپتھے، راتس دوٕہس پان پشہٕ لاوان روزان۔ یرٕھی کتھا چھِ تِمن ازٕھبن آچھربن تہٕ ٹاسربن لِکھاربن ہٕنٛز تہٕ یِہنٛدس ژٕھرس پھَنٕس ادبی دعوٕہس کانٛہہ معتبرٕ ڈلیلا ڈکھِ چھَنہٕ۔ بٔنیہٕ اوس نہٕ یمن ازتام زانٛہہ تہٕ یِہ چھتلہِ بُلٹِن پننوٕ چھونیو چندو چھاپنُک تونگری۔ یوٗت تامتھ نہٕ اتھ کانٛہہ پُرون قلمہٕ پاٗپی یاتہٕ نوٗ وننہٕ وور یمن کرایہِ کشن پوٗنسہ ٹوٗنک دِتھ، کاٗنسہِ تہِ معتبرتہٕ جنیوین قلم کارس کُن ہسہٕ راٗوِتھی پننہِ چھونہِ تہٕ انبرک کھوٗس پھِڑ ہے۔

بێیہِ چھُ یمن وبأڵی تہٕ وأرأ گی ووزمبن کالہ داسن تِمے ہانٹھیے ہِتۍ تہٕ
برٚتھیے ہِتۍ قلمی ووستہٕ مٹہِ مٹہِ دِتھ یہند بوٹانو تہٕ ٹسنو نِشہِ پننِ ادبی نابہ کأری
تہٕ ناتوأنی قوت دِنٛچ مند چھ تہٕ مولہٕ وان۔ یمن چھُ برأنٛتس منٛز کیٛمی تام
باوٕرن نأوِدوانٛک پھُٹمُت أنہٕ دِتھ شکل ڈأجمژ۔ بێیہِ چھُ یمن اوٕلے
ژھوٚٹ زیوٚٹھ تہٕ گومُت۔ اوے چھُنہٕ یمن زندگی ہٕنٛدِس کُنہِ تہٕ انکس
رنگس ہٕشر یا واٹھ لگان۔ کالہٕ یُس تھان کلس دستارٕ بدل گنڈان چھِ صُبجس
تِتھی پیزار سُونہِ نیران۔ بێیہِ یُس تہٕ اکھا یمن ژوٚچہ کھٔنڈ ہاوِتس چھِ یم
چھِ بوچھِ ہوٚنی اِدِ پڈرن تام لوٚان روزان۔ یمے چھِ پرٛتھ کُنہِ علمی تہٕ ادبی محفلہ
اندر پنُن چھوٚن پان نوٚن کڈنہٕ باپتھ ہوکھے تہٕ ووٕزم خیال اَبساوان۔ زبو تہٕ
ہوٕرہوٚ کھراوان تہٕنزی کتھ نہ چھِ پانہٕ منٛد چھان تہٕ نہٕ منٛد چھنہٕ دِوان۔

وُچھنہٕ چھُ آمُت زِیێلہِ نہٕ یہنزن بے مانہِ تہٕ بے سوٚر کتھن کُن سأنی
معتبر لِکھأری، عألم تہٕ عأقل کیٛنہٕ چھِ تھاوان، پتہٕ چھِ یم اخلاق واخلاءصکو
سأری سرحد مانڈان۔ یمن بے حیاتہٕ بدملاحظہٕ ''زبہٕ کوکبن'' چھُنہٕ پننِس
کأنٛسہِ تہٕ تخلیقی رنگہٕ بختاور عألم تہٕ جنیوٕبن شاعرتہٕ ادیبہٕ سُند مقام تہٕ مرتبہ
فِکری کھسان، یُس تِمن وقتچہ ادبی کہہ وچہ پیٹھ پاسہٕ سونٛکی پأٹھی مولہٕ وَنہٕ
یِتھی تھزرتہٕ بجر بخشان چھُ۔ یہِ زأنِتھ یمن ذہنہٕ کَس پوٚت ونس اندر
ہانٹھیوٕمُت شِکس کُملِتھ معتلہ چھُ کرناوان، یمن ازلی شکس لدن ہِتی چھِ



بٔنہٕ تہٕ کینٛہہ ادبی ہانٹھ گُری یہنٛدی ژھوٚژ قلم ووٕمراتن تخلیقی رنگہٕ ترِیی گیہ نہٕ،

تِمو بنأوِی اِدٕ تِمن قلمن خو د ساختہٕ حاکمن تہٕ منصب دارن ہٕنٛد بن کھلن
یِر زارن ہٕنٛدِ باپتھ ڈُوری گش تہٕ ڈورِتارٕ ونہٕ تہِ لاریوکھی کینٛہہ چھلن مل تہِ۔
یمیے بےٚ وطیٖر ادبی شوٗدٕ تہٕ اڈلکہٕ بقوٲسی چھِ اِدٕ یمن بیرا کھو بدلہٕ ڈکھوان
ڈکھوان تِمن پُر اسرار گاٹھن پیٹھ پنٕنی رسد ختاوان تہٕ یِہنٛدِ باپتھ تہِ سُری
مو چھِ ہبن یِہنٛدس گدی دار ہلمس بران، اوے چھِ یم ادبی مخنس ہُمن مطلبہٕ
کبن شودن باضے اُٹس کھٔسِتھ تِمنٕے تکین پیٹھ غرضچ چِلما چیتھ ماجہِ
کٔشیٖرِ ہٕنٛد بن ناماوارتہٕ مقبول عوام زِٹھبن وٕقر وانٛچ تربیت رٹان۔ تمے
پُر اسرار پنجہِ تہٕ وانٛگچ ڈیر چھ یمن بےٚ مُلاحظن باضے باضے تہِ تہِ کرٕناوان
تہٕ تہِ تہِ ووٕرناوان، یہ یِہنٛدس عاقبتس تہٕ الوٗدٕ کُرتھ تھاوان چھُ۔



# خوٗن چھُ بارودِ وان

پٕتی مہِ رہتہٕ فروری رتس اندریُس اَسہِ کأشرِ بن لکن ہنٛدِ پُر اسرار قتل عامُک انکشاف سپُد، ییٚمکی ذمہٕ دار فوجی تہٕ نیم فوجی اہلکارن ہستی ہستی تہنٛدی پالتو غأر سرکأری بندوقی تہٕ بدنامِ زمانہٕ ٹاسک فورسکی مارِ واتل چھِ، ییم ییٚتہٕ سیٚد بن سادن مجبوٗر تہٕ مسکین لوٗکن سوٗڈأنی، افغأنی تہٕ پأکستأنی دراندازناو دِتھ ژھایہِ ہٕلس نتھ بے دردانہٕ طریقوٕ ستی قتل چھِ کران۔ تمہِ کُے شل دژاو ییٚمہِ وِزِ کوکرناگ علاقُک سہ اکھ عیال بار کأری گرِیُس شہرس اندر چھانہٕ کأم کرتھ پننِ عیال پالان اوس۔

سُے عبدالرحمان پڈٕر ناوُک مظلوم تہٕ بے گناہ کأشُر نیوٗ پننی گامُگی اَکھ بدمعاش تہٕ قأتل ٹاسک فورسی پُلسہِ وأل پننہٕ نبن بے ضمیر تہٕ قأتل سأتھی پُلسہِ افسرن ہستی ژٕلتھ میلتھ گاندربل علاقس اندر جیش محمدس ہستی وابستہٕ ابوطلحہ ناو دِتھ تہٕ کوٗرُکھ حسبِ معمول قتل تہٕ گامہٕ وألبن ژھایہِ کوٗرُکھ باقین گمنام

شہیدن ہنٛدی پاٹھی زمین بوٚرد۔ اُمِس ستی تہٕ اَسِکھ بیٚیہٕ زٕ تِتھی بے یارو مددگار کاشُر اَہنٛدی آیہِ عالمی پیما نکی جنگجو ناو دِتھ قتل کٔرتھ اُمِسے ستی دفن کٔری متی۔ یِمن ظالمانہٕ تہٕ پُر اسرار قتلن ہُنٛد بوٚڈ وجہ چھُ یہ زِ بھارتی جمہوریت کہِ دعوادار حاکمو دٕیس یُس یِمن ظالم تہٕ قاتل افسرن تہٕ سپاہن خوٗنِ ناحق کرنس پیٹھ اُچھ وٕٹتھ انعام واکرام دِتھ حوصلہٕ افزایی چھ کرنہٕ یوان، تمی سببہٕ ہیوٚت یمو مارٕ واتلو کُنہِ تہٕ خوفہٕ یا کھوتکہِ بغار کاشرن بے قصوٗرتہٕ بےکس لوٗکن ہُنٛد قتلِ عام کرُن۔

اتھ نسل کُشی کرنس چھِ تِتھن فوجین، پُلسہٕ والین تہٕ تِہنٛدین افسرن تہٕ بیٚیہِ یہنٛدین پالتو آوارٕ بندوقہٕ والین بڈی بڈی حاکم تہٕ تِہنٛدی تنخواہ دار ایجنٹ تہٕ کارندٕ ڈٕکھس۔ اگر چہ تمچہ مثالہٕ دِنہٕ بیٚہمو تم داستانِ غم چھِ تیتی طویل تہٕ ظالمانہٕ، یِم بوٚزِتھ تٔرِ کٔنڈی چھِ پھٹان۔ یِیلہِ یِیتہٕ تِتھے اکہِ ظالمانہٕ تہٕ مجرمانہٕ سازشی قتلِ عامُک پھٔلِ پھوٹ اتھ پیٹھ تِتھٕ کٔنی اکہِ بھارتی پریسکی تم تنگ نظر نمائندٕ تہٕ تِتھس قتلِ بے گناہی پیٹھ شرمندٕ گٔژھتھ تم تہٕ اِدٕ پوٚز لیکھنس پیٹھ مجبوٗر گے یِم از تام تِتھی ظلم وستمن ہنٛدی واقہٕ بلیک اَوٹے اَسی کران۔

یِمن قاتلن نے تِتھن حاکمن ہنٛز حوصلہٕ افزایی سپد ہے، تم ما کرِ ہن تیٚلہِ اتھ حدس تام اَسہِ کاشرن ہنٛز نسل کُشی کرٕنکی تِتھی سنگین جُرم۔ کُس تہٕ کیاز آو قتل کرنہٕ، یِتھٕ تِھُن چھُنہٕ یِمن کانٛہہ شرط آمُت تھاونہٕ تہٕ تو کٔنی اَسی

یِم بے قصوٗر لوٗکن اکہِ طرفہٕ تھپھ دِتھ انان تہٕ بییس طرفس گٔن نِتھ پأکستأنی ،
افغأنی ،سوڈأنی جنگجوناو دِتھ ظألمانہٕ طریقو قتل کٔرتھ گُمنام مزارن اندر دوبہٕ
راوان تہٕ پننہِ اتھ قأتلانہٕ عملہِ پیٹھ شاباأشی تہٕ ینامہٕ پرٛاوان ۔ ووستادونان
وق چھُنہٕ روزان پۆز دق چھُ روزان ۔ اَسہِ کأشرٕن ووت مدتہٕ مدیر پیٹھہٕ
ظلم و جبر تہٕ قتل و غارت وُچھان تہٕ سران ۔ سانہٕ جدِ اجدادو کیاہ کیاہ چھُ
وۄپرحأ کمن ہندٕ بن جأبرانہٕ تہٕ ظألمانہٕ دورن اندر رسۆ رمُت تہٕ زۆ رمُت ،
تہِ پرٕتھ تہٕ بۄزِتھ چھُ رگن ہُندٕ رتھ تام گرٛکان ۔ پۆز تمہِ پتہٕ تہِ چھُ کأشُر
قوم زندٕ تہٕ روزِتہٕ زندٕ ۔ انشاءاللہ ۔

تِتِس تاپس شیہجی راتھا چھُ کأشُر
لسان مُری مُری کراماتھا چھُ کأشُر



# ترٛیٚیہِ لٹہِ آلیس ژٕندرم گاران

وۄنکی انسانن یِیٚلہِ زندگی ہِنٛدِس پرٛتھ گُنہِ شعبس اندر تھٔکنہٕ لایق ترقی ہِنٛدی کارنامہٕ کٔری۔ تمہِ کی برکتہٕ پرآوادِ پتھ کھورِ گاٹمیوتہِ تھزرتہٕ پایرجایی، تہٕ چھِ از زندگی ہُنٛد بہارتہٕ جہار چھاٹوِتھ تمیُک حض تُلان۔ داہ ترٛہہ ؤری بروٛنٛہہ یُس سون کاشُر زمیندار پننِس زٔمینہ ژٕلِس شبٕن ستن رتٕن محنت مشقتھ کٔرتھ تہِ پنُن ٹبر سیراوس نہٕ کٔرتھ ہیکان۔ سُے کمیُل چھُ از تتھی زٔمینہِ ژٕلس پننہِ سارے غذائی ضرورتہٕ پورٕ پاٹھی حاصل کٔرتھ بیٚیہِ باقہٕ ہن کٔنِتھ دِنتھ تہِ ہیکان۔ یہِ کمال تہِ ہوٚوس وقتہٕ کیٚو شرفہٕ والیٚو انسان دوس ذہین سایٔنسی عالموتہٕ محققو۔ یُس آدم راتھ تام بُتلہِ پیٹھ یہِ دٔپِ زِ تہِ کھیٚو کھشہِ اوس پکان، سُے چھُ از جدید علمکہِ برکتہٕ اسمانہٕ پیٹھی کنہٕ وُپھ وار کران۔ زونہِ تہٕ تارکن گندتھ چھُ ووٚنی آفتابکِس انیکھ حرارتی تہٕ شرارتی وجوٗدس نکھہٕ تلہِ پننہِ ضرورتہٕ باپتھ لتس گاش تہٕ وُشنیر ہیتھ تہِ ژلان۔ وقتہٕ

رِکس تِہتھس شرفہٕ وأنِس انسانہٕ ہٕنٛدی پیٚتی احسان انسانتیس نالہٕ متہٕ رٔٹتھ
چھِ تِمن ہٕنٛز گرٛند کرٕنی چھےٚ سیٚکہِ انٛبر ن ہٕنٛدی دیوار کھالنس برابر کتھا۔ اتھ
برعکس چھِ سائنی یانے ملتِ مسلمانن ہٕنٛدی کینٛہہ دعوادار مولوی، مفتی، مبلغ تہٕ
بیٚیہِ کینٛہہ حادثاتی تکن گری اسہِ دینٛکی تہٕ مُلکی زِٹھی بٔنتھ ذاتی مفادو تہٕ مطلبو
باپتھ اسہِ کم فہم تہٕ کم علم مسلمانن پرٛتھ انگہٕ تہٕ پرٛتھ رنگہٕ چھلہٕ پھلہٕ کٔرتھ پٔنن
بۆرِ دُلان۔ تِمہِ چی اکھ مثالا چھےٚ اوترچہِ لوکچہِ عیز ہٕنٛز تہٕ یوسہٕ کأشر اسلامکی
مانن زانن وأنی مسلمان یموے ژھوٚ ژبو تہٕ چھونو دینِ اسلامہ کیوٚ حادثاتی
تہٕ وراثتی تکن گرہو برابر ترٛبن دوہن عید مناونٲوی۔ اتھ حماقتس تہٕ چھےٚ یِمنے
شکم پرست، زٹھلہِ ہٕنٛدبن طمع دار تہٕ غرض مند مذہبی چودربن ہٕنٛز جہالت
تہٕ لاعلمی ذمہٕ دار بنان۔ یِمن نہٕ پٔتی میٚبن ژودہن شتن وٕری ین زندگی
ہٕنٛدِس گُنہِ تہٕ رنکس اندر پانہٕ وأنی کانٛہہ ہِشر تہٕ برابری چھےٚ آمٕژ۔ یِم
روٗدی پرٛانہِ زمانہٕ چین تِمنے پرٛانبن پٔری کتھن ہستی آوری یِمن نہٕ موجوٗدٕ
زمانن کانٛہہ بورٕ ے تھوو۔ وقتک آلو چھُ تیوٗت تیز تہٕ حساس یُس برٛنز بن
اندر رأنْد ونْدٕ عالمس حالات وواقعاتن ہٕنٛدی أنہٕ چھُ ہاوان۔ اتھ سأرٕ ہے
نورس کنہٕ ڈول دِتھ چھِ وُنہِ تہٕ یِم غرضہٕ أنی درمہٕ داند پننہٕ پننہِ وراثتی پینٛجہٕ
پارے دِتھ سیدٕ بن تہٕ سادٕ لُکن گُنہِ رنکس اندر ریکہٕ وٹہٕ أستھ تہٕ بیوٚن بیوٚن
کران۔ ازتامتھ اوس وُچھمُت تہٕ بوزمُت زِ لوکچہِ عیز ہُنْد ژٔندر گوٚ وشہادتہٕ
کہِ ہیرٕ پھیرٕ کٔنی دون عیزن ہٕنٛدس مخزن اندر تقسیم ہوٚکی آسی أڈی اکہِ دوہہٕ

تہٕ اَڈی بیٚیہٕ دوہ عید مناوان۔ مگر اتھ بدل ہوو موجودٕ سائینسی دورٕ کٕھو مسلمانن ہنٛد ہو مُلا حضراتو زِ تِم ہیٚکن کانٛہہ تہٕ سکہٕ دعویٰ دلیل تہٕ معتبر شہادت رد کٔرتھ پننِٕ جہالت تہٕ چوٚدٕ ری گی بارسس اٮ۪نتھ ہٕ مسلمان قومس خوشی تہٕ مسرتُک دوہ تہٕ عاجزی تہٕ پریشانی ہُنٛد شکار بناوِتھ۔ یِژھو کٔر رِستٲنیو کٔنٛز چھُ باسان زِ اگراز وقتہٕ کٕھو یمو مذہبی خود رو معتبرو عالمکی مسلمان ترٛے عیز مناوناوی، بروٚنٹھ کُن ما ہیٚکن یمے غرضہٕ أنی مسلمان ملتس ژورن عیزن برابر ژٕندر ہاوِتھ۔ اَمی یِہنٛزِ ژھو چہ نظرِ، ژھو زِ سوچہ تہٕ چھلہٕ چھانگرِ چھُ وقتُک مسلمان عالمس انٛد ر پرٛتھ شایہِ پننِہ تھزِ جایہِ بوٚن والنہٕ آمُت۔ تتھ کُن سننہٕ تہٕ سزنہٕ بدل چھُ پننہِ ڈیکہٕ کھو چرکی تہٕ پرن ہنٛزِ دشمن دأری ہنٛدی نالہٕ دِتھ انسٲنیتُک تہٕ اسلامُک بُلند تہٕ بالا مقام شرمندٕ کٔرتھ پرٛایہِ بیوٚ ٹھٕمُت۔



# لوکچہِ کتھہِ ہُنٛد گۄب بار

دوٚہہ اکہِ گوٚس بہٕ بیمار دوستس أکِس گرِ خبرِ۔ تتہِ وُچھُم سُہ زبرپاٹھی کھوٚان چھوٚان۔ کتھ باتھ کران۔ پوٚز صرف اوس بسترس پیٹھ ڈوٗ کھ دِتھ بہتھ۔ میٚہ پرٛژھُس دود کیاہ چھُے۔ دوٚپُن بے خوٲبی۔ میٚہ دوٚپُس ہلی خاب چھُکھ ناوُ چھان۔ دوٚپنم کیاسہ سپدُ ے۔ نیٖنٛدر چھُم نہٕ یوان نیٖنٛدر۔ دوٚیمہِ لٹہِ نیٖنٛدر روٗننم تیوٗ تاہ گوٚبہِ ہٹہِ تہٕ بانٛبرِتھ ہیوٚیمہٕ ستی میٚہ تہِ زندگی اندر گوڈنچہِ لٹہِ نیٖنٛدرِ ہُنٛد احساس گوٚو۔ خاٗر أہنز کتھ ژٔٹِتھ وۄنمس، بانٛبرٕنچ چھنہٕ کانٛہہ کتھ۔ نیٖنٛدر چھُ از آدم اکھ آرام پل کھبتھ تہِ کران۔ میون کلامہٕ بوٗزِتھ دوٚپنم "یارا بہٕ چھُس ناپھیرِ وول"۔ میٚہ چھُنا گرِ نیبر زندگی ہُنٛد بوٚڈ حِصہٕ گزٲرِتھ چانہِ کھوتہٕ واریاہ لسنگ بسنگ تجربہٕ تہٕ مشاہدہ تہِ سپد مُت۔ گُن تہٕ من ہے میٚہ گُن تھاوَ کھ، زندگی ہُنٛد اکھ اہم واقہٕ ونے دیوٚ بکاری۔ یہِ بوٗزِتھ دوٚپمس بوزناوِ وتیلہِ اَسہِ تہِ ثوابہٕ خاطرِ۔

دوٚپنم دوٚہہ اکہِ اوس میٚہ کلکتہ (مغربی بنگال) اکِس خریدارس صُبحس

سُلہِ سمکھنُک وعدٕ دیُت مُت۔ ڈیر پتہٕ نیرتھ ووتُس بہٕ کلکتہ شہرٕکس اکس
مصروف ترین بازرس نکھٕ یتھ پارک سٹریٹ (park street) چھِ ونان۔
اتھۍ وُچھم سڑکہِ اکہِ اندٕ واریاہ موٹر، گاڑِ تہٕ لُکھ جمع۔ یہِ وُچھتھ ووتھس بہٕ
تہِ سایکلہٕ پتھ بۆن تہٕ اکس بٔیس پرٛژھِتھ ننیوم زِ یہِ چھُ بنگالُک بۆڈ بارٕ
مارواڑی سیٹھ کیٔنژِ کالہٕ پتھ اتھۍ پٹرِ پتھ ٹاٹھِ نِلوس تل شونگتھ اکس
مسافرس کھورن تل دُزانو اچھ وٹتھ توٗت تامتھ بہان یوتام نہٕ یہِ جندٕ پوش
نینٛدرِ ہُشیار چھُ گژھان۔ یہِ معاملہٕ وُچھِتھ تہٕ بوٗزِتھ باسیو میٚہ زِ یہِ گژھِ
کانٛہہ مس قلندرا، دوستِ خدایا آسُن۔ یہِ سوٗنچان پیاریوس بہٕ تہٕ اکہِ اندٕ
یۆتامتھ یہِ جندٕ موٚت نینٛدرِ ہُشیار گوٚو۔ کھورن تل سیٹھ وُچھِتھ منٛد چھووہیٚو
تہٕ اچھ موٚران ووتھ تھوٚدتہٕ دژاو سیوٚدُے بازرس کُن۔ سیٹھن
ژووُس پننہٕ نبن اچھن ڈاٗلِتھ روپیہِ بوکاہ اتھ جندس پتھ تہٕ اوہنٛدِستۍ عملہٕ
آوحرکتس اندرتہٕ اکس ژاچھِ فارین کارٕمژ راوِکھ داٗر سیٹھس بٔہنہٕ باپتھ۔
اتھی وقفس دوران آو میٚہ سیٹھس یہِ ماجرٕ پرٛژھنُک موقہ۔ تہٕ بنگاٗلی بولہِ
اندر سلام اٗکرتھ کوٚرمس سوالیہ استدعا۔ دۆپمس سیٹھ جی وومید چھم زِ یہِ بہٕ
توٗہہِ پرٛژھِتھ ونیوم صحیح جواب۔ یہِ بوزِتھ کوٚرُن اسن پھشاہ تہٕ۔ تہٕ
ٹھہرتھ دۆپنم کیٔاہ چھے زانُن۔ دۆپمس بوزُم تُہی چھِو واریہو دوہو پتھ صُبحس
سُلہِ یِمس جندٕ مٔتِس نِش یوتن واتان تہِ تہٕ اہنٛدٕ بن کھورن تل پتہٕ واریہس
کالس تِتھے کنٛز بہان۔ یتھ کنٛزِ میٚہ وُچھو۔ بی چھُس زانُن یژھان۔ یہِ

بۆ زِتھ ترٛ وو سیٹھن ووشاتہٕ پرٛژھنم "بوچھِ چھیہِ لگان" دۆپمس زبرپاٹھی، دۆپنم نینٛدر چھیہِ یوان، دۆپمس پۆر رالتس۔ یہِ بوزِتھ وُچھن عارٕ برٛژو چشمو میانبن أچھن کُن تہٕ دۆپنم: بھگوانن چھُم بے حساب دُنیا دیُت مُت، پۆز واریاہ کالہٕ پیٹھٕ چھُم نہٕ نینٛدر یوان۔ یمیُک علاج کرنہٕ عالمس پھیوٚرُس۔ پۆز ازتام اندیوم نہٕ کینٛہہ تہٕ۔ ووٚنی چھُس یمُس جندٕ مُتی سنٛز یتھ سرِ رٲہس تہٕ ترِ گٹہٕ کارس اندر یرٛژھ گوب تہٕ میٹھی نینٛدر وُچھتھ أہندنی کھورن تل بھگوانس منگان۔ یہِ سورُے شوٚٹھ سُند آسُن، دُنیا دأری تہٕ وسمتھ نہٕ تہٕ واپس تہٕ تتھ بدل دِتم صرف تہٕ یمُس جندِ پوشہِ سنٛز نینٛدر رِمنٛز کینٛژھا خأراتھا۔ یہِ بۆزِتھ دُنم دُول تہٕ دڑاس پننہٕ نبن اَچھن مورنہِ دِوان خدا صأبُن شکرانہٕ کران پننِس پرٛاوس کُن۔



# أُپس دِژ وکھ ٹپس گو

۲۵ ؍مارچ ۱۹۹۷ عیسوی سپز جمہٕ ریاستِ جموں وکشمیر کٔبن پرٛتھ زبانٕی تہٕ پرٛتھ بولہِ ہنٛدٮ۪ن لِکھارٮ۪ن ہنٛز اکھ دوٚہچ کانفرنس۔ یمیٚک سنٛز ریاستی کلچرل اکادمی کوٚر رُمت اوس تہٕ موضوٗع اوس ''پٔتمبٮ۪ن دٔہن وٕرین ہنٛدٮ۪ن پُر آشوب حالاتن دوران یُس ادب تہٕ تخلیقاتہٕ قلم کارن ہنٛدِ سوچنہٕ بارسس آیہٕ'' تتھ پٮ۪ٹھ أسی پانہٕ وأنۍ کتھاباتھا کرٕنۍ۔

جنابو! پننوٕ ادبی گونہو ہنٛدِ گوبرِ اوس شوٗٹھس تہِ اتھ اندر شریک سپدنُک روقہٕ سوزنہٕ آمُت۔ جوٚم وأتتھ تتھے کانفرنس ہالس انٛدر لِکھأری ژاے تتہٕ اوس نہٕ گوڈٕ فِکرے تران زِ امیُک یُزمن کُس چھُ۔ اکادمی ہنٛدی اہل کار أسی صرف پننہِ پننہِ پینڈ کٔبن یا پاتھلہِ کٔبن زأنۍ کارن ہتی بیوٚن بیوٚن ٹوگجبن انٛدر رسوٗ ہسر گوٗہسر کران۔ یہ وُچھتھ میٚہ باسیو زِ أسی چھِ شاید میلٹری ہنٛدی کنڈم سامانہٕ بُولہِ پٮ۪ٹھ ہیٚنہٕ باپتھ کبأڑی جوٚم آمتی۔ قلم کأری تہٕ مٹہِ دأری وُچھم اتہِ فقط کیٚنژ ومردیا دی تہٕ ہانٛٹھے متوٕ لِکھاریوٹھوکر صأبس نوکر

ہیوٚی بٔنتھ پتہٕ پتہٕ پکنس تامے ژومرآوٕمژ۔ ابھینو تھیٹرکس شکیل تہٕ وسیع حاطس اندرآسی سخ برٕ بارے۔ پوٚزکینٛہہ بُتھے آسی امہِ کھیلہِ أندرٕنٛۍ تہٕ وٕنۍ لبنہٕ یوان۔ باقےٕ جمگٹھ اوس ووزمُے باسان۔ یِم چاے چینہِ وِزِ تہٕ لنچسی پیٹھےٕ یوت نظرِ گیہِ باقےٕ ...... موٗٹھ آسی یِمو کانفرنٛس شروٗع سپدنہٕ بروٗنٛہہ بے وق تہٕ بے سُر کرٕبکہٕ نادگرتھ مبنگہٕ کھیٚیہِ یِم نہٕ میکہِ پیٹھ بولن والین بے ناو بے پتاہ لُکن ہندۍ ئلی بھاشن تہٕ بوزنے آسی دِوان۔

سٹیجس پیٹھ اوس صدارتی پینل تیوٚت زیوٚٹھ، یہِ وُچھتھ باسان اوس زِ یِم چھِ کشیٖرِ اندر شناختی پریڈِ باپتھ سرکاری افسر لاٗن کرناونہِ آمتۍ۔ یِمن صدوٗرن ہندِس انتخاب کرنس اندر تہِ اوس مطلبےٕ تہٕ ووزمہِ قومی یک جہتی ہُنٛد پوٗرٕ پوٗرٕ خیال تھاونہٕ آمُت تہٕ پرٛتھ ذاژ تہٕ درٕملکی پچاٗری زن تہٕ آسی کُرسی ین پیٹھ سجاونہٕ آمتۍ۔ یِہندۍ فوٹو اخبارن یا اکادمی ہٕنزن کتابن اندر چھپاونہٕ باپتھ أس یِمن ژواپاسے پوزتلنہٕ یوان۔ أتھی ووسہٕ دژ وسہٕ اندر ژاے ووزم سیکریٹری اکادمی شری مان بلونت ٹھاکر جی مہراج پنہٕ نبن جی حضوری مطلبی رام بےٚ پتاہ تہٕ بےٚ ناو لگھارٕبن ہستی بشانِ جم حالس اندر۔ تہٕ پیٹھی خیاٗلی مہراٗ جی ٹھاٹھس باٹھس اندر بشانِ جم کُرسہٕ پیٹھ تہٕ اتھ حالس اندراوس تیوٚت دُوپہ تہٕ اسبند زالنہٕ آمُت، باسان اوس زِ أسی چھِ گُنہِ بٹہٕ خاندرس یا ہون کرنہٕ باپتھ کاٗشی ہندۍ گورسُمتھ تہٕ جُمتھ آمتۍ۔ امہِ وونلہِ تہٕ دِہہ ستی آسے نہٕ کینٛژس کاٗنس أسی اکھا اکھ تہِ بوزنے۔ تہٕ أتھی اندر کھٕتی

ٹھاکر جی سٹیچس پیٹھ تہٕ کوٚرُکھ "گُل کٲشیرِ ہنٛد بن لِکھار بن ہنٛدس سمِتس"
اُدگھاٹن کرنہٕ باپتھ کاشرِ زبانی ہنٛدِس وانٛنسٹھ تہٕ نامدار شاعرس رِوشری میرزا
غلام حسن بیگ عارف صابس درخواس۔ تِم ما آسہن پننِس مخصوص
اندازس تہٕ لباسس اندر رامہِ گرِ ہنٛدِس انتظارس اندر شاید کالہٕ پیٹھے ریہرسل
کران آسی متی۔ یمو سٹیچس تام کھسان کھسان پننہِ ڈکھورن لورِ ہنٛدِس ٹھس
ٹھِسس ستی پنٛنی قدم بڑ ہوشہٕ تہٕ ہوشاری سان ملناوِتھ زن تہٕ تِمن کٲشیرِ
ہنٛزِ آزادی پتہٕ ریاستُک گوڈنیُک صدرِ رِیاست ژٲرنہٕ یِنہٕ پتہٕ گارڈ آف آنرُک مأینہٕ
اوس کرُن۔ عارف صابو کوٚر استقبالیہ ایڈرسہٕ بروٚنٛہہ یمہِ کتھِ ہُنٛد اِنکشاف
زِ تِمن چھُ امی دوہہ بذریعہ طیارِ بطرف چمن یانے کٲشیرِ تہٕ پانژن رتن جمہِ
قیام کرنہٕ پتہٕ تشریف تہِ نِین۔ تِمہِ کنٛی پزِ حاضرینن تِہنٛد قیمتی وقت ضایہِ
کرنہٕ روٚستے تِہنٛد بھاشن دلہٕ کنہِ کنو بوزُن۔ یتھ اندر تِمو کاشرِس ادبس،
ثقافتس ستی ستی انتظامیس تام پنُن دیُت تہٕ سوٚ چھ چھُ کوٚرمُت تِمچی وو کھنے
گرتھ درایے بطرفِ چمن



# مأنٛشہِ کھاجو کھ گل کوز

کتھ حض چھِ ۱۹٦۵ عیسوی ہِنٛج۔ییلہِ ییٚتکۍ واریاہ سیأسی ورکرتہٕ لیڈر قاۓدکرنہٕ آے۔أتھی وقتس اندراوس اکھ گاٹُل ، فلسفی تہٕ زیرک لیڈر رصاۓباتہِ خوجہ یارِبل جیلس انٛدر بند۔أمِس ستی تھووُ کھ اکھ جذبأتی ، عقلہِ موٹ تہٕ جسمأنی ساختہٕ کِنۍ باگہِ بوٚرُت سیأسی وٕرکراتہِ ۔یُس لیڈر رصاۓبس وٕژھِ وأنٛجہِ خدمتھ رٕ دکران۔تمہِ ستی متأثر سپدِ تھ کوٚر لیڈر رصاۓبنِ اوہُنٛد سیأسی تہٕ اخلأقی شعوٗر بیدار کرنہٕ باپتھ أمِس دوہے أکِس أکِس گھنٹس سبق دیُن شروع۔یُس پتہٕ أکِس کأپی پیٚٹھ لیکھِ نأوِتھ أمِس برونٛٹھ کنہِ پرُن تہِ اوس آسان۔دوٚیمہِ دوہہٕ بوٗزِتھ یوٚ دوے ووستادس باسہِ ہے زِ أمِس شاگردس چھُ کُنہِ حدس تام یہِ سبق موٚٹہن کاڈہن توٚ رمُت تہِ ، تیٚلہِ اوسُس اِدٕ دوٚیمہِ دوہہٕ بیٚاکھ سبق پَر ناوان تہٕ لیکھِ ناوان۔اتھ آوریس ستی أسی أمِس یمے رٕتھ شے مرٕہی گأمتی۔تہٕ گرٕکی آیس ملاقاتس ، یمو باقٕے ضرٗوری چیز وعلاوٕ أمِس مازِ کلوس کھنٛڈس گٔسِتھ قوفتہٕ مونجہِ تہِ انمٕژ آسہٕ۔ یمہٕ وُچھِتھ تلاشی کرن وألس واردٕرس (پکسہ وول) أمِس آب ییِتھ

وُزٕ وُزٕ گۄ وتہٕ پتھ بروٚنٹھ وُچھنے تُجن حسبِ عادت پُلسہٕ اکھ مونڈاتہٕ ترٲوِن

أسُس ۔ یہِ وُچھتھ ترٲوِس شخص مذکورن ہیرِ وٲلِس وو کھ تھپھ ۔ نہٕ

چھُس دِوان قوفتہٕ مونڈ ننگلاونہٕ تہٕ نہٕ أسہٕ اندر نبر کڈنہ تہٕ پتہٕ چھُس وحشی

آیہِ موشہِ تہٕ ٹھولہٕ والان ۔ بیٚیہِ لوٗگُن تیۆت کرٕ یکہٕ نادیمہٕ ستی اتھن سارٕی

سیأسی تہٕ اخلاقی قأدی جمع گیہِ ۔ اوہُنٛد وو کھ ووجر وُچھتھ بہریوونہٕ کانٛہہ تہٕ

أمِس نِش پُلسہ وول موکلاونس ۔ أہنٛدِ کرٕ یکہٕ نادٕ ستی گۄ واوہُنٛد سُہ تگن گۄر

ووستاد دُہلی نینٛد رِہشیار ۔ تمہٕ ییٚلہِ پتھن یہِ ساتھی شاگرد رشید اخلاقی سبق پر

نأوِتھ تہٕ وو کھ غنڈٕ گی کران وُچھ، سُہ ژاووٕلی وٕلی کمرس اندر تہٕ تتہِ کجبن تمہِ

سارے سبقہٕ کأپی سۆمبرتھ تہٕ أکس پرٕأنس پوشہِ گملس منٛز ترأوِتھ

پھبرٕ نکھ پتہٕ میٚرٕ تیل لالٹین تہٕ دیُت نکھ ژٕ کھ ۔ ییٚلہِ یمن سبقہٕ کأپین

ژواپأرٕی نارلۆگ تہٕ أتی گۄ وأمِس شاگردس بروٚنہہ کُن تہٕ دۆپنس ووٚنی

گرٕ یواسہِ پتھ رحم تہٕ یہِ ترٲویون یلہٕ ، یُس اوٚ تام أمی کو کرپوٚتی ہٕنٛدی پأٹھی

کھوژٕ مُت اوس ۔ تورٕ وو تھُس سُہ ووٚنی حض تراون از زنگہِ تلی تہٕنٛدِ وننہٕ نتہٕ

کڈٕ ہس تہٕنٛد نے کھورن تل زُو ۔ یہِ بوٗزِتھ گۄ ولیڈر صأب سخ شرمنٛدٕ ۔

ییٚتِس کالس آ واوٚ تن جیلک چیف واڈر تہٕ دۆپنس حضرت یہِ کیاہ زولوٕ ییتھ

گملس اندر ۔ لیڈر صأب وو تھُس پننی تحریرٕی حماقتھ ۔ تہٕنٛد نہٕ کینٛہہ ۔



# مائشہِ کھاجو کھ گل کوز

کتھ ہض چھِ ۱۹۶۵ عیسوی ہِنٛز ۔ییلہِ ییٚتکی واریاہ سیاسی ورکرتہٕ لیڈر قاۂد کرنہٕ آے ۔ أتھی وقتس اندراوس اکھ گاٹُل ، فلسفی تہٕ زیٖرک لیڈر رصاباتہٕ خوجہ یارٕ بل جیلس اندر بند۔ أمِس ہٕتی تھوٗو کھ اکھ جذباتی ، عقلہِ موٹ تہٕ جسمأنی ساختہٕ کٔنہٕ باگہِ بوٚرُت سیاسی وٗرکراتہِ ۔ یُس لیڈر رصابس وٗژھِ وأنٛجہِ خدمتھ رؤدکران ۔تمہِ ہٕتی متأثر سپدِتھ کوٚر لیڈر رصابن اوہُند سیاسی تہٕ اخلأقی شعوٗر بیدار کرنہٕ باپتھ أمِس دوہے أ کِس أکِس گھنٹس سبق دیُن شروع ۔یُس پتہٕ أکِس کأپی پیٹھ لیکھِ نأوِتھ أمِس برونٛٹھ کنہِ پرُن تہٕ اوس آسان ۔ دویمہِ دوہہٕ بوٗزِتھ یوٚ دوے ووستادس باسہِ ہے زِ أمِس شاگردس چھُ کُنہِ حدس تام یہِ سبق موٹِھن کاڈبن تو رمُت تہِ ،تیلہِ اوسُس اِد دویمہِ دوہہٕ بیا کھ سبق پَرناوان تہٕ لیکھِ ناوان ۔اتھ آوریرس ہٕتی أسی أمِس ییمے رہتھ شے مرٕہی گأمتی ۔ تہٕ گرِکی آیس ملاقاتس ، ییمو باقے ضروٗری چیز وعلاوٕ أمِس مازِ کلوس کھنڈس گُستھ قوفتہٕ مونجہِ تہِ انمژ آسہٕ۔ ییمہٕ وُچھِتھ تلاشی کرن وألِس واردرس (پکسہ وول) أمِسس آب ہتھ

ؤزؤز گوٚ وتہٕ پتھ بروٚنٹھ وُچھنے تِجن حسبِ عادتِ پُلسہٕ اکھ مونڈا تہٕ ترٲوِن اَسَس۔ یہِ وُچھِتھ ترٲوِس شخص مذکورن ہیری وٲلِس ووکھ تھچھ۔ نہٕ چھُس دِوان قوفتہٕ مونڈ نبنگلاونہٕ تہٕ نہٕ آسہٕ اندر نبر کڈ نہ تہٕ پتھ چھُس وحشی آیہِ موشہِ تہٕ ٹھولہٕ والان۔ بیٚیہِ لوگُن تیوٚت کرٛ یکہٕ نادیمہِ ستی اتھن سارٕی سیاسی تہٕ اخلاقی قاٰدی جمع گیہِ۔ اوہُنٛد ووکھ ووجر وُچھتھ بہریونہٕ کانٛہہ تہٕ اُمس نِش پُلسہ وول موکلاونس۔ اُہنٛدِ کرٛ یکہٕ نادٕستی گوٚ واوہُنٛد سُہ تکن گوٚر ووستاد دُہلی نینٛد رِہشیار۔ تُمی ییٚلہِ پُنن یہِ ساتھی شاگرد رشید اخلاقی سبق پر ناوِتھ تہٕ ووکھ غنڈٕ گی کران وُچھ، سُہ ژاوؤلی ؤلی کمرس انٛدرتہٕ تتہٕ کجبن تمہِ سارے سبقہٕ کاپی سوٚمبرتھ تہٕ اُکس پرٛانس پوشہِ گملس منٛز ترٲوِتھ پھرنکھ پیٹھہِ میرٕ تیل لالٹین تہٕ دیُت نکھ ژٕکھ۔ ییٚلہِ یمن سبقہٕ کاپین ژواپاری نارلوٚگ تہٕ اُتی گوٚ وٲمس شاگردس بروٚنہہ گُن تہٕ دوٚپنس ووٚنی گُریواسہِ پیٹھ رحم تہٕ یہِ ترٲویون یلہٕ، یُس اوٚ تام اُمی کوکرپوٚتی سِنٛدی پاٹھی کھوٚنزمُت اوس۔ تورٕ ووتھُس سُہ ووٚنی حض تراون از زنگہِ تلی تہٕنٛدِ ونہٕ نتہٕ کڈٕ ہس تہٕنٛد نے کھورن تل زُو۔ یہِ بوٚزِتھ گوٚ ولیڈر صاب سخ شرمندٕ۔ یتیس کالس آواوٚ تن جیلک چیف واڈرتہٕ دوٚپنس حضرت یہِ کیاہ زولوٕتھ گملس اندر۔ لیڈر صاب ووتھُس پننی تحریری حماقتھ۔ تہٕنٛد نہٕ کینٛہہ۔



# کتھ تہٕ باتھ

دپان کینژٕ کالہٕ پتھ پھیوٚ ربیٚہِ بھارتہٕ کِنہٕ حاکمن کٔشیرِ ہٕنٛدِس ہاتھ تہٕ ہُنے مِتِس مسلس تہٕ معاملس کھوٚلو کرُنک مأل ہیوٚ۔ تکیازِ تِم چھِ سانہٕ کاوِ گاٹلین گاہ بڈگاہ یِتھ پھل چھکأنی آمتی۔ یہِ بوٗزِتھ چھُ ییتہٕ کینژن اوپن تہٕ آچھرن کالہٕ داسن برٛم تہٕ بتولہٕ لگان۔ مُلکہٕ مام آسُن تہٕ چھےٚ ووٗنی پرٛأنی پادشاہ کتھے، از چھُ دعوادار عالمُک چِنٛچہٕ جارج بُش یُس پرٛتھ جایہٕ چھُ پرٛژھنے ژھوٹہٕ جنہٕ سٕنٛدی پأٹھی وأتِتھ پننہٕ غرضہٕ کہِ کمچہٕ ستی عالمُک ہوڈل گرٛطمہکس ٹانکس گنٛڈِتھ پان اُٹی اُٹی کڈان۔ سیأسی کتھ کتألی دپان بُش چھ بھارت پننہٕ غرضہٕ چہٕ کتھ تام پھُٹچہٕ گنٛڈ مُژراونہٕ واتان۔ توٕ کنہٕ چھس اپأری مس جنگی طلبہٕ موہنِوس پننس منکتہٕ...... مُش (پرویز مشرف) صأبس دِل خوش کرنہٕ باپتھ کأشرِ پرٛانہٕ ژادرِ تہٕ پش دِنی یم تتھ ڈٔہی لہٕ وادو پتھ نوے ٕتی چھِ۔ توے کوٚر بُشس نِش بیٚہنہٕ باپتھ بھارتہٕ کھوٚ پرٛانوٕتہٕ نوبو حکمرانو سانہٕ سِول تہٕ سرکأری چوٚدرن نِو دلہٕ پٕنٛگ سوالِ خُدا۔

کٔشیرِ ہٕنٛدِس معاملس بٕڈچھِ ار تام کأتیاہ کتھہٕ کتألی کتھ کران آمتی

تہٕ بروٚنٛہہ کُن تہِ روزن کرأنی۔ مگر باتھ ترٕم نہٕ فِکرے زِ تہِ کیاہ گوٚو۔ یتھ انگریزی بولہ اندر مانہِ چھَلن چھوٚکن کَڈِتھ ہیکو۔ ووٕنی اگر کتھِ گوڈٕیو ہے باتھ کرُن چھُ تہِ ماچھُ دِلہِ والین ہُنٛد مطلبہِ غرض آسان تہِ نہ سانین کلین قوالن ہٕنٛدزانُن ربو اتہٕ تھے چھُ۔ أسی ییٚلہِ نہٕ پانہٕ وأنی أکس بیٚیس ہتی کتھ کرنہٕ باپتھ رَلان چھِ، 'باتھ' بچور کیا چھلہِ تیٚلہِ سانہِ کُج دِلہٕ تہٕ کوردیماغک مل۔

سانین سیأسی پأ کارِن تہٕ باپارِن چھِ بیوٚن بیوٚن گرٛاک تہٕ بستوٗربارِ۔ یہنٛز کوس کتھ چھےٚ رٕلتھ میلتھ یوسہٕ سوچہ سمجھٕتھ اوبر گوبرٕ اَستھ مولہٕ وَنہٕ یِی! یم خوجہِ چھِ پنٛنس پنٛنس وراثتی یا حأدثأتی وانس پیٹھ پنُن پنُن سودا سجأوِتھ سودا گرٕ بنیمتی۔ یم کتھ رٕزِ تہٕ پزِ کتھِ ہکن 'باتھ' کرِتھ۔ یم غرضہٕ کین ٹھپین اندر جانور بیوٚن بیوٚن بولہِ کرن تَتھ کُس سنا کاوٕ گاٹُل دَپہِ بولبوش؟

کٕری تن کأژاہ کتھٕ کرن...... پتہٕ کیاہ تی یہِ اَسہِ خبرٕ ے چھےٚ۔ یم وَنن کیاہ تہٕ ہُم بوزن کُہنٛد؟ أزرُن چھنہٕ کہین تہٕ گنٛز راوٕنی چھِ فقط نگ۔ تم لُکھ چھِ سانین چھکرنہٕ آمتین اَچھرن ہٕنٛدی پھیری۔ کتھ چھےٚ باتھ کرنے عالمس ہاوٕنی۔ تہٕ ووستس باوٕنی۔ پچہ تَل تھاوٕنی چاوٕنی گاوٕ۔ تم گےٚ تور أسی آیہ یور۔

پوٚتُس پزِتھ جایہِ ازتام ووت کأشُر ۔۔۔ ۇوتھ چمنس چھُ وایان دزٕ ووت کأشُر

وَنان سِر دُشمنس نِش پزِووت کأشُر ۔۔۔ بنان پانے چھِ پانس موت کأشُر



۲۶ رفروری ۲۰۰۶ء

# کوکرکون تہٕ کأشُر

تہُ تہِ بوزِوحض ، دپان دَپن والبو چھُ دوپمُت زِ کوکرن چھِ نبرٕ کتہِ تام مُرچہِ کون آمُت ۔ میانہِ لوکچارٕ اَسی اتھ کأشرِ پأٹھی کوکرکون دپان ۔ تمہِ وِزِ اوس نہٕ اتھ پتھ یوٗت شورٕ شرتہٕ ہوٗل ہالے ووتھان ۔ اَدٕ یتھ گرٕس یا مرِس کوکرکھیلہِ أندرٕ کانْہہ کوٗریا کوٕکرموردٕ بادگرٕ شہِ ہے تہٕ وُچِھتھ اَسی گرٕ واٗلی زانان زِخبرکتھ ناگہأنی بلایہِ لوٚگ بُتھِ ۔ افسوٗس کرنہٕ بدل اَسی خداصأبس کُن شکرانے کران تہٕ باقے بچے متی کوکر اَسی اَدٕ پننہِ پننہِ وارِپتھ عیزن ، وورسن ، پرٛھبن اَلایہِ بلایہِ لگتھ باقے ژرنٛڈ گنڈم موقن پتھ خرچاونہٕ یوان ۔ یہِ کتھ تہٕ چھےٚ ترٛ ہہ ، ژتجہ وٕری بزٕ وُنتھم ییلہِ شہرٕ گام ساری لسن بسن واٗلی تہٕ مسکین کأشرِ گرن اندر کوکر ، أنز ، بطخ بیترٕ رچھان اَسی ، تم دوہ تہٕ نی اَدٕ اَسہِ بیٚین تاریخی ، تہذیبی ، ثقافتی تہٕ رہوأیتی سرمایکی پأٹھی پننی ژھوٚژی سوچن تہٕ متی طمہن یہِ ڈٕلِ زِ تہِ موٚچھِ موٗرِتھ تھپہِ ۔ اسہِ بُوالہوس تہٕ نقال کأشر بوراوُرتہِ تیمہٕ ستی سأنی پرٕ بزنتھ اَس ۔ لمبراکھ کأشرزبان......

ماجہِ زیٚو ...... یوسہٕ پرٕ نیدِ اَدِ کُجہٕ گرٕتھ تھاوتہٕ چکس پرٕ آیہِ پتھووُلیاہ

کران ۔ پٔنن مولُل تہذیبی ، ثقافتی تہٕ توٲریخی سرمایہِ تہِ وُژدووشوڈ بٔنتھ چرسہٕ چلمہِ ہٕنڈی پٲٹھی برنژ٘بن منز ۔ اَسہِ پہِ پننوِ راتہٕ کبوٕ زٔھرن والبوٕ مولُل بوکھچہ پلہِ اُوس تھوومُت ، سُہ پھرکوٕو فاتر چالہِ کھوٹبن پوٚنسن ۔ تتھ بدل تھوو پننبن پگہہ کبن لوتبن پوتبن دیوٲلی کھالتس گاٹہٕ ۔۔ رٲتب یُس تمن بروٗنہہ کُن قرنہٕ وادَن پُرُون آسہِ ۔

کتھ چھِ أسی کوکرزُ کاچ کران ، سُہ لارِ تمنےٕ یم زٲولہِ ذہنکی لوٗکھ آسَن ۔ اَسہِ تہٕ سائنس یکہٕ مٔدرِس مزازس ، پچس سوچس تہٕ بوٚچھس شِکمس کتہ پوٚرِ کوکرکون ۔ أسی چھِناہتہٕ بدٕبن کرورَن شاٹھ گامن ہٕنڈی وأنٹھی تہٕ دژٲنٹھی گبہِ تہٕ کٹھزو نگلےٕ متی زچل کوکرتہٕ ہانٹھ کوکرِ ننبگلتھ زبوَن ٹاس کڈان تہٕ جنیاٗتی میادس امہِ رنگہٕ گربدن ہٕنڈی پاٹھی پرتھ کانٛہہ موکُرسوکُر کھبتھ انسأنی ماحول صاف تہٕ شوٗژبناوان ، یتھ پٔٹھ اسہِ پننہِ جایہِ نازتہٕ فخرچھُ ۔ ووٗنی ہے کوکُرکون لارِتہٕ گس تہٕ کمن ؟ تمنےٕ مایہِ سانہِ ستی تپالہٕ کون.........

رٔنتھ أسن ، بزتھ ، کانٛہہ ماز آسُن
منس ویہِ نَے کنس ٕکس گرُن گوٚژھ
بگبُر فن کار بے سُر ساز آسُن
پران اَن پڑھ مگر گرشھِ وأعظ آسُن

۵؍ مارچ ۲۰۰۶ء

☆☆☆

# نیا کشمیرچ وُگرِ لبجہ

یُتھے حض بہٕ فکرِ پیوس مےٚ تہٕ گوٚ وتمہٕ وِزِ گوڈِ یو ہے آلو کنن ''نیا کشمیر''۔ بؤزی تو یو ہے زاشُرِس کھوورِس کنس بانگاہ ہش۔ امہٕ پتہٕ برونٹھ برونٹھ پکان ییلہٕ اَسہٕ تہنزِ دُعایہٕ خأرِ کاڈ بن تہٕ قدس واش ہیوٚتُن نیرُن مےٚ اوس ''نیا کشمیرُک'' یہ سوٗرے نعرٕ یو ہے ثقیل ہیوٗ باسان۔ خبر کیا زاوس مےٚ تمہٕ وِزِ آوُلن ہیوٗ تہٕ پھیران تہٕ بیٚیہٕ بےشونک شانت مزاز تہٕ خامہٕ خاہ شوران۔ خأر موہنو کیاہ ونہٕ گوڈِ اِنسانس۔ پنُن عأب ہاکِنہٕ گُدرُن۔ نصف ہٹلس ڈٔلتھ تہٕ چھنہٕ وُنہٕ نیا کشمیرُک سُہ پژون پاسکی درجہ کرایہٕ دَرِشندی پأٹھی کأڈی کوٹھر بن ہُند قبضے تژاوان۔ خبر حض پرانا کشمیر گمن کباڈ بن، کرتہٕ کٔمی، پَر پأ کأری چھُ تیلہٕ پھرکو مُت۔ پرأنی پرأنی کأشر چھِ دِپان، پرانہٕ کشیرِ اوس پنُن پرونےٚ انہار زَبرٕ تتھ پنُن ڈکھجل آسُن وو پرو ژو پروےٚ رأ چھ راوٹھ گرِتھ ڈنجہ اوُسس تھوو مُت۔ تم دپان پننی پلزِس تہٕ رأ چھی پھرِس۔ دوٚ یُم حض
پوٗژ پھبرن تہٕ دورِ کن تھِھ دِتھ نیونس وو ستن
نبتھ نوٚن ژوٗرِ لیا تھاوےٚ غم پھم گاو گس چاوےٚ

کتھ تہِ حض چھےٚ ژٕتھ دِنٕی لایق زِیٕیلہِ پرٛأنی کٔشیٖرِ نیا کشمیر کھوٗ تہٕ بڈٕ

تہٕ بختاور اَس، تیٖلہِ کتھ اَسِس پتھ کالکی حادثاتی پٔٹھ اوِلی نوٚو کِشہٕ نوراونہِ

نیران۔ تِم ہے دپان پرانہِ کٔشیٖرِ ہنٛز سو پرأنی وَسمتھ اَسکھ پانس تہٕ پننِن

ژنکن تہٕ بنکن اندر قومکہِ غمہٕ قأدتھاوِمژ۔ تمہِ پتہٕ تہِ چھِ اَسی ماجہِ کٔشیٖرِ ہُنٛد

یہِ دِل گورِد وُچھِتھ تہِ تِتھی کھوٗش کھوٗری وَل تہٕ وژن ورتاوان تہِ پنٛن

موٗلُل آسُن تہٕ عظمتھ پھرکاوِتھ دپان۔ ۱۹۴۸ یس تام اوسُس کھورٕ پٔٹھٕ

تالہِ تام توتہِ پنُنٕے گہنہٕ تہٕ پوشاکھ تہٕ پنٕنی ٹھینٛٹھی میٖنٛٹھی تہٕ باگہِ بوٚرُت وارِثی

بوکھچہِ پانسے رِنِش۔ یتھ ۱۹۵۳ یس تام لوٚٹرن کہنٛزِ تام ژاس کرنہٕ موجوٗب

لوٚٹنس تھوٚتھ اَس گرٕ ھان۔ ترِ ونزاہ پٔٹھِ ژوہاٚئس تام ترٛاوی ہَس لوکٹِن

چندن ووزمہ دیارِ دوژھ تہٕ مزازٕ بدلاوِتھ نیوٚ ہس موچھِ موٚرِتھ پنٛن غارتھ تہٕ

دیانتھ رٔٹہس دیارن رِگرو۔ ۱۹۶۴ پٔٹھ ۱۹۷۱ یس تام نیوٚ ہس تہِ سورُے

پنُن تہٕ ووزم گربأ ژوٚ ے۔

پَرکوٚٹز گرتھ لوٚٹتھ اوزٕ زمان سپدِتھ آس نہٕ اَدِ ازتام تہِ پَرتہٕ پنُن ونی،

۱۹۵۷ پٔٹھِ ۱۹۷۱ یَس تام روز ژھیٚپہٕ ژھایہِ ڈبکہٕ لانٛکی وبداکھ دِوان تہٕ

دِلبرن تہٕ دردِلن وٕنی دِوان۔ ۱۹۷۵ پٔٹھ ازتام رودِس پنٕنی لأ رِگتھ پَرن

ہِنٛدی طلبہٕ موٚہنوِی وِیٚہی بدلاوی بدلاوی رَژھ رَژھِ کنان دِنان تہٕ پان ہُنہِ

راوان۔ پھأ نگرِ گرتھ چھس ووٚنی کینٛہہ مالِنٛی تہِ کینٛہہ وأرِوٕنتھ پننِن منکتہٕ


موزُورَن ہیٚنٛدِ ڈٕسی زبأنی زمادٕ گرِتھ ووٚچھلاوان پیٚیہ نقل ہُنٛدی تہٕ ووزمس

ضأمن ژھانڈان۔ پنٕنۍ پڈر چھےٚ سنتان وٕتھس گرٕ یہہ ژارس اندر بطخ پوتٕن ہنٛدی پأٹھۍ غرضہٕ کٔس وارأ گرٕ تہٕ أنیکھ سرس منگولہٕ کھینٕہٕ۔ کو پوتیو لوٗگس بے کٔس ننٛدٕ بون یاوٗن تاونس تہٕ سو پوتی ہریے سونٛتھٕ کالے وزرٕنہٕ وولہٕ واوٕ وونۍ چھِس چھو کہٕ دأوی کٔرتھ عالمکی چیٖچہٕ ہو پچھے میٖچہٕ آپہ رٕنہٕ کالہٕ پگاہ یوان تہٕ گرژھان، یمو پتہٕ نٔوی تہٕ پرٛأنی کتھ کُتأنی دڑال سودا کرنے مال شرٛو پراوٕنکی مأہر چھِ بنأوی متی۔ تمنے انٛدر چھِ تم دُبتھبل، سیأسی تھانگی تہٕ، یم پتہٕ دو گنٛبل وان سجأوِتھ انزأنی سوداگرن ہُنٛد سودا کِننہٕ چھِ دڑامتی۔ یمنے غأباتی تہٕ غرضہٕ کنٕن ونٕن چھِکھ کم کم قنٛدٕ کأری ناوپٹٕ نألی تزٕ آوی متی

۱۳ر مارچ ۲۰۰۶ء



# دِمہٕ کتھ بہٕ واٹھ وَنتم

''یَتھ نہٕ حض اندِ ووٗنی رٕکھیں۔ چھُکھ حض بوزان۔ ژےٚ حض دوٚپمے خوجہٕ صآبا''۔ مےٚ دِژ پوٚت نظر، یہِ ووٗچھم سُے ہٹہٕ مٹہٕ آدم یُس وتہِ پکہٕ وٕنہٕ آوربن تہٕ باتھِرِ لد انزآنی لگن خامہٕ خاہ آلو دِی دی وتن پیٹھ رٕٹتھ پانس ہتی ہتی پکہٕ ناونہٕ باپتھ کم کم وآراگ تہٕ ووکھل چھُ مُنان دِنان آسان۔ شہمتنہٕ کارِ لوٗگُس بہٕ تہِ ازتھنزی کتھِ والہٕ واشہِ۔ کرٕ ہاتہِ کیاہ، پتہٕ پیٚم مجبوٗرن تھنز راٗنڈ بوزنِی۔ یہِ چھُ پنُن کلامہٕ بریکہِ روس بسہٕ ہنٛدی پاٹھی بے پتاہ منزلس کُن دورٕ ناوان، بہٕ چھُس مجبور تہٕ لاچار ہنٛدی پاٹھی اَمس اوِ تہٕ نہ گرتھ بوزنک باس دِوان۔ دوٚپنم ''یہِ حض چھےٚ راتہٕ کہِ ہرتالی دوہٕچ کتھ، کالہٕ حض اوسم پنجاٗبی مٹر دہن روپئن ڈوڈ کلو اوٗ نمُت، صجس دِیُتنم مشکلن اکھ کلو دَہن ڈبلن، درائنٹھبن تہٕ زوٗنگلےٚ مُتبن شاٹھہِ گاٗمی کٹن تہٕ گبن ہُنٛد مازتہِ حض کُن بے انصاف پُجو گرِگبن وُٹبن تہٕ کھُٹبن اندر، زانکھ پنٕنی گورِ گردن گس تہٕ کِتس۔ کیاہ ونے وَننہٕ چھُ گوڈٕ موہنیو مند چھانیئ، گوری یارس اوس زہرادوڈٕپس پیٹھ چالونلکس پیچ بند کرنےٚ مُشتھ گومُت، کاندربآے اُس ناتوان زوچن ہرتالی ژ مٹھاہ تہِ ہیٚرٕ ہٕرٕ۔

خبر حض مےٚ یکاہٕ ہنٛزی کتھ تہِ بیہی ژٕ ٹےٚ، کوکرکون ووتھنہٕ بروٚنہہ

حض اُسی کو کرٕنَن وٲلی یِمن پنجٲبی نیلان Nylon کو کرن وزن ہُر اونہٕ باپتھ اَرداہٕ پھلس ءِستی سکھ کھیاوِناوان، تہٕ حض وُچھم پانہٕ نوموگناہ گار چشمو۔ توبہ توبہ کوتاہ حض وَنے بے انصاف لگن ہِنٛز بے ایمٲنی۔ داندرن تہٕ آرمن ہِنٛز چھےٚ خبرٕ ے، تِم رِکتھٕ کِنیٚ چھِ اُکس ہاکہٕ وُتھرس ترٛ ے تِہٕ گرتھ بوٚ د بناوان۔ اُہِنٛزٕ یِمہٕ بولہِ بوزان وٲتی کُہی تام بُہری کٲدل چوکس نکھٕ، اتھن دِژِس بے شوٗنکی پاٗٹھی بیٚیہٕ اُکی وولہٕ دولہٕ ووکھٕ آدمن گردنہِ تھِشھ تہٕ دوٚ پنِس ہیاَ کٕٹہٕ واعظ خانا پیٚو یارنگہٕ بادٕ ییٚمس سادِ منشس کیہو چھُ خبر زِ ژُکس توہہ ٹھگ چھکھ پانہٕ تہٕ؟ بہٕ ہا اوُسس چون یہٕ سورٕ ے وأرأ گی افراسیٲبی کلامہٕ پتہٕ پتہٕ پکِتھ بوزان۔ اُہِنٛز ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ گردن مےٚ گُن پھرِتھ دوٚ پنم: ”یہِ حض چھُےٚ نالہِ بطن، تونتہِ ٹُلان تہٕ پراژوچھس بیٚیہٕ نیرتھ ژلان۔ یوٚ ہے ناعاقبت اندیش ٹھگ حض چھُ منٛز شہرس مندٕنبن مقبرن ہِنٛدی پیری تہٕ مسجدن ہُنٛد ساز وسامان ژوٗ رِ نتھ کِنتھ کھوان تہٕ زار گندان۔ یِیلہِ نہٕ کُنہٕ وقتہٕ ٹھگی گرتھ تہِ کینہہ بٹس تیٚلہِ چھُ پٕنُن رتھ ہسپتالہٕ والین کِنٛتھ تتھ تہِ داولاگان۔ دِتس گام یِم نہٕ ووٚنی روٗدی کُنہِ“!

چھٕلِنی ووٚنی گوٗری یِیلہِ گُن آرمن کچھ
پچُو تھٕو پاوِ اڈ پاو موچہٕ بیٚیہٕ سوٚ چھ
کھوان ژُمچو دوہے کاندر چھُ ژوچوٗر
پرٛژھکھ یُس ساس تس دِن، توتہِ چھکھ لچھ

☆☆☆

۱۹/مارچ ۲۰۰۶ء

# یارِ لوٗٹِتھ موٗرِ رُوان

دۄ ہمے حض ، اَسہِ کیاہ چھُ اور کُن سَنُنے ۔ موہنیوٗ چھا گاٹُل کِنہٕ چور، اَسہِ گرٕھن بیٹھنی پٕنِنۍ آنہٕ ژور۔ اَسہِ کیاہ چھُ شیرِس یا بکرِس سَتُن ۔ اسہِ چھُ غرض ژادرِ ستی ،سویَس وسہِ تہٕ تَس ۔ کول پۄرِنی اَسِن یاوٗ ڈرکوٗرِنی ؟ نیہِ اَسِن نمبل بناوِنی یا آبادِس وأران وَدل کرِنی ، اَسہِ چھے پٕنِنۍ موٗتھ چندس تراوِنی ۔ آلو یپاأری گرٕھ ھِ تہٕ تپاأری چھُ ژوزونگ دوُرن ، ژواپاأری شاأنکِتھ چھُ پٕنُنے گرٕ سوُرن ۔ عالم دڑا وشاٹھ گامن گُلی رُونہِ ، أسی کیاژِ روزِ ہو یرٕ ھرِ ژِ کامہِ پتھ ۔ أسی تہِ دڑاے ناساأری کھبنہٕ مبنہٕ جوکوٹمہِ گرتھ شُری مُری ہبتھ شجرکاأری ہنٛدِ بُتھِ چندس یاأری ژھاڈنہِ ۔ دپان حض یُس جنٛگلی بُوب ، جنگل ژوٗرن ستی ژھایہِ ہٕلس وأنستھ دیودارکُلی پتھرِس پاوان روٗٹھ تہٕ خوجہِ ہُند واتناونہٕ بدل واتہٕ نوٗوکھ سرکاأری گاڑ اندر پنہٕ نِسے وأرأ گی بنگلس اندر، کینٛژس کالس ژھایہِ ہٕلس تھاونہٕ پتہٕ حض لاگی ہس سرکاأری سوارِ گُرہن ستی بیٛہہِ تہٕ پٔڈرن نال ! عوہد ہُر روٗ ہس ۔ حاأرأنی ہنٛز کتھاہ

چھنہٕ بہٕ ونہٕ وأرأنی ہُنٛز وَنن گےٚ۔ پتہٕ وُچھُم سےٚ مێنگن ٹھگ اکھ ہمہٕ مارچ
امٔ ہسے موصم بونہٕ بچارِ پُنن ہسی پان اگادِ کرتھ بہٕ ڈٕلی زِتہٕ سوار کھسِتھ۔
دوٚیِم حض، بونہٕ رُونہٕ دژامُت! یمہٕ پتہٕ لاوأرث لاشن ہنٛدی پأٹھی غأب
چھ کرنہٕ یوان۔ یمن کیاہ تتھ سَنن؟ یم چھس امہٕ دوہ شیہلہِ ہچارِ کی سوٗنتہٕ
بأتھ پنٕنی بگرِ ہٹہِ گوان۔ ینہٕ توہہٕ بدخواہن خیال ڈلہِ زِ بہٕ کیا چھس توہہٕ
کانٛہہ قصہ یا افسانہٕ دَپان۔ تتھ چھُم تہنٛدِ طرفہٕ خدا صأبس پتہٕ پنہٕ نٔے ووزم
جان تہٕ زأویل پان شأہد تہٕ وأحد۔ سو کتھ چھےٚ نہٕ ہرگز تہِ۔ تی چھس
توہہٕ باوان یہٕ پانہٕ چشمو چھُم وُچھمُت۔ ییمے وِزٕ وأنٛٹھی تہٕ دژأنٛٹھی کونکل
صأب پانہٕ وأنسٕٹھ یارِ تہٕ قد اوار دیودار منٛدِ نبن لرِ پاوان چھِ تمے چھِ رأچھ
درَن ہنٛدی بتھی لأگتھ شوٗژ ماحول رٕژھراونکی نغمہٕ تہِ گوان، تتھ کنی ییتہٕ
سانہٕ بونہٕ دفترِ کی نکی بڈی ووستہٕ ژاٹھ پارے دِتھ چھِ ساڈلوٗکن وَونہٕ باپتھ
بونہٕ بأگراوان تھکان، پوٚز پانہٕ زَن چھِنہٕ دفترِ نبر بُتھ ہاوِنی لایقے۔ نتہٕ
آسہٕ ہنےٚ پانہٕ تہِ بونہٕ بودراہ کُنہٕ گُنہٕ شایہ گرٕھتھ رُوأنی۔ وٕں گو بونہٕ دوہہٕ
چھِ گنہٕ حسین تہٕ خوبصوٗرتھ باغس اندرا کھ بونہٕ بچہ ہن کأنسہٕ بُتھی دار سرکأری
چوٗ دِرہسے اتھ رُوناوان۔ کرُی تو تہُنٛد انصاف کتھا زِ یتھ سرکأری اِدارس
کانٛہہ کأم کرنہٕ باپتھ عوامچہ دیارِ دوٗ ژھ خرچہ آسَن گرٕھان، تم چھِ سہ بور
تہِ ساڈلگن ناتوان نکھن کھأسِتھ پان لوٗژرأ وِتھے روزان۔ یم گرٕھی ناگُل
کٔشیر اندر تمہِ جایہ وَنہِ لدٕھ ہاوِی یمن جاین بونہٕ ہنٛدِ ینہٕ والہِ دوہ(۲۱/

مارچ) یِمہٕ بونہٕ نِچارِ رُونہٕ یِہن۔ تمہِ پتہٕ تِمن رأ چھ راوٹھ کرنچ تہٕ کأنٛہہ سبیلاہ
کرٕنی۔ نتہٕ دۆپمُت کأشرِ ووستادن: أنی سنٛز آشیٚنی کأنٛس حوالہٕ



اگر نے از تہٕ پگہہ پایَس بنی کیٛاہ
رفیقاہ ما ژٕٚے چھےٚ دایَس بنی کیٛاہ
کوٚرُتھ دٕیِوَن ژٕٚے پننِس سبزٕ زارس
گُلاہ ما کأنٛہہ رۆچھتھ سایَس بنی کیٛاہ



۲/اپریل ۲۰۰۶ء

# دربار مُوتہٕ دربأری

پتھ کالچہِ کینٛہہ یادٕ یوٚ دوے اسہِ نٔش میچھِ تہٕ مٔدرِ تہِ چھےٚ، پوٚز کینٛہہ کج تہٕ کٔڈرِ یادٕ تہِ چھےٚ موہنوِس دِلس تہٕ دمباغس وٕترِ بنٛیِل ٹُلان۔ تِموے تلخ تہٕ ترٛوشو یادَو اندرِ چھُ وُنہِ تہِ ''دربار مُووُک'' ووکھِ دیو اَسہِ کأشرِ ہن لُکن ژأپِ ژأپِ اَڈٕ برٛوک گرتھ نبتہٕ موٚہنٛز کران۔ سأنی زِٹھی زِٹھی ستم رٔسید کأشر لُکھ چھِ ونان زِ شخصی راجس اندر أسی ڈوگرٕ شأہی ہیٚنٛدی مہراج، کأشرِ ہن وَنٛدٕ گٹہٕ کارس پُشرِتھ پنُن پرٛدیان وُشناونہِ جوٚمے ژلان۔ تِمن اوس تمہِ وِزِ پنہٕ نینے ڈوگرن ہنٛز دَگ تہٕ ژُک لگان۔ تہٕ کأشرِ ہن أسی مٔلی ہیٚتی ہتی مزوٗر زأنتھ پرٛتھ انٛدٕ تہٕ پرٛتھ رنگہٕ بیگأری ہوان۔ حأرأنی ہنٛز کتھ چھےٚ یہِ تہٕ زِ ڈوگرٕ مہراج گلاب سنگھن أس ناگُل کشیر ۷۵ لچھن نانک شاہی روپین فرہنگین نٔش مٔلی ہیٚژمٕژ۔ تِمی مجرمانہٕ سودٕ ہُک ژھوٚکھ اوس نہٕ تِمن اَسہِ ستی انسأنی سلوٗک کرنٕک پابند کران، ڈوگرٕ شأہی ہُنٛد سُے ظألمانہٕ تہٕ جأبرانہٕ وَرتاوٕ بنیو یووٕ وزمہِ لُگہٕ راج چہِ تحریکہِ ہُنٛد سبب تہِ۔ پتہٕ کیا سپُد؟ سو کتھ کرد ہیٚیہٕ ساتہٕ۔ شخصی راجکو دٔل یو دوے اِنسأنی قدرو تہٕ عدلہٕ انصافہٕ نٔشہِ

چھلِتھ چھوٚ کتھے أسی ، پوٚز پننوٚ لِتھ ناٗوِ تہٕ پرٛشناٗوِ أسی ازتام پننی زاٗنتھ ۔

مہراج تہٕ مہر اٗجی ، یوٚ دوے پتہٕ وِسکی عوامی انقلابکی وۄلی واون ہرِتھ پاٗوِ ، پوٚز دربار موٗوک دبو چھُنہٕ اسہِ ازتام تہِ تھپھ تلان ۔ أہنٛدِس اتہٕ گتِس پیٹھ چھِ سانہِ ووزمہِ خزانچہِ دیارِ دۄڑ ھ خرچنہٕ یوان ییمیُک نہٕ کانٛشرِس بے چارِ تہٕ بے روزگار عوامس کانٛہہ تہِ فأض یا برکتھ چھِ باگہِ یوان ۔ کتھ تہِ چھےٚ زٕنتھ دِنی لایق ۔ یتھِس کالس سُہ باٗسی دربار بانہلہِ اَپارِ چھُ ییہان تتِس کالس چھِ اسہِ بالہِ یپاٗری میٛن زالہِ لگٕمتیٛن رنگہِ رنگہٕ ارِ سرِ تہٕ کونجہِ کرناوان ۔ پوٚز وار یہوواٗرا گونشہِ چھُ نجات تہِ میلان ۔

لمبرا کھ ...... نو انٹری (No Entrry) ہُنٛد ہا پُتھ چھُنہٕ بچھان ۔ دویم ...... پُلسہٕ چھُنہٕ درباٗری ییٹھکہِ (سیکریٹریٹ) پیٹھ سنطوٗر ہوٹلس تام ووٗتلی پکن والین واٗراگ ٹلان ۔ ترٛییم ...... گامن تہٕ قصبن چھُنہٕ ووزی تہٕ ووٗل منسٹر بیترِ چکرس نیرنہٕ کنی رٕز گرز لگان ۔

سوارِ گاڑِن ، موٹرن ، سکوٗٹرن چھُنہٕ پڑاو پتہٕ پڑاو گانٛگل لاران ۔ ہنگاٗمی حاکمن تہٕ افسرن ہنٛدی شری مُری چھِنہٕ سکوٗلن تہٕ کالجن وُژ راٹھ ٹلناوان ۔ تہنٛد بن بنبن ماجین ہنٛزِ آوارِ گاڑِ چھےٚ نہٕ ییٚتہِ کس عاجز ماحولس مزید اولوٗدٕ کران ۔ غرض اسہِ بالہِ یپاٗری میٛن چھُ سُہ درباٗری دبو اتھ مُدتس ڈیوٗنکھسے ٹلان ۔

کوتاہ جان گیوو زِ اگر یہِ درباٗری دبو ، ؤہری ؤری یس بالہِ اپاٗری چالہٕ ژٹہِ ہیے ۔ اَسہِ نہٕ کھسہِ ہن وندن ہٕرے تہٕ تہٕ ربہٕ کالہِ تیچھٕ بیٛیہِ گرہونہٕ

اچھ کانٛسہِ تہِ پرٕس یا پنٛنِس کانٛہہ گرٛاوِ ے۔ یِمن امیُک مَد تہٕ مژٕرچھُ وِزِ وِزِ ووٚڈٕ تُلناوان۔ تِمے چھاٚوی تن امہِ دربارُک سوٗنتھ تہٕ ہرُد پانٕسے۔



ہرُد گرٛٹھِ نارٕ بُزی ماگس خجالتھ
چھوکس دِلکس تیٚلی سپدہٕم ترٛاوتھ
امارن نارٕ تٔتۍ چھِہم وولہٕ سا شیٚہلاو
رنگا رنگ گُل پھولن ہرگاہ بہار آو



۹/اپریل۲۰۰۶ء

# اَتھ وَنتہٕ مانے کیٛا؟

مےٚ حض باسان کُلِ عالمس اندر چھِ بَس اکھ کُن تہٕ کیوَل قوم یَس ''کاشُر'' چھِ دپان تہٕ یِمِس عالمہٕ کبوٚتواٗریخ دانو، زیرِ کو، گاٹلوٚ تہٕ ساٗلانیو پننہٕ پننہٕ گرٕ مینتھ تھزر تہٕ لوٚزردیتھٕمت چھُ.........کُہِ مہِ صٔدی عیسوی ہِندی چینی سیاح ہیوَن سانگن چھُس کھوربانہٕ ژوٚر پنٛژ ہاثرٕ ھ لأجمرٕ تہٕ ہیٚیہٕ چھُن پننِس سفر نامس اندر لیوٗکھمُت زِ یوٚ دوے بازرس اندر سرُف مفت بأگراونہٕ آسَن یوان کاٗشُر کرِتمن تہٕ تھپہٕ تھپ...... گاڈ ہے سرٕ وگہِ مولہٕ تہٕ کٔنٛزٕ آسہِ سُہ ہیٚیہِ تہٕ نہٕ تمہِ وِزِ............مفت سرپھےٚ واتہٕ ناوِگرٕ......علامہ اقبالن چھُس ''چرب دست تہٕ تر دماغ زأنتھ پننین شعرن اندر تھزر بخشمُت ۔ ناماوار کاٗشُر تواریخ دان ڈاکٹر جی، ایم، ڈی، صوفی چھُس گاٹُل ترٛک، حاضر جواب، ہُنر مند تہٕ عظیم اِنسان زأنتھ ثلہٕ ترٛاو کران۔ نصرأنی مورخ ینگ ہسبنڈ (Young Hosband) چھُس مہمان نواز، کج تہٕ کُڈر بوکارو نِش پتھ اصل ذات ونان۔ سر والٹر لارنس یَس کأشری لارن صأب وٕنتھ یاد چھِ کران، چھُس سیوٚد، وَرٕ ہوٚل، آلٕژھی، پننِس دَبس خبردار، مجبور، محکوم تہٕ جفا کشں گُنزراوان۔

ٹینڈل بسکو یُس ییٚتہٕ 'بسکوٗٹ صحب' بنوٗ وُکھ، چھُ سانہِ پرٛتھ گُنہ
وصفُک تہٕ عاًبُک ذِکر کران لیکھان زِ کاشرِن ہنٛز ذہنی پُستی تہٕ اخلاصُک
ذِمہٕ دار چھُ کٔشیرِ ہُنٛد کریوٗٹھ تہٕ کٹٕر روٗنہٕ کال تہٕ یِہُنٛد اَن پرآسُن۔ یمن
وغاًرِ تہٕ چھِ سانہِ کٔشیرِ عالمکۍ زاًنۍ متۍ تہٕ ماًنۍ متۍ گاٹلۍ زیرک تہٕ سُنٛ نظر
تھاون واًلۍ لوٗکھ آمتۍ تہٕ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ وٗنتھ یا لیکھتھ گامتۍ۔ تِمن ناموٗرتہٕ
زانن والین ہنٛز نظر تہٕ راے اوٗک طرف ترٲوِتھ چھُ اسہِ پنُن قداوار،
ژُکھۍ دار تہٕ غمخوار کاشرِیتُک علمبردار، تختِ سلیماًنی ہُنٛد دعوادار آن جہاًنی
شیرِ خود مختار دُگبل سیاسی دُکاندار پٔنٕنی زاًنتھ لالچی، احسان فراموش تہٕ
شِکس لدٕ ییتھ پننین تاًریخی واقعاتن اند رۍ ژھرِتھ تھاوان۔ ژٕ کہِ ماچھے
پنٕنۍ پوٚز زٕونتھ گومُت، تہٕ زانُن چھُ تیٚلہِ ضروری بنان۔ یہِ ما چھ اسہِ تیٚلہِ
ووپرٛوژوپروہلۍ تھُر کھاًجمژ۔ تہُنٛد کیا خیال چھُ تہٕ زاًنی راًوی تون تیٚلہِ پنُن
یِنہٕ وول شُر زُرتہِ۔ یُتھ نہٕ نتہٕ تِمن تہٕ ساًنۍ پاًٹھی برٛم تہٕ بتولہٕ لگن

تہٕ چھُس ہُتھ یُتھ ونان تی پانہٕ کاًشُر
کھٹان چھُنہٕ رُت تہٕ کج اکھ دانہٕ کاًشُر
سہل چھُنہٕ پانہٕ پٔنٕنی عاًب گنزرٕنۍ
وَنن ووٗلۓ چھُ تمہِ تھدِ شانہٕ کاًشُر





۱۶/اپریل ۲۰۰۶ء

# گُربن لاگان نال تہٕ............

دۄیم جنابو تہنٛد نصرانٔی وٕری مناوُنک آیوم نہٕ کانٛہہ اَزرُون۔ پۄز پانٕسے گوم پننِین بوارلکن ہٕنزی رأتی راتس یِتھ کھرِل وُچھنہٕ تہٕ بوزنہٕ ستی یہٕ ڈٔپ زِتہٕ ژَس۔ زن یہٕ خطاتہٕ میےٚ اوس کۄرمُت۔ پأنی پانٕسے ستی اوسُس سونچان، کیا خدایہٕ اسہٕ ہِوبن بناوتھ زِ غلام لُکن تہٕ چھا تِم سوکھہٕ شہلی دوہ باگہٕ آئتی یِم یاد کرِنی شۄبن۔ آزاد تہٕ آباد قومن ہٕنزی تِتھی ووٕرِس مناوِنی ما چھہٕ سانہٕ باپتھ مند چھ۔ تہٕی ڈٔپ تو تِمن بختاوار لُکن کوسہٕ ہن چھَنہٕ پھوٕجرٕ تہٕ پھۄٚنیرٕ، تِمے وُپھل آدم کھتی ناپوتھر ترأوتھ آکاشس تہٕ زألی دِنہٕ۔ ووٕنی چھِ تارکن خبر اتر ہوان۔ اسہٕ گرآبادس وأران وَدل، ییٚلہٕ نۄو ووٕری مناوَن والو شرفہٕ والو آدموٕ دُون آبادگری، تِمن شۄ بدارگاٹلبن لُکن ہٕنٛدی زہنہٕ دوہ پزن عالمہٕ کہن باہوش آدمن مناوِنی، تِہنز چھَنہٕ اِد کتھے۔

یہٕ کتھ چھہٕ ہتھ پۄنسہٕ روپیہ برابر، زِ اسہٕ کأشرِبن لُکن تہٕ چھُ ماجہٕ کٔشیرِ ہٕنٛدِ مۄسمکی پأٹھی مزاز واو گژ ایوٕ ستی بدلان روزان۔ گرٕٛھی تن گرٕیشمہٕ کالس تژرِ مو یا ہُر یمانہٕ تہٕ أسی پھِرِتھ گأڈی مُوتُو کرانی، ژھایہِ تہٕ ژھہدِنی

ژھانٛڈان۔ دۄر دیہاتن تہٕ طرفاتن کُن ژلان۔ ونہٕ کالس یوٚ دوے ترٕ ہوا کھنڈ ہُرِ تہٕ کأشُر چھُ مٔنلی پلون اندر تہٕ ترٕ ہاران، زَن تہِ نٔبتھ نوٚ نُے چھُ آسان۔ آو چلن سیمٹھ تہٕ شیستر ولِر بناونُک، اسہِ واجہِ جدٕ اجدادن ہنٛز کمہٕ نُنٛدٕ بانہٕ کأشرِ فن تعمیر چہِ نموٗنچہِ مندورِ تہٕ بنأوی پأرِمی چالہِ لرِ ناوٕ گرتھ سردخانہٕ، یمن اندر وندٕ کالس لَسان بسان أڈی جَن تام زن تہٕ کٕھ کوشش چھُ لگان۔ ووتھِ کُنہِ تہِ کامہِ کارس بھاو، ونہٕ کیٛا خبرٕ ے ہے چھوٕ دۄب بنہِ دانٛدُر، چھان تہٕ کانٛیُل بیٚہہِ توسہٕ وۄننہِ۔ یمہٕ کتھِ مُنہِ دِنہٕ چھُ موہنِوس وأراگ ووتھان، اسہِ چھُ وِزِ وزِ منگولس درمُن درٛینٛٹھی آمُت تہٕ وٕتھمتی چھِ نمبلن۔ خبر چھِوٕ نا داہ وُ ہہ وٕری برونٛہہ یُس قالینہٕ کارس بھاو وژھوٗ وادِ صبرِ سان ہے کوٚرمُت آسہِ ہے، از تام آسہٕ ہوسونہٕ سأوی سپدی متی۔ مگر پٔنُن مزاز ماڈلہٕ ہے۔ کُل کٔشیرِ بنیأے قالبإ فِی لوکٕڑ بٔڈی، کورِ تہٕ کٔٹی ٹلی مدرسوٕ اندرٕ اڈ وانی تہٕ لأگی اتھ کارس۔ پننہِ عادتہٕ ترٕوُس وونِس اندر سِلکہٕ بدلہٕ سٹیپل تہٕ پیرٕ بدل ستھر تہٕ بیٚہہ نوٗ کینژھ کأل گس نُنٛدٕ بون قالینہ کار تیٛزی کتھِ وگوس پیٹھ۔ حأصل کیٛا آو؟ ژُری اَن پر، بٔڈی بے کار تہٕ زنہِ مُہنوبن اۄن سرِو قدن پرٕا کریہ گدرُن۔ پٔنن باوُن تہٕ چھےٚ ووٕنی مندچھی، تہٕ بوزن والین رِکٕرِژھ مایوٗسی تہٕ منٛدچھی، اتھ کتھِ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ شک زِ باقی قوم تہٕ آسن بیٚین ہنٛدی کینٛہہ چیز پسند کرِتھ پأنٕی راوان، پوٚز خال خالے کانٛہہ رنگاہ۔ افسوٗس چھُ یہِ زِ کأشرِن چھُ کانٛہہ تہٕ وو پر رنگ وبہٕ ہلی پأٹھی کلہٕ نلہٕ ژھٹ

کڈان ،وُ چھتو ووٚنی یِم بٲرتھ ڈے تہٕ چھہِ مناوان تِمے بُلھوس ٹُلہٕ کِتری خوجہ یِمن نہٕ پننبن مالبن ماجن ہُنٛد زاسنہٕ کیٛاہ مرن دوہ تہٕ معلوٗم یا یاد چھُ آسان ۔ تِمے لُکھ چھِہ ازپنہٕ نبن شربن زُربن ہٕنٛدی بٲرتھ ڈے مناوٕنکی تتھی نخرٕ تہٕ نمائیشہ لاگان ،یہِ وُ چھنہٕ احمق تہٕ چھُ اُچھ ٹوان ۔ خاٚر کاٚشُر نَے وُنہٕ تہٕ پالیس پیٹھ پہہ سوچ تہٕ پہہ پاٚراو کرُن تراوِ، سُہ روزِ تیٚلہِ عالمس اندروٲنٛسہِ وادن پر پدنی تل مانڈِ یوان ۔ پننٕی "بٲرتھ ڈے" تہٕ "نیو اِیر" مناون وٲلی عاٖلمکی ترُکی تہٕ بختاوار آدم زاد کرن ناہیرِ بونہٕ شاٚہی ،وٕں گوواسہِ ہوبن پزٲیہِ کوکربن کرلگہِ وِقتچ واوِ گزٲیا تہٕ ٹلہٕ ہوادِ اٲسی تہٕ پتھرِ پیٹھ ہیوٚرگن وُ پھ ۔



۳۰/اپریل ۲۰۰۶

وُپھان انگریز کاٚشُر وُنہٕ چھُ ووکھلی
نقل کٲری کٲری بنیوو کاٚشُر تہٕ نقلی
فقط گنٛزران چھُ ڈسلس چھانہٕ سٕنٛز زیٚی
کوٕکر زینان چھہِ ژور ہتھ پوٚنٛسہٕ ثقلی



# حاکمہٕ سُنٛد پوشہٕ وُن سوٗچ

۱۹۶۴ ءیس اندر ییٚلہِ کشیرِ بخشی دور کہِ اِقتدارُک کہن ؤرین ہُنٛد سریہ لۄس، تمہِ برونٛہہ آو گوڈٕ مُلکِ کشمیرس اکھ انقلابِ عظیم پیش، ییٚلہِ درگاہ حضرت بلہٕ أندرٕ موے مقدس سرورِ عالم جناب حضرت محمد مصطفےٰ ﷺ أکِس پُراسرار سازشہِ تحت ژؤرِ کڈنہٕ آو تہٕ اَنٛدٕ ونٛد وادی سبز دوکھٕ لدتہٕ ماتم دار۔ کانٛہہ اکھاتہِ رۄدنہٕ گرن اندر سأری دژاے سڑکن پیٹھ بلالحاظ دین و درم سینہٕ ژٹان تہٕ ونان۔

أسی کرونا جامہٕ چاک، اسہِ نیٚوٗکھ موے پاک

یوہے عالم رۄد صبح و شام، گامہٕ شہر، شاٹھ گھاٹ۔ بند گرتھ رۄدی کأشری ہیٚنٛدی، مسلمان، سِکھ بیترِ اکٕے آلو تہٕ نعرٕ دِوان۔

اصلی ملزم کو پیش کرو۔

کأشرٕ ن لۄکن ہُنٛد یہ جذبہ تہٕ عشقِ نبی ﷺ وُچِھتھ تہٕ بۄزتھ گوٚو سورُے عالم حیرت زدتہٕ پریشان۔ أتھی عالمِ حیرتس اندر کوٚر رُکھ گوڈٕ انوارِ بخشی غلام محمد بحیثیت وزیر اعظم برطرف تہٕ اوٚنکھ تہنٛدی مشورٕ کیٛژن رتن

ہِنٛدِ باپتھ اکھ ووزُم وزیرِ اعظم آنجہانی شمس الدین صأب ۔ یِہِتِس کالس بھارتی حکمرانو غلام محمد صادق تِمہٕ سارے غأرآیینی کامہِ کرنہٕ کراونہٕ باپتھ تیار کوٚر ییمو سِتیٚ مُلکِ کشمیرس پنٕنی اکھ الگ آیینی تہٕ قونوٗنی حثیت، دفعہ ۳۷۰ کِس دأیرس تحت حأصل آسی ۔ یمہٕ کِنی ریاستِ جموں و کشمیرس پنُن الگ آیین، پنُن جھنڈٕ، وزیرِ اعظم تہٕ صدرِ ریاست، الیکشن کمیشن، چیف جسٹس، پولیس کمشنر بیترِ اختیارات آسی آسہِ پانس تہٕ پنہٕ ننے کأشرٕ ن حأکمن تأبیا تہٕ سپرُد ۔ تِم سأری خود اختیاری ہِنٛدی مَد حذف تہٕ ختم کرنأوِتھ بنوٗکھ اد غلام محمد صادق وزیرِ اعظم بدلہٕ وزیرِ اعلیٰ تہٕ بخشی صأبس لاگہٕ نوٗکھ آوریر باپتھ کورپشن کیس تہٕ بجند رگڈ کرناوُک تحقیقاتی کمیشن ۔

صادق صأب تِتھے ۱۹۶۴ ءَس اندر چیف منسٹر بنیوو تہٕ تِمیٚ کوٚر پنٕنِس پالیسی اعلانس اندر پریس پلیٹ فارمِچ آزادی ہُنٛد خصوٗصی طور ذکر تہٕ دوٚپُن یُس پتِمن کہن ؤرین اندر کأشرٕ ن قلمس تہٕ زِو قلُف اوس تھاونہٕ آمُت سُہ قلُف مُژرٕ تِمیٚ، ووٗنی چھُ کأشُر تِمو بندشو نِش آزاد، یمہٕ تِس سابقہ حکمرانن زِو تہٕ قلم خاموش کرنہٕ باپتھ لاجمٕژ آسہٕ ۔ صادق دورکہِ امہِ اکہِ خاص تہٕ اہم مدُک فأض تہٕ فأیدٕ تلُنک خیال آومیٚ ہوس مزکس تہٕ تِمہِ وِزِیِٚ بحثیت قلم کارأستھ شعرگوٗیی ہُنٛد دٕسلابہٕ اوس کوٚر مُت ۔ امہِ کِنی آومیٚ تہٕ خیال زِبہٕ کرٕہا بخشی دور چِن تِمن زور زبردستی ین تہٕ اخلاق سوز حالات و واقاتن ہُنٛد منظوم طریقہ اظہار یم مےٚ اکھ پانہٕ تہٕ بالہٕ پانہٕ بیٹھے چھٹمِتیٚ وتہٕ بینہٕ بوزی مِتی تہٕ آسی ۔

یوٚ ہے خیال گنیووٚمےٚ تہٕ دِلس تہٕ دِماغس اندر تہٕ ہیرٕم کینٛہہ واقاتی نظمہٕ بیانیہ اندازس اندر لیکھنہٕ۔ یِمن اندر بخشی دورکین سیاسی، سماجی، اخلاقی، تأریخی ،تہذیبی، ادبی تہٕ بےادبی ہنٛدی تِم سپدی متۍ واقات شعرنأوِم تہٕ پتہٕ اَتھہ ورقی لوکٹین لوکٹین ٹریکٹن اندر شایع کٔرتھ واتہٕ نأوِم عام و خاصن تام، یِمہٕ سببہٕ پننہٕ دِلُک تہٕ دِماغُک بار ہنا لوٚزرأوتھ ہیوٚکُم۔

یِمہٕ لوکچہ لوکچہ کتابہٕ اوس شہرِ خاصُک اکھ روزن وول عبدالاحد بخشی ناوُک مستانہ ہا کرأ ۔ کُس ٹینہ نأرس پٔتھ گٔوان گٔوان سأری سےٚ شہرس اندر کنٛتھ دِنتھ پنُن اُوزکہٕ تہٕ کماوان۔ یِہ آدم اوس سأری سےٚ شہرس اندرأحدی شوٗدِ ناوٕ مشہوٗر تہٕ ونہٕ یِوان۔ یِہ اوس بیٚیہٕ خاندرن خوندرن، سأٔلن مأٔلن، آستانن ہنٛدِین وورسن، سمأجی تہٕ سیأسی محفلن تہٕ مجلسن اندر تہٕ گٔون کتابہٕ، ونہٕ ون کتابہٕ، سمأجی خأمین پٔتھ بیٚیہٕ باقیٚ گونماتن ہنٛدی لیکھی متۍ شعر، کتابی صوٗرتس اندر شایع کٔرتھ تہٕ بازرن پھیران تہٕ اَ کُس خاص لیہٕ اندر گٔوان گٔوان زنٛین تہٕ مردن متأثر کٔرتھ کنان۔

یہٕ اوسُس پننہٕ نین شعرن اندر تِم واقہٕ تہٕ ماملہ وہٕ ہناوان یِموٕ ستۍ بخشی صأبن پاپرجا پادشأہی دورِ اقتدار پیٚزی پأٹھی بدیاد تہٕ بدنام اوس سپدمُت۔ یِم بوٗزتھ تہٕ پٔرتھ لوٗکن اندر بہٕ تہٕ نوٗن سپدُس تہٕ ونہٕ کڈنہٕ آس۔

یِمن کتابن اوسُس بہٕ بیوٚن بیوٚن ٹأٹیل تہٕ عنوان تھوان۔ مثالے غوٚغہ نامہٕ ( بخشی صأبن طرفدار)، پرمٹ پُجأری (یِمن تمہٕ وقتہٕ ٹرکن تہٕ

بسن ہنٛد پرمٹ دِوان اۆسی )، حاکمہ سٔنٛدی خانہٕ ماٲلی (یِم گیٚیہ شیخ صاٲبن فدوی اَستھ اَہنٛدی طرفدار بنٕے ٲسی )، پریذیڈنٹ تہٕ رٲزی ڈنٹ (یِم اۆسی محلن تہٕ علاقن ہنٛدی چوٗدری بناونہٕ آمتی یُتھ نہٕ کانٛہہ چونٛٹ مُژراوِ ہے)، خوفتن فقیر (یِم اۆسی موواۆلی تہٕ مشاۆلی لفنگہ مخالفن دستار والین وٲلی )، مستانہٕ موواۆلی (یِم گۆیہ شرآبی کبابی حکومتکی طرفدار )، لفنگہ موتبر (یِم پرٛتھ جایہِ جلسن جلوٗسن زندہ باد اۆسی کران )، اَنی مثالہِ وٲلی چرسہٕ چوٗدری (یِم اۆسی سرکاری سرپرستی اندر چرس نٮ۪بر نوان ) بیترِ ناوچہِ کتابہٕ آسہٕ لۆکن تہِ پسندیدہ تہٕ پزٕرچ ووکھنے باسان۔

یمہِ میانہِ منظوم کتابہِ بازرس اندر ینہٕ ستی سپز بخشی صاٲبنن حاکمن تہٕ طرفدار حاکمن یِمن غوٗغہ اۆسی ونان اندر سخ بے چینی تہٕ میانی سخ بے زاری ۔ تکیازِ یِمن ٹریکٹن اندر اۆسی مےٚ تِم تِم واقعہٕ تہِ شعرن اندر بیان کرٕمتی یِمن ہنٛز خبر نہٕ عام لۆکن تام اۆسی واتٕھمژ ے۔ تۆ کنی اۆسی تِم ظالمانہ تہٕ اخلاق سوز جُرمن تہٕ حرکژن ہنٛدی مجرم غوٗغہ گُنہِ پاٲٹھی تہِ میون قلم تہٕ زبو بند کرٕنکی فند سونٛچان آسان۔

اَتھی دوطرفہ ٹکراوکس سِلسلس اندر ووتس بہٕ اکہِ دوہہ تمہِ دورٕکس اَکس معروف روحانی بزرگ سٕنٛزِ شبانہ صوفی سماچہ مجلسہ اندر یٚتہِ بخشی صاٲبنہِ دورٕکی تہٕ جماژہنٛدی واریاہ حاکمی تہٕ حاکم موجوٗد اۆسی ،یِمن اندر خاص کرمرحوم مغفور بخشی صاٲبُن دوٚیِم براور حاجی غلام نبی بخشی صاٲب تہِ موجوٗد

اٚسۍ تِمن یِمہٕ ساتہٕ اتھ مجلسہ اندر میون یہِ تعارفُ سپُد زِ بےٚ چھُس غوٚغہ نامہٕ لیکھان یُس بازرس اندر بخشی صاٰبنس دورِ اقتدارس اندر سپز مژن تِمن کج حرکاتن ہنٛز ووکھنے شعرن اندر چھُ کران تہٕ غوٚغن عام وخاصن اندرنۍ کڈتھ ونہِ تہِ تھاوِ ناوان۔ یہِ زاٰنتھ آوےٚ سُہ بزرگ اٰسِتھ تہِ بروٚنہہ کُن تہٕ دوٚپنم ’’میانہِ ٹاٹھِ شاعر صاٰبا‘‘ گوڈٕ چھےٚ میانہِ طرفہٕ بوٚڈ مبارک زِ صوفی دربارٕچ یژھ پژھ اٰسِتھ چھُکھ شاعر تہِ۔ خداصاٰب دِیِی نے پوٚز وننک، پوٚز زانُک تہٕ پوٚز ورتاوُنک توفیق۔ ژےٚ چھتھ بخشی صاٰبنن کہن وٕرین ہنٛدِ دورچہ خامی یے یاٰ ژلیچھمژٕ، تِمہٕ ژےٚ بوزمژٕ چھتھا یاتہِ پانہٕ زانمژٕ چھتھ، تمٛیُک واٰقف کارتہٕ ذمہ وار چھُکھ ژٕ پننس ضمیرس بروٚنہہ کنہِ پانے۔ مگر مےٚ چھُ حق واتان زِ بہٕ ونے ژےٚ بخشی صاٰبنہِ دورکہِ تِمہِ اہم تہٕ اعلیٰ خصوٗصیژٕ واٰلی کارنامہٕ تہِ یِمہٕ کاٰشرِس قومس ومرٕ ووِمران تہٕ پیرِ درپیر فاٰیض تہٕ برکت واتہٕ ناوان روزن۔ اَسان اَسان ووٚننم کرکھاتیٚلہِ بوزٕنچ سخاوتھا، کیٛاہ چھےٚ صلاح یِوان۔ حاٰجی صاٰبن یہِ نرم ونازُک کلامہٕ ویپ تہٕ شرٛوٚپ میاٰنس دِلس تہٕ دِماغس پژی پاٰٹھی تِتھ کٔنۍ زِ مےٚ باسیوو زِ مےٚ ماچھُ پژی کُنہِ غرضہٕ، کُنہِ نفرتہٕ یا کُنہِ ذاٰتی عداوُک اِظہار یِمن کتابن اندر کوٚرمُت تِمہِ سببہٕ سپز مےٚ پانس اکھ عجیب ندامت تہٕ شرمندگی ہِش پاٰدٕ۔ یہِ ژیٛنتھ حاٰجی صاٰبن ووٚنُم زِ گوڈٕ کھیمو صاحبِ خانہٕ ہنٛدِ بنٛڈارٕچ بتہٕ پھٔلی ہناتہٕ ادٕ کرٕ بہٕ ژےٚ ہتبن تِمن کینٛژن اہم کارنامن ہنٛز کم کاسہٕ نشاندہی تہٕ ووکھنے یِمہِ

کامہِ تہٕ کار بخشی دوٗرُک دیُت مُلکِ کشمیرس پوشہٕ وُن روزِ۔

بتہٕ کھنہٕ پتہٕ فارغ سپد تھ دوٚپنم حاجی صاٰبن گوڈنیُک دیُت یُس اَسہِ بخشی صاٰبنہِ حکوٗمتک پوشہٕ وُن روٗد تہِ روزِ سہ چھُ گامہٕ شہر تعلیمی اِدارن ہُنٛد پھہلاویمہٕ ستی کُل کٲشیرِ ہنٛدِ پتمہِ بروٚنٛٹھمہِ جہالتُک انہِ گوٚٹ علمہِ کہِ نورٕ ستی دوٗر گوٚو تہٕ گرٛ ژھِ روزان۔ تمی تھنٛدِ سنہِ تہٕ گنہِ احساسُک اکھ خاص واقعہٕ چھُے مےٚ ژٕے بوزٕ ناوُن سبٹھاہ اہم باسان۔ اولہٕ پٹھٕ یونیورسٹی سٹینڈاڈس تام تعلیمی ووتھ واثُر وسیع سپدان وُچھتھ اُس سأنی کشمیر یونیورسٹی لعل منڈی اُکِس موختصر بنگلس أندری محدوٗد، تہٕ کنہٕ اَسی سأنی شُری گریجویشن کرتھ وتکی بیٚیہٕ باقیٕ جدید علوم ہیٚچھنہ تہٕ ٹرینگہِ باپتھ ہندوستان کین دوٗر دراز علاقن اندر سوزٕنی پیوان، بیٚیتہِ نہٕ اکھ یمن سانین شُربن دِل اوس لگان بیٚیہٕ اَسی بھارت کین تمن تعلیمی اِدارن اندر فرقہ وارانہٕ تہٕ متعصّبانہٕ ذہن تھاون وأکی غأر مسلم منتظم تہٕ پروفیسر کأشربن شُربن رنگہٕ رنگہٕ عاجزتہٕ پریشان کران۔ یہِ زأنتھ بخشی صاٰبن بیٚیتہِ میڈیکل کالج، انجینرنگ کالج تہٕ پالی ٹیکنک کالج کھوٗلِتھ کُنہِ حدس تام یژھ پریشأنی دوٗر تہِ کر۔

اُتھی مجمس اندر آوٗر آسِتھ دوٚپن دوہہِ اکہِ سوز صدرِ ریاست ڈاکٹر کرن سنگھن بخشی صاٰبس سمکھنہٕ باپتھ ناد۔ سہ ییٚلہِ گُپکار کرن محل (اتھ ؏اسی مہرأجی دورس اندر طالع منزل تہِ وَنان) کرن سنگھس سمکھ تہٕ تمی دوٚپ

بخشی صأبس ''مےٚ وُچھ ازراتھ کیٛت اکھ رُت خاب تہٕ وُچھتھ سپدُس بہٕ باطنی طور سیٹھاہ منور۔ امہِ خابہٕ کس احترامس تہٕ اعزازس منٛز چھُس بہٕ درگاہ حضرت بل کِس آستانِ عالیہ ہس پننہِ طرفہٕ قالین فرش کرُن یژھان۔ تمی سوزُم توہہِ نادٕ زِتُہۍ ونیوم مشورٕ زِکرتہٕ کِتھ کٕنۍ سپدِ یہ میانۍ خأہش پوٗرٕ۔''

یہِ بوٗزتھ دوٚپُس بخشی صأبن یہِ تہنٛز تجویز واتہٕ ناوٕ بہٕ گوڈٕ اوقافِ اسلامیہ کِہن ذمہ دارن تام تہٕ تمہِ پتہٕ ہیکہٕ بہٕ توہہِ امہِ کتھِ ہُنٛد جواب دِتھ۔ واپس گرٕ وأتتھ أنۍ بخشی صأبن اوقافِ اسلامیہ ہکۍ عہد دار نادٕ دِتھ تہٕ ووٚننکھ صدرِ ریاست ڈاکٹر کرن سنگھن خأہش چھِ زِ سُہ چھُ یژھان آثار شریف حضرت بل کِس آستانس قالین فرش کرُن۔ توہہُنٛد کیاہ خیال چھُ۔

یہِ بوزتھ دوٚپُس ممبرو منٛزٕ أکۍ عالمِ دین ممبرن، حضرت میانۍ علمی تجویز چھِ یہِ زِ أکِس غأر مسلم دھانی ہنٛزِ خأہشہ ہُنٛد چیز پزِ نہٕ سأنس اتھ اسلامی تہٕ روحانی مرکزس اندر تھاوُن۔ تمہِ پتہٕ پرٛژھ تو باقے ممبر حضراتن تہٕ زِ تہنٛز خأہش تہٕ خیال کیاہ آسہِ۔ یہِ بوٗزتھ دوٚپس بخشی صأبن تُہۍ چھِوٕ عالمِ دین، تمہِ کٕنۍ پزِ اسہِ سارِنے تہنٛزی رائے معتبر زأنتھ قبوٗل تہِ کرٕنۍ۔ أتھی من جملہ رایہِ ستۍ سپز میٹنگ برخاس۔ دوٚیمہِ دوہہٕ صبحس کوٚر ریٚبیہِ ڈاکٹر کرن سنگھن بخشی صأب یاد تہٕ پرٛژھنس کیاہ فأصلہ نیوو توہہِ میانہِ خأہشہِ ہنٛدِس بارس منٛز۔ در جواب دوٚپس بخشی صأبن، وُنہِ گوٚ ونہِ کُنہِ متفق رایہِ ہُنٛد فأصلہٕ۔ تتھے تہِ سپدِ بہٕ واتہٕ پانے تہنٛدِس خدمتس اندر سوٚنچھ ہیتھ۔

أتھی فِکرِ دوران آو بخشی صأبس خیال زِ اَسہِ چھِ کشمیر یونیورسٹی محدوٗد جایہِ آسنہٕ کِنۍ موخصر علوٗمنٕۍ تام محدوٗد تہٕ روٗزمُت۔ اگر امہِ باپتھ اسہِ وسیع جایہِ ہُنٛد بندوبس سپدِ تمیُک متبادل ہیکہِ اَسہِ صدرِ ریاستس نِشے ممکن سپدِتھ۔ امہِ خیالہٕ پتہٕ بلاو بخشی صأبن دُبارٕ اوقافٕچ میٹنگ تہٕ ترأون پٔننۍ یہِ تجویز ممبرن بروٗنہہ کنہِ۔ یمو یہِ بوٗزتھ یک زبان اتھ پٔننۍ حمایت دِتھ بخشی صأبنس فکری واتنیارس داد دِوان شکریہِ تہٕ کوٚر۔

دوٚہنکھ درگاہ شریفس بروٗنہہ کنہِ چھُ مہاراجی ملکیتُک اکھ وسیع تہٕ خوبصوٗرت موٗ باغ، یتھ راجہ باغ چھِ ونان۔ یوٚدوے یہوے باغ یوراج کرن سنگھ جی درگاہ شریفکہ ناوٕ وقف کرنہٕ باپتھ رضامند سپدِ اکھ یی ہے تہٕنٛدِ نیازُک بوٗل تہٕ بجاپیٚہٕ بنہِ ہے اسہِ کشیرِ اکھ کھلہٕ ڈُلہٕ تعلیمی تہٕ تربیتی یونیورسٹی باپتھ بےمثال تہٕ حسین جاے تہٕ حأصل۔

یہے تجویز ہیتھ ییلہ بخشی صأب ڈاکٹر کرن سنگھس نِش ووت تہٕ دوٚپنس قالینہِ فرش یا بیٚیہِ کانٛہہ نقد وجنس تہٕنٛد قبوٗل کرنس چھِ اسہِ واریاہ ٹھٔری بتھِ یوان۔ تِمہِ کِنۍ چھَ مےٚ نِش صرف اکھ تجویز اگر توہہِ تہٕ قبول سپدِ، سُہ کرِ اکھ تہٕنٛد نیازُک دِلی مراد پوٗرٕ تہٕ بیٚیہِ روزِ کأشرس قومس تہٕنٛد طرفہٕ پوشہ وُنۍ تعلیمی لحاظہٕ ارزتھ تہٕ یادٕ واری تہٕ۔ یہِ بوٗزِتھ دوٚپُس کرن سنگھن، وُنۍ کوٗسہٕ تجویز تہٕ رُت مشورٕ چھُ تہٕنٛدِ طرفہٕ میانہِ باپتھ۔ درجواب دوٚپُس بخشی صأبن۔ آستان باپتھ گُرتِھ راجہ باغ وقف یُو بوٗزتھ گوٚو ڈاکٹر صأبُن

رنگٕے بدل ۔ ڈوپنس یہٕ کیاہ عجیب وغریب تجویز چھُکھ ژٕ کران ۔ ژٕے چھتھٕ اتھ پیٹھ پانہٕ تہٕ سوٗنچمت زِ ژٕ کیاہ چھُکھ ونان ۔ یہٕ کتہٕ چھُ ممکن زِ یہٕ گرٕژھ یتھِ انمول وراثتی جایدادِ نشہِ دس بردار تہٕ باقٕے شاہی اثاثہ کین وأرث درن نش کرٕ پنٕن پان شرمندٕ ۔ نہٕ حض بخشی صأب یژھ تجویز ہیکہٕ نہٕ بہٕ سُپنس منز تہٕ سوچتھ تہٕ دھیان کرٕنچ چھَنہٕ کتھے ۔

یہٕ جواب بوزتھ دژاو بخشی صأب واپس تہٕ کینٛہہ دوہہٕ گژھتھٕے چھُ بیٚیہ ڈاکٹر کرن سنگھ بخشی صأبس یاد کران تہٕ ونان ، بخشی صأب کانٛہہ قابلِ قبوٗل تجویز ادِیو ، یمہِ ستی اکھ میون یہٕ باطنی تجسُس قرارلبہِ ، بیٚیہ سپد ہے آثار شریفہ باپتھ میانہِ حبہٕ ہتہٕ عقیدتک ہدیہ تہٕ مقبول ۔ کینژٕ ھا گروٕلی ؤلی تاکہ میون بے قرار دِل تہٕ دِماغ روزِ ہے قرارس ۔ بخشی صأبن دوٚپُس آثارِ شریف حضرت بلس چھُ مسلمانو بے مثال تہٕ بے حساب سرمایہ تہٕ موٗلُل جایداد پیش گرتھ پنٕنہِ یژھِ تہٕ پژھ ہنٛدِس دعوہس ڈٕلیل دِژٕمژ ۔ اتھ چھنہٕ خدانخواستہٕ کانٛہہ پرٕگی یمہِ باپتھ کأشرٕبن مسلمانن کانٛہہ عاجزی یا شرمندگی باسان چھَ ۔ ووں گوٚو یہٕ مےٚ تہٕ میانین باقٕے ساتھین ہنٛدِ باپتھ تہنٛدِ نیاز ُک صحی مصرف باسیوو تہٕ کوٚرمےٚ توہہِ نش اِظہار ، امہِ پتہٕ چھِ تہنٛز مرضی ۔

امہِ دوٚیمہِ نادٕ پتہٕ ہفتہ کھنڈ گژھتھ چھُ یوراج کرٕن سنگھ تژیمہِ پھرِ بخشی صأبس طالع منزل سمکھنہٕ باپتھ ٹیلیفون کران ۔ امہِ پتہٕ چھُ بخشی صأب

ڈاکٹر کرن سنگھ جیس ونان۔ووٗنی کیا صلاح چھُ توہہِ آمٕت ، درجواب ووٗنُس ڈاکٹر صأبن: ''مےٚ کوٚرپننِن سارِنے شاہی خاندانکین لوکٹین بڈٕ ن ستی گوڈٕ پانہٕ وُچھمتِ خابُک تذکرٕ ، امہِ پتہٕ تِہنٛزِمن جملہ تجویز ہُنٛد قبولیت نامہٕ حأصل ، توٚ کِنیٚ چھُس توہہِ ستی امہِ وسیع عریض باغکی معاملات تہٕ طے کرٕنی یژھان ، مگر گوڈٕ چھُس درگاہ حضرت بل درشنہٕ باپتھ گژھُن یژھان۔ کُس وق گژھِ مناسب ۔ بخشی صأبن ووٗنُس ، گوڈٕ ونی توٚم ڈاکٹر صأب تِہٕ ہیکوٚ مےٚ سٕہ خاب وٕنتھ یُس توہہِ درگاہ شریفک وُچھمُت چھُوٚ ۔درجواب ووٗنُس ڈاکٹر صأبن سُہ چھُ گوڈٕ اسرأری اعجازتہٕ دوٚیِم چھُ امانت مےٚ نِش یِچ نہٕ بہٕ باوتھ کٕرتھ ہیکہٕ۔ امہِ ملاقاتہٕ پتہٕ کٕری باضأبطہٕ ڈاکٹر کرن سنگھن حقِ ملکیتکی کاغذات تہٕ اِنتقال راجہ باغُک آثارِشریف حضرت بل کہِ ناوٕ تہٕ آیہِ کشمیر یونیورسٹی بارسس ۔یہِ اکھ اہم تہٕ اسرأری واقعہ چھُ امہِ بخشی صأبس نِش بوزمُت، یوٚہے واتہٕ نووُم توہہِ تام خبرتِہٕ تہٕ مأکرِ وُنہِ وزِ قلمس حوالہٕ۔ باقٕے یُس سوچھ بخشی صأبن کأشرِ ن تہٕ کٲشرِ واتہٕ نووتِہ سورُے چھُ عیان و بیان أستھ تہٕ تواریخ کِین ورقن اندر محفوظ۔تہٕ نہٕ نی تس کانٛہہ تہٕ نہٕ ہیکہِ کھٕتھٕ تھٕ کانٛہہ۔

امہِ پتہٕ چھُکھ ژٕ شأعرپننِس ضمیرس نِش جوابدہ۔ژٕ کیاہ باسیوومُت آسی تہِ زانکھ ژٕ ی۔امہِ پتہٕ دوٚپنم بوٗزتو وونی شبس عأرفانہٕ کلاما۔



# دربأری واگنٕج

دپان حض کج وقتک موکل چھنہٕ کُن زٕون بنی آدمس نال وَلان۔ بلکہٕ چھُ سُہ تہٕ سوُرے پنُن وولہٕ دولہٕ ٹَبر ہیتھ پننس شِکارگری مُتس بےچارٕ آدمس مایہٕ ہوٚت ولنہٕ تہٕ وٕتھنہٕ یِوان۔ ییتھِ کنٔی سانہٕ ماجہٕ کشیرِ تہٕ یژ کالہٕ پیٹھ پَر پرنین ہیٚژ مژ گانگل، ڈاڈٕ جن تہٕ ووکھ تصرُف دار مُتلہٕ کران نال وٕلِتھ چھِ۔ تِم تہٕ چھِ پنُن پنُن وأرأ گی قبیلہٕ کرٕ ون ہیتھ اَسہِ انٛدٕ ونٛدٕ اُر گرتھ کلہٕ نلہٕ نالہٕ متہٕ رٔٹتھ امہٕ قبیلچ اکھ ووکھ بلایا چھِ اَسہِ کأشرین لُکن شین رتین اگادِ گرٛہتھ وأراگ ٹلان...... یَس أسی ووٚنی دربأری دٕبو، زأنِتھ وبتران تہٕ پبتران چھِن۔ یہٕ بلاے چھِ اَسہٕ سوٚنتھ کالہٕ پیٹھ ہرِ د کالس تام صبح شام رنگہٕ رنگہٕ بنگہٕ زن چاوان۔ صُبحس نوِ بجہٕ پیٹھے چھُ انٛدٕ ونٛد شہرس سڑکن تہٕ کوچہ گلین تام No Entry ہُند دٕبو شاپھ دِوان۔ یوٚت تامتھ نہٕ یِم دربأری جنہٕ بچہٕ تہٕ دٕبو، سرکأری منزلین اندر دربأری سَراییہ اندر سجاونہٕ یِن توٚت تامتھ چھِنہٕ سڑکہٕ شکہٕ درپُلسہٕ ژٕرِ بچس تہٕ پکھن واش کڈنہٕ دِوان۔

آدم ذأ ژہنز چھنہٕ کتھے۔ تہنٛدِ کامہِ کارٕکی پڑاوچھِ پیأری پیأری لوسان تہٕ سوتان۔ وونی ییلہِ امہِ سکٹریٹ ناوچہِ سَرایہِ ہنٛدبن دبون دزٕ اٹھاکن دُہلی گاشہِ کُنہِ طرفس کُن نژن پھیرُن آسہِ تمہِ وِزِچھِ تہنٛدی پالتوراٗ چھدرشہرو گام کوکرٕ ژوٗرن ہنٛدی پأٹھی کلہٕ نلہٕ ژھٹھ کڈان تہٕ پتھری پکن والبن ہوٚہس اندرٕ وُڑنک حُکم دِتھ سڑکن راتہٕ موغل وُنگہٕ ناوان۔ آدم ذأ ژچھِ گگر واجبن تہٕ شالہٕ گوپھن اندرشرپنہٕ باپتھ چھکھ دِوان۔ یِمن سرکأری جِنہٕ بچن تہٕ دہو پوتبن چھِ سیاحتی چڑیاگرٕ کبن جاناورن ہنٛدی پأٹھی پنجرن تہٕ گوپھن اندر مخصوٗص بوٗلی کٔرتھ سوٚمبراوان۔ اَسہِ گَرِ یے ییمہِ غرضہٕ بروٚنہہ تہٕ قلمی عرضی تمن حکمدار یَمہٕ کنکرَن گلی زٕ گنٛڈتھ بنتی زِ ہے ستم گر سَرایہٕ ہنٛدبو سردارَ وتہُی یوٚ دوے پانژہ ال بالہٕ اَپأری وٗہری وٗری لیس پنُن وُچاپہ ببٹھا کہٕ سجأ وِتھے تھأوی ہو، دبو أسی بلایوژأ پٕ ئتر اڈ بڑ یکی آدم زاد ماہیکہٕ ہوتیلہِ کُنہِ وقتس تام ووزُم شہہ کھألتھ تہٕ وأ لتھ۔ وَنو کیا گوڈٕ ییمہِ گانگلہِ لدنگری ہنٛدبن حُکمدارن یمن ییتہِ تِتھے ہرِ واوٕ گڑاے لگتھ زن تہٕ فولأدی وُستہٕ خانہٕ نبتہٕ موٗمنی چھِ گرشہان۔ اَدِ چھِ یمے موچھِ زٕ وٗٹھ پانژہ ألی بالہٕ اپارِ تھکھ دِتھ پھٔرٕ بکھ ترٕ اوان۔ تتہِ تہٕ ییلہِ اِدٕ ژٔرنی وُسہٕ خانہٕ تتنی چھکھ ہوٚان، یم چھِ بیٚہِ أچھ زٕ وٗٹھ بالہٕ ییورتران تہٕ اسہِ بیٚہِ رنگہٕ تہٕ ہنگہ تہٕ منگہٕ اَگادِ گرشہتھ وأراگ ٹلان۔

یہِ ڈاڈِ تصرُف دوراوُن اَسہِ کأشرِس لُکس پانچھن کالہٕ کھوٗ ڈوگرٕ راجو

مہراجو پرٛبکس ژونمُت ۔ یہِ نیریاتہٕ ووٚنی زانٛہہ تہٕ زانہِ دَیے۔ تَم تہٕ اُسی پیٚتہٕ چہِ محبتی ترنہِ ژھٹہٕ ستی زَن ہگران تہٕ دوٚتُلتھ اِد پننہِ ووٚنٹہٕ مالنہِ تھگھ دِوان ۔ توٗرٕ اُسی اِد بہارس اندر رٕٔتی جن تہٕ ستتبن ستی اَسہِ بیٚیہِ دِگہِ دِنہِ واپس پھیران ۔ تَم راجہٕ مہراج یوٚ دوے پتہٕ وٕتھکی وَرزٕ واوَن ہٕرتھ تہٕ پأوی پوٚز اَسہِ گٔے اِد پننہِ ڈبکہِ کھوچرٕ رٕ چھمتبن پکھٕنے گرٛدِ شکل ۔ یِم اَسہِ از تہٕ تمی مہرأجی دربأری موٚ چہِ توٚنتہٕ دِگوچھو کہٕ دأوی چھِ کران ۔

دربأری موٚو کٔبن سرکأری لالن

پیالن بٔری بٔری آسان موٚے

مسکین کأشُر آسان نالن

حأکم صأبن وُچھھو روٚوے



# ہُہ تہِ چھُس بےٚ......یہِ تہِ چھُس بےٚ

کینژٕ کالہٕ پیٹھ ووت ییتہِ عامس تہٕ خاص تمن جنسی بدمعاشی ہنٛدی اڈٕ چلاون والیٚن خلاف ریوآیتی کرٕ بکہٕ نادکران، یمیُک شَل دپان پرُس تہِ دژایوو۔ خبر تمہِ وِزِ کمن حاکمن تہٕ حُکمدارن ہنٛدِ بیمہٕ آوتھ اخلاق سوز معاملہٕ تہِ مردِ بادی کرنہٕ۔ خبر یُہس رکتھٕ کنٛز لُج بیٚیہٕ اتھ بدمعاشی ہنٛدِس وٕٹسی گُری ہتس پھلبس کُہنٛدِ تام غارٕتچ نظرِ ہُنٛد نسترٕ ہیمہِ کنٛز امیُک سَہ کثیف رطوبتک پھلبل پھوٚٹ۔ تمکی بویہِ بدٕ ستی گوٚ وانٛدٕ ونٛدٕ کُشیرِ ہُنٛد سُہ پرون پٔنُن وراثتی شوٚژمِزاز تہٕ غلیظ تہٕ گندٕ۔ توٚ کنٛز دژاےاِدٕ حسب عادت ساری لوٕکٹی بڑٕی، زنہٕ، مردسَرِ بازر"اصلی مجرم کو پیش کرو"نعرٕ تہٕ نالہٕ دِنہٕ۔ کتھ چھےٚ ژٕتھ دِنٛی لایق۔ کیا یوٚ ہے یوت کنجر خانہ اوسا سانہٕ ساٗدٕ تہٕ شوٚژِ ماجہِ کُشیرِ اندرسون یزتھ تہٕ غیرتھ مٹاوان؟ یُس اِدٕ سانوٚ سیٚد یوسا دَ حرارتی مِزاز کیوٚ کاشرٕ بو جوانو تہٕ بڑیو پادِ پادِ وآلتھ نیس ونا بود کوٚر۔ یہِ کرُن تہِ ما اوس اَمی بدمعاش اڈُک کانٛہہ چالاکھ طرفدار نفرٕے کرناوان، ییٚمی اَتھ جُرمس اندر مُلوث مُجرمس ہُنٛد پےٚتاہ تہٕ پتھ رنگہٕ شہادت تہٕ ثبوت تہِ

مٹاونو و۔ امہِ سانہِ لاکمہِ روٗس جذباتی ردعملہٕ ستی ماگوٚ واتھ کانڈس ستی ملوث
ملزم تہٕ مجرم ونہٕ کڈنی سانی ڈٕسی مشکل۔ وُچھن چھُ یتھ کنی موجوٗد سرکاریو یہ
اکھ بدمعاش اڈٕ والنہٕ باپتھ عامس خاصس یژھ کھٕرِل کرنہٕ باپتھ مأدان یلہ
تراونو و، تمیُک مُدعا تہِ ما اوس تیٖلہِ اتھ سنگین اخلاق سوز مألس تہِ حسب
سابقہ أتی لکھتھ دیاوُن۔ سوال چھُ امہِ علاقہٕ کس پُلسہِ تھانس اُس نا
اوٗ تامتھ امہِ کنجرخانچ کینہہ تہِ خبر۔ کشیرِ اندریم تہِ زأری ٹِکرِ، چرسہٕ وان،
شرأبی اڈٕ یاتہٕ باقے جُرمن ہنٛدی ییٹھاکہِ چھِ، تمہٕ جایہِ تہٕ تم چلاون وأل
مُجرم چھِ باضابطہٕ ییتہِ پُلسہِ افسرن تہٕ متعلقہ تھانہٕ والین پننہِ گندٕ تہٕ غلیظ کارٕ
بارٕکی باضابطہٕ چھتل تاران۔ اِد چھِ تم بدمعاش سأنس پتھ کالکس شوٗژس
مٲشرتی مزازس گُنہِ تہِ خوفہٕ تہٕ کھُتکہٕ وغأر بیوٚن بیوٚن رنگن ہنٛدی ویٚہہ
رلاوِتھ سون 'ازٕ' تہٕ 'پگاہ' مسخ کران۔ اسہِ چھُ پتھ کُن نظر دِتھ تہِ یی بروٚنہہ
کُن یوان زِ سأنس گُنہِ تہِ جائز معاملس چھُ اسہٕ پننی نہ زاننہٕ تہٕ نہٕ واتنہٕ کنی
وُلٹہٕ تأثیر درامُت۔ مدعی اُستھ چھِ اسی مجرم بنان۔ میانہِ زاننہٕ چھِ اَمِ
کاٗثر بناوتھ زِ لُکھ پننس پرٛتھ کُنہِ ذأتی یا ملکی معاملس تہٕ مسلس پننہِ عادتی،
حرارتی، شرارتی تہٕ تھپہٕ روٗس جذباتی بننہٕ ستی سُلجاونہٕ بدل وُلٹاونے آمتی،
تمی پتھ کالکہِ تلخ تجربن ماہیرٕ یتھ معاملس اندر تہِ اَسہِ کُن ژورٕ نظرٕ ہشہٕ
دِنہٕ۔ توہہِ کیا سا باسان؟



یمہٕ کنی ووٚی بھارت ورشہٕ کھوٚ جمہورنوازتہٕ دعوی دارسیکولر اِزمہ کھوٚ

طرفدارو، کوچہ صحافیوتہٕ ووزمیو دأ نشوروأتھ خطرناک بدمعاش کانڈس خلاف آواز تُلن والین کأشرٚن اندر بھارت دُشمن عنصرن ہنٛدی جُرم ژھانڈنٕی ییٚتی، یمن پتہٕ ''ڈِسٹربڈ ایریا لیبارٹری'' Disturbed Area Laboratory اندر تیار کرِ ہٕتی ''سیکس فری سوسایٹی'' ہنٛدی ویکسین زبردستی برنہٕ یِن ییمہِ سٟتی اِتھ زانہٕ کأشرٚن ہنٛدِ غارتکی گدوٕ دگألتھ بھارتی سیکولر سماج ییٚتہِ تہِ کُنہِ رکاوٹہٕ بغأر پھولتھ تہٕ پھانٛپھلتھ کاڈ کڈِ۔ تمہٕ ڈرامیچ ریہر سل ہیٚرٕن میانہِ خیالہ شروٗع سپدنٕی۔ اتھ ناٹکس اندر کأم کرن وألی کینٛہہ کردار آسن کأشری یِم زبر معاوضس پیٹھ تہنٛدِ ونہٕ کأشر کردار نباون تہٕ امکی ڈایریکٹر تہٕ تہنٛدی ژأری ہٕتی کردار کرن بغارِ کُنہِ معاوضہٕ یہٕ پأتھر عالمی سوٚتھرس پیٹھ اسی خلاف واتہٕ ناوٕنچ عملی کوشش، توہہِ کیاباسہِ تہِ وٕنی توتہٕ تہِ

پوٚتُس پرٛتھ جایہِ از تام ووت کأشُر
وٕتِھ چمنس چھُ وایان درٛوت کأشُر
وٕنتھ گوٚو دُشمنس سِر پرٛوت کأشُر
بنان پانے چھُ پانس موت کأشُر



۲۱؍مئی ۲۰۰۶ء

(جنسی سیکنڈلک ناٹک)

# راتھ آو مٕنگن ، از ہیوٚتن ژٕنگن

اِ جنابو...... کتھ چھےٚ ژٕتھ دِنۍ لایق۔ اوترٕ اوترے اوس سانہِ لتہٕ لونہٕ گأمژِ ماجہِ کٔشیرِ ہُنٛد مقرر کرنہٕ آمُت ریٹایر جنرل گورنر صأب کتھ تام ٹی ، وی چینلہِ پیٹھ اسہِ کأشرٕن ہٕنٛدِ چھوکہٕ لد "کشمیر ٹیچ" پننہِ آیہِ وو کھنَے کران کران فرماوان زِ کأشرٕن لۄکن پزِ سرکارٕچن زبر کامٕن ہٕنٛز شکر گذأری تہِ کرٕنۍ ۔ دوکھ تہٕ دأدی پَزنکھ وونۍ مُشراوٕنۍ تہٕ سوکھن ہُنٛد سمے پَزِ نہٕ راوٕ راوُن ۔ جنسی سکنڈلکی مجرم ، رشوٕ خورافسر تہٕ اہلِ کار بروکھ ضرور سنٛگینن ۔ وٕں گوتمہِ بأپتھ چھُ مناسب وِق پھرٕ درکار آسان ۔ جمہوری طرزِ حکوٗمتس اندر چھُ پرٛتھ کأنسہِ پننہِ بچاوُک حق تہِ دنہٕ آمُت "پوٚز کأشرٕن پزِ نہٕ گابرُن یا بانبرُن ، تِمن تہِ ہیہِ سُہ حق کُنہِ وِزِ دنہٕ ۔

جنرل صأب ! تہُنٛد چھایہِ حکم کِنہٕ گرٛاو ؟ ییٚتہِ چھےٚ اَسہِ یرٛ ھِ گگرایہِ وِزِ وِزِ تہٕ وقتہٕ وقتہٕ ، پتھ کالہٕ پٮ۪ٹھ کٔن گامژٕ ے ۔ تہٕی خبر کتہِ آسی ہوتمہِ وِزِ پننۍ فوجی

نوکری پرٛیڈ کران نکھ والان ییلہٕ ییٚتہٕ سانہِ لگہٕ راجہ کہو دأ دی کوٗٹھ حأ کموٗ پانہٕ
رٕچھمتو افسرن تہٕ اہل کارن گرٛ وٹہٕ خورن پرٛ ژھ گارِ ہُنٛد گدوم گنٛڈن ہیٚژ
وتہٕ پارے دِژ کھ۔ییمہٕ یورنسأ دِیہٕ ووٗنی کانٛہہ تہٕ افسر یا حأ کم سرکأری مالس
تہٕ جادادس کُنہِ تہٕ رنگہٕ تھپھ تھوٚس۔ اِد گرتہٕ کیٛتھ سپد ہے تتھ ہوٚکھس
حُکمس پیٹھ تہٕ ضأبطچ کاروأیی، ییمہٕ جرٕ مکی تم سأری مجرم سنگ سأتھی
آسن۔ میانہٕ زأنہٕ سپز وویٚتہٕ سکنڈلن ہُنٛد ڈسلابہ سیمنٹ، شستر، بجلی پول
نقلی سونہٕ پونڈ بناونہٕ کہِ سیکنڈلہ ستی۔ تمہٕ وقتہٕ کہو سرکارہو تُج ہوٚل ہالے تہٕ
ووزراٹھ۔ خبر دار ژوٗر ہسارئٹی مگر ہووٗکھ نہٕ کانٛہہ تہٕ۔ ژرٕ ماچ نمائیش تہٕ
لأجکھ، بوزان چھِ عزت مآب جنرل صأب توہہِ چھُس ونان۔ روٗشن لگہٕ
نہٕ۔ تمہٕ آیہِ چہٕ خبرٕ دِژ کھ، سانہن سیٚدہن تہٕ سادٕ لکن باسیوٚ وزِیمن تھپلن تہٕ
اَتٕری زدافسرن تہٕ اہل کارن کھالن ضرور ووٗنی قبا کوٗٹہن تہٕ تمہٕ کٔنی ماکھہن
باقٕے ٹھگ بروٗنہہ کُن تھپہ تھوٚس دِنس تراسے۔ اِد دوہا دوہا گوٚو گرٛ ھان،
لوٕکٹی گے جوان گرٛ ھان، جوان گے بُڈان تہٕ بُڈٕ آدم گے مران۔ اَتھی ستی
کھیوٚسہ ٹھگی لہِ ہُنٛد دفترتہٕ پأرِم گاوے۔ پتہٕ نہ وُچھ ژوٗرے تہٕ نہ ہووٗکھ
ژرٕ مالے۔ کمن گرن تہٕ گُد امن اندر کوٚ رُکھسہ تہٕ قأد۔ تمی چھُنہٕ ووٗنی ستم زدٕ
کأشرہن لُکن سرکارہن ہنٛز کُنہِ تہٕ مُہِمہٕ پیٹھ اعتبارٕ یوان۔ نہ چھِ ووٗنی
کأشر لُکھ تہٕ تھہن معاملن پیٹھ شکوشِکا تھے کران۔ تم چھِ پتھ کُن وُچھتھ
بروٗنہہ کُن ہُشار روزان، وُچھنہٕ چھُ اُمت ییٚتہٕ یودوے کانٛسہِ تہٕ لوکٹس

ملازمس چایہِ پیالس اندر رالغابہ تہِ مُچھ نبگلتھ گژھِتس چھِ سرکار روالا مداریہ ڈِپی زِتہِ شکم پھوہان ۔ اتھ بدل یُس تہِ سرکاری حاکم یا افسر خزانس لٹاوِتس چھُنہ ڈاکرتہ گژھان ۔ ؤں گوو جنرل صاب ییلہِ ییتہِ کُنہ تہ وِزا کھِتھ مائے کھتھ پرٗژھ گارِہندس دفترس پھیُر دِنہ چھِ بیہان تِم تہِ چھِ اِد حسب رہوا تھِتھے رَسا مسا پکِتھ ترٗکھ اَستھ کھار زِ ترٗکھ ہوٗنان ۔ اکھ چھِ تِم تہِ کھوان چوان بیٖیہ چھُ گاو کرٔش گاسہ گیٖڈ تہِ نوان ۔ توے چھے وونی اَسہ یموٗرنگو تسلی جان گاہتی ۔ اِد جنابو توے دوٗ ہم ناجرمہ کس ترٗکس بدل اگرتولہ سے پرٗژھ گارلگتھ سزالگہِ ہے، اَسی تہِ دِپہ ہو تیٖلہِ آ کیٛا ہتام سپُد ۔

رَٹان ییٖلہِ رشوٖ خورس رشوٖ دفتر
کران ریڈیو تہٕ ٹی وی سخ چھُ چر چر
کھوان یُس پاژٔھ داہ پنٛژاہ سُہ مجرم
لچھن ڈَز مارِ یُس تس وق چھُ یاور



۲۱ ر جون ۲۰۰۶ء

# ٲسی وٲتی پننے لبٚ تل

خبردار ہوشیار بھارت ورشک اعلیٰ کماندار من موہن جی سرادر .....

پنٕنس دَبس خبردار ، پنٛج آٹھ تیغ بردار، لۄت پکہٕ وُن سۄت گُفتار ،

کأشرٕ ہن ہُند بناسپتی دِلدار، دَپان لاگہِ یێتہٕ دربارِ پُر اسرار۔ کأشرٕ ہن او پہٕن

تہٕ آچھرٕ ہن حأکمن ترٕ ٕنگی ووزُم دستار، تہٕ بێیہِ لاگنکھ دُرٕنگی بیزار، وُچاپہ

کھۄرن لاگنکھ ہلکہٕ پأزارتہٕ پتہٕ دَپان گنڈنکھ توفن تہٕ تفنگن ہُند دیوار، تہٕ

بێیہ ناونکھ حکمکس تختس پیٹھ زن کالہٕ شہمار، ییٚتہ باجہ تھاونکھ سأری بھارٕتکی

تنخواہ دار تہٕ مطلبی وفادار۔

ڈیلی ویچرانِ آر پار، دیندار، أنزمی تہٕ میٖژمی خدا بے زار، بے دِل تہٕ

بے عار تہٕ کرن کتھ باتھ اندر نرم تہٕ تیز گفتار ییمہٕ ییٚتہ عاسٕ تہٕ خاسٕ

کھسہِ نِو سَرٕ خمارتہٕ ژلکھ '' ہم کیا چاہتے '' ہُک بأسی غُبار، کھبن چبن تہٕ

کھالن ڈِزأنی دارڈ کار تہٕ رٹن، میٖٹنگہٕ ہنٛدِ سِٹنگہِ (Siting) ہنٛدی لفافن اندر

زلہٕ ؤنی زلہٕ ؤنی دیارتہٕ کرن اپأری مبن تہٕ یپأری مبن انجأری باپاربن

بروٗنہہ کنہِ کتھ باتھ کامیاب سپدنک تکرار تہٕ بروٗنٹھ کُن تہِ جاری تھاونک اظہار۔

......وزیر اعظم بھارت سرکار روزِ کارِ خود ہوشیار تہٕ کرِ سانٮ۪ن قومی غم خارن ہِنٛز پنٛڈِ ہوشر ہوٕ ریوپیٹھ جیلن اندر بند آزادی پسند اپارِم تہٕ یپارِم کاشری کرن پانہٕ وانٛنی نقد تہٕ ووزم باپار۔

نہ کرِ بھارتی فوج خامہٕ خواہ فائرنگ، نہ تلاشی تہٕ نہ شُربن بڈبن تہٕ نہ زِنہِ موہنوبن لارِ لار۔

شیٹھوٕ ریوپیٹھ ژھینہٕ گاٲمتی اپارِم یپارِم کاشری سمکھن پانہٕ وانٛنی، کرن پرٛانہِ آیہ بێیہِ پٕنُن وہوار۔ تہٕ وٹن رٕنے ہِمتن ہلمن اندر نوِ ضر یکی دیار، تیٚتھ سپدِ امن وآشتی ہُنٛد واتاورن، کانہہ تہِ روزِنہٕ کامہِ کار رِوول بے کار۔

اورِ یورِ ہِن ساٲلانی تہٕ باپاری، چھکرن عربی تہٕ عجمی دینار، بێیہِ بێیہِ تہٕ آسن ماہرِ کی مدتہٕ کھبن چھبن تہٕ واین گول میز کانفرنس رَتھِ کھسنک نگار دوہس کھنڈس روزِ عالمس اندر اولہٕ دولہٕ خبرن ہُنٛد بخار تہٕ من موہن جی واتہِ واپس دِلی دربار تہٕ کرِ پننٮ۪ن نِش پنٛنی کتھ اظہار تہٕ دپھکھ

جہاں ہم نے کل تک جبینیں گھسیں تھیں
گرے سر کے بل آج وہ آستانے



# کتھ چھےٚ ژٕتھ دِنۍ لایق

پننہِ ماجہِ کٲشیرِ ہٕنٛدٕن پتھ کال کٮ۪ن شٮ۪ن ستتن ہتن ؤری ین ہٕنٛز ستم زدٕ تٲریخ پٔرِتھ تہٕ تتھ اِد پننہِ واتنیارٕ سٔنتھ تہٕ سرِ تھ، بێیہِ پٕنٛن پان پننہِ وطنک ژٕکی در زٲنِتھ ، یِم موللی تجربہٕ تہٕ یوسہٕ زان مےٚ سپٕز تمہِ کی برکتہٕ چھُس بہٕ ازتہِ ماجہِ کٲشیرِ در پیش مؤجۄدٕ پُر اسرار حالات تہٕ واقعات گُنہِ حدس تام سمجتھ ہٮ۪کان ۔ تتھ تہِ چھُ وجہ اکھ ۔ میانہِ زندگی اندر یُس اکھ خاص واقعہ چھُ سپُد مُت سُہ چھُ مےٚ ازتام تہِ زندگی ہٕنٛدس پرٛتھ گُنہِ گُھری دار معاملس تہٕ مسلس سمجھنس اندر رہبری تہٕ رہنمأیی کران ۔ تمہِ اہم واقعٕچ اہمیتھ نظرِ تل أنِتھ باسیوم زِ اگر میون بێیہِ تہِ کانٛہہ وطندار دوس سُہ اہم واقعہ بوزِ، تس تہِ ما نیرِ پننِس گُنہِ گُھری دار مسلس وَر ۔

کتھ چھےٚ جنابو عیسوی سن ۱۹۷۵ ٕتچ ، یێلہِ اَسہِ دۄن دوستن تمہِ وِز پننہِ آبأیی کامہِ کارِکس سِلسلس اندر بمبیہِ گرٛژھُن پیٛو ۔ تتہِ نیہِ أسی تتِکی تمٕ خریدارن دوہ اکہِ بمبے شہرُک سٲل کرنہِ تہٕ أتھی اندر رہوُن بمبے شہرٕ

رِکس أ رِکس انڈس پیٹھ ییٚتہٕ دوٗ ڈیری تہٕ گاوٗر چھنک انیکھ مأدان تہٕ چھُ، اکھ پراچین کالک مندر تہٕ، یُس أ رِکس وٗسیع ترین پہأڑی علاقہٕ رِکس أ رِکس بڈِس حصس پیٹھ پھٔہلتھ اوس۔ اتھ قدیم ترٟن مندرس اندرُوٗ چھ اسہٕ راتہٕ کرٟلین ہُند اکھ خاص قسماتہٕ یُس لگ بھگ گانٹہٕ سۆمب بۆڈ اوس۔ سُہ مندرُوٗ چھنہٕ چھ بھارت ورشکوٗ طرفاتو پیٹھٕ سالأنی اوت یِوان گرٛ ھان۔ ییٚمہٕ کنٕ اتہٕ بیوٚن بیوٚن قسمکی چیزٕ کنن والین باپارٕ ہن تہٕ پأ کارٕ ہن ہنٛز سٕخ ووسہٕ دڑ وسہٕ تہٕ چھےٚ آسان۔ اتھ مندرس ٕستی چھُ امہٕ کنوٚ منتظمو سأ لانٕن ہنٛدِ بیٚہنہٕ باپتھ امیٚگ وسیع باغ تہٕ شیرتھ سنٛبھأ لتھ تھوومُت، ییتھ اندر مندر وُچھن وأ لی سأ لانی بیٚنچن تہٕ پتھُرس پیٹھ بہتھ امیٚگ نظارٕ چھِ کران۔ باغس چھِ ڈٕ چھنٛزٕ تہٕ کھوٗ ری تھٔدی تہٕ بون خوبصورت طبقہٕ بناونہٕ آمٕتی۔ ییٚمن پیٹھ سالأنی فرشا گرتھ پنٛنہٕ مزٕ کھناہ چیناتہٕ چھِ کران۔ اتھ مندرٕ رِکس انڈٕ ونٛڈٕ احاطس اندرُوٗ چھ اسہٕ لورِگٹن پیٹھ گتہٕ پٹٕن پیٹھ کھڑا اکر تھ تمام ہندوستأنی زبانٕن اندر لیکھتھ زِ ''چندٕ ژٔوٗ روٗ نشہٕ روٗ زِ وہوشیارتہٕ خبردار''۔ یہٕ پتس بڈِس تعدادس اندر اتہٕ یم بورڈ وُچھتھ گوٚ ومےٚ خبر کیٛاز دِلس تہٕ دمباغس امیٚگ سٕخ بار ہیوٗ زن اگادِ ییٚمہٕ کنٕ مےٚ أمس اتہٕ رِکس باپأرِس یہٕ کتھ سوالیہ اندازس اندر پرٛژھ زِ یتھ احاطس اندر ییتی یم بورڈ تھاونک کیٛا وجہ چھُ؟۔

یوٚت غلبہٕ چھا ییٚتہٕ چندٕ ژٔوٗرن ہُند زِ یم غٔر سأ لانٕن شوٗ قدم تہٕ دِن

کڈنہٕ ......؟ توے چھا مندرٕ کیو منتظمو قدمہٕ پتہٕ قدمہٕ چندٕ ژوٗرن نش ہوشیار تھاوٕنکی پیٹھ بورڈ لاگنأوی متی۔

یہِ کیا معاملہٕ چھُ ...... یہِ بوٗزِتھ کوٗر گوڈٕ أمی سأنی باپأری صأبن نقلی اَسن پھشاتہٕ اِدٕ دوٗپنم حأرانگی چھےٚ یہِ زِیم بورڈ چھِ یێتہٕ پُلسس ستی رٕلتھ صُبحس سُلہِ یتھ جایہِ جایہِ چندٕ ژوٗرٕ ے لأگتھ تھاوان۔ یمن بورڈن کُن وُچھِتھ چھِ اوت یِنہٕ وألی شخص یکدم پنِنس تتھ چندس کُن اتھٕ نِوان تہٕ ساران یتھ اندر تمن ہارٕ دیار چھِ آسان۔ یہِ وُچھِتھ شانکہِ بہتھ چندٕ ژوٗر چھُ پتہٕ اوٗت یِنہٕ وأرِلس سأاأنس سےٚ چندٕ ژٹان یتھ اندر رقم چھُس آسان۔



۱۱ر جون ۲۰۰۶ء

# کأشرٕ بن کاڈٕ بن پأرِم کرایہِ دَر

وُچھنہٕ چھُ آمُت یِیلہِ گُنہِ شایہِ سہلاب چھُ یِوان، سُہ چھُ پانس سےٚتی کأتیاہ پڑ اأنی تہٕ نوی چیز ڈُوتِھ نِوان۔ کم سنگین قلاے تہٕ کأتیاہ مضبوٗط سُمہِ تارتہٕ کٔدل چھُ مِسمار گٔرتھ ژلان۔ پوٚز آرن، کولن تہٕ دٔری یاوٕ بٔٹھن پیٹھ یوسہٕ گنٔد تہٕ غلاظت یِژ کالہٕ پیٹھٕ سمے ہٕژ چھےٚ آسان، تتھ تہِ چھُ یہِ سہلاب پانس سےٚتی ڈُوتھ نِوان۔ تہٕ تِم اولوٗدٕ سپدی ہٕتی بٔٹھی تہٕ بیرِ صاف تہٕ شوٗژ گٔرتھ تھاوان۔ پتہٕ یِیلہِ یہِ سہلاب شوٗدان چھُ ادٕ چھُ تمہِ کہِ نفع تہٕ نقصانٕک اَنٛد اژ سپدان۔

سانہِ کٔشیرِ یُس پتی موٗشر ہوٗسدٕ ہوٗری یو پیٹھ اکھ آدٕمی کھاو انقلأبی سہلابا آو، أمی سہلابن کیٛاہ کیٛاہ تہٕ کوتاہ موٗلُل میراث، جان تہٕ مال نیوٗ پانس سےٚتی ڈُوتِھ، تمیُک اندازٕ تہِ سپدِ تمہِ وِزِ یِیلہِ یہِ خوٗنی سہلاب تہِ تھک دِیہِ۔ گاہے چھُ ظأہری طور یہِ دٔری یا وشوٗ دان باسان، مگر آرن تہٕ کولن

اندر چھُ وِنہٕ تہٕ وأنا کھ سہلابی بٕتھی کھوٚژنأوِتھ ژھپہٕ ژھپ کرناوان۔ زانہٕ سُہ پانے...... ترٛاوِ کمہٕ آنے ...... جانانے ہو۔ یہٕ رتہٕ ٹری سہلاب یِنہٕ بروٚنہہ اوس اسہِ کأشرٕ بٹن تہٕ مسلمانن کُنوٚہہ شتھ ستہٕ تأجی (۱۹۴۷ء) کِنوٚ کٔڈر بوٚ حالاتو کِنۍ سوچ تہٕ تقسیم سپُد مُت، یُس اسہِ پانہٕ وأنی رنگہٕ رنگہٕ ووٚنہٕ مژ رٹُلان اوس تہٕ کأشرس پٔنُن سُہ کأشُر مزاز تام ژوٚکہٕ راوان رُوٚدییمہٕ سببہٕ اِدسانہٕ ماجہِ کٔشیرِ تہٕ کأشرس صوٗفی مُنش مزازٕ وأنس تہِ گاہ بگاہ سفید ٹأری تہٕ ووزلان أسی ییمہِ کِنۍ اِدسون مُلکی یا ذأتی ماملہٕ تہٕ نأری رنگ رٕٹتھ تیٚنبرِ اوس تُلان، تہٕ یمیُک گاٹہٕ أسی پننہِ زندگی ہٕندس پرٛتھ کُنہِ انگس تہٕ رنگس اندراز تام پرٛوان چھہِ۔ پوٚز تھکاہ چھُنہٕ کُنہِ رنگہٕ تہٕ لگان باسان۔ وٗں گوامہِ خوٗنی سُہلابہٕ کِنوٚ بے اندازٕ نقصانو پتہٕ دِیُت أمی اکھ موٗلُل فأیدٕ تہٕ ییٚمہِ کِہ برکتہٕ أسی کأشرۍ ووٚنی ماجہِ کٔشیرِ اندر لٕستھ بٕستھ کأشرٕ پأٹھی سوٚنچتھ سمجتھ ہیکو۔ تہٕ زن گوٚ واسہِ کأشرٕ مسلمانن أسی کاڈٕبن اندر پأکستأنی سونچکی کرایہٕ دربہتھ سون سورُے جسم تہٕ جان بے سوکھ تہٕ بےٚ آرام کران۔ تہٕ پننی پأکستانکی معاملہٕ تہٕ مسلہٕ ابسأوِتھ کأشرس قومس کھرۍ کانگرأنان۔

کأشرِس بٹس أسی دِلہٕ ہٕندی کرایہٕ درکاڈٕبن اندر بہتھ کأشرٕ تہٕ کٔشیرِ منسأوناوِتھ آزاد ہندوستانٕک نقشہٕ نقشاوناوان تیٚمی خام سوٚنچن تم تہٕ پننہِ ماجہِ کٔشیر ہٕندی موٗلہٕ درسنتان وطن دار أستھ وانٕج وأرِس پیٹھ واتناوی۔ تہٕند حالِ زار تہٕ چھُ نظرنےٚ تل۔ ووٚنی یَنہٕ پیٹھ ہندوستان تہٕ پأکستان پانہٕ وأنی تنٛبرٕ تہٕ مرٛژ

وانگن مزاز مُشرآوِتھ دود تہٕ شکر رلاونہٕ پیٚٹھی، تتہٕ چھُ ووٕنی کینژن کأشرِ بٹن تہٕ مسلمانن تہِ ییٚتیک سیوٚ دساد ژھیُل کأشُر صوفی مزاز منہٕ ناوتُک مأل ہیوٚ پھیوٚ رمُت ۔ ییمہِ کنہٕ ووٕنی سون کأشُر قلم، کأشر زبو تہٕ کأشری کاڈی پننہِ آیہِ واش کڈُن چھُ ہیوان۔

دٔ ے بٔوزِن سائنس دِلس تہٕ دِمٲغس ژٔلِن ووٕنی سو کھےتھیمی سون سُہ سوٚرے شوٚژ پیتھ کال شرمندٕ کوٚرمُت چھُ ۔ امہِ سُہلایہ کہِ نقصانہٕ پتہٕ آو۔ اسہِ یہوے فائدٕ زِ کأشرِس مسلمانہٕ ہندِ بو کاڈبو اٚندرٕ رکوٚڈُن راول پینجہِ ہُند خانہٕ مول کرایہِ درتہٕ کأشرِس بٹہٕ ہنز وکاڈی کوٹھریو اٚندر رکوٚڈُن دِلہِ ہُند دُ بُتھہل کرایہِ دِبو۔

ووٕنی چھِ دونٔوِنی کأشرِ بٹن تہٕ مسلمانن پننہِ کأشرِ یتچ تہٕ کٔشیرِ ہنٛدِ نفع نقصانچ فِکر ہش لٔجمٕژ۔

کٔشیری مشرقس بیدار کر وُز ناوِ وقتس پیٹھ
یہ آلو کأشرِ ہندِ کنن منز واتہٕ ناوُن چھُم

(مہجور)



۱۸؍جون۲۰۰۶ء

# رجبن لاے لبہٕ ٹھول

سرکاری نوکری ہٕندِس وقتس دوران ییٚلہِ بہٕ چھٹی پتہٕ دگرس باگی واپس گرٕ اوسُس واتان ، عادت اوسُم ماجہِ بروٚنہہ کنہِ دانہٕ گُٹھِس اندر دِگرِچ چاے چینٕز ۔ پتہٕ اوسُس بیٹھکہِ ہٕندِس کمرس اندر ماٲلس ستی دہ ٹُک کوٚرمُت کرٕ ووٚمُت مُنان دِنان ۔ اکھ دوہا بنیو ویٚلہِ بہٕ گرٕ ووتُس ، میأنی تمی ماٲلی جنت گارن ستھُے برٕ اٚزِتھ میأنی کتھ بوز ، آلو دِتھ ووٚنم ''از ہسا چھکھ ژٕ چاے میٚے نِش'' ۔ مےٚ بدلاوی پلوتہٕ اتھٕ بُتھ چھٕلِتھ بیوٚ ٹھُس ماٲلس بروٚنہہ کنہِ تہٕ پرٕژُھمس ''توہہِ نِش از چاے چینٕگ چھا کانہہ خاص مسلہٕ یا ماملہٕ اٚنز رُن ؟ یہِ بوٚ زِتھ پلہٕ نو ووٚنم رُوقہٕ یُس اسہِ تمی ہمساین سوٗ زمُت اوس یٔمس محمد رجب ناو اوس ۔ سُہ اوس کتھ تام سرکاری دفترس اندر چوکی در ناوُک ملازِم ۔ أمس شخصس آسہِ شےٚ کوٚرِیمن پتہٕ خداصاأبس زارٕ پارٕ تہٕ سخ جنگوٹہٕ کٔرتھ تہٕ بیٚیہِ متبن استانن پھیری پھیری کٔڈ ہن اکھ تہٕ حاصل گٔیس ، تیٚمِچ خوشی تمہِ وِزملی محلس سپز ۔ تٔسی کٔڈس اوسُن ختنہٕ کرنچہٕ خوشی پتھ یہِ واژٕ وان لوگمُت ۔ تکیا زمحمد رجبنی آشینی ییٚلہِ محلہ أندر کانسہ نیٚچو زیوٚنچ شیٚچھ أسی

بوزان تس اوس تہٕ سخ مُشکل گرٕھان۔ یِم حالاتھ أھنٛدی زاۂنتھیپے دوٚپنم بابہٕ صائبن "رجبن چھَ پنٛنِ وُہر وانٛگج واۂرِس اندر کٹاوٕمٕڑ۔ پتہٕ یِیلہِ نتھرٕ کوٗرُن تمو ے ہوو ربو دِژس لسنہٕ بسنہٕ باپتھ کوٗٹھرِ ہنا اکھ، یتھ اندر سُہ یہِ عیالہٕ پھوٚترِ ہیتھ ازتام لُستی بُستی کران چھُ۔ کورِ تہٕ ووٚنی یہِ نیچوٚ ہن ہتھ اُسی زن تہِ یِم کجابس تل کوکرِ پھٕرِس تل پۆتی کھیُول۔ بیٚیہِ چھُکھ مول زن تہٕ کوکر اردل دِوان، أتھی عاجزی تہٕ تنگی اندر رچھِ یم دہن گذاری کران۔

أمِس پزِ ہے نایمن پوٚنسن واڑِ وان لاگنہٕ بدل زمینہٕ پُرنہِ جوراہتھ تھ پٹھ عیالہٕ باپتھ جایہِ پأراہ بناوٕنی۔ تہٕ یمن کوربن مالِینٛی ستھ تھاۂوِتھ أمِس نیچوٚس تہِ روزَن جایہِ ہُنٛد بندوبس تھاوُن۔ پگاہ یِیلہِ او ہُنٛد یہِ نیچوٚ تہِ وانٛگج واۂرِس لگہٕ تس کیاہ فائِدٕ واتہِ مالی ہِنٛدِ امہِ واڑِ وان لاگنُک، سُہ تہِ روزِ زندگی اندر مالی ہِنٛدی پاۂٹھی ژھوٚرتہٕ چھوٚن وانٛگجو یے۔ یہِ رجبس اوس سوچُن تہِ کیاز پوٚمے سوچُن توے دوٚپمے رجبن تراۂولبہِ ٹھول تہٕ مےٚ کوٗرُن پنٛنِس گُٹھِس اندر کلس دود۔



۲۵رجون ۱۹۷۴ء

# گیہِ ہا گیہِ ہا؟

یِیمہِ بروٗنہہ تہِ چھےٚ اَسہِ یہِ کتھ چُکاوِنچ سنٛز جتن کرٕمٕژ زِ اَسہِ کاشرٕ ہٕن ہٕنٛدی موٗل کتھ جانورذٲژ ہسُتی ہسکھو کھوٲتتھ۔ ہُپاٲری آے ڈاروِن جُوس آدمی وجوٗدکی موٗل واندر بستہِ اندری اتھِ۔ تتھ کیاونوس أسی ہوی زڈ مٔنڈی ہانزٕ ہٕنٛدی اِنسان۔ تٔمی چھےٚ پنٕنی کتھ سبکٕ تہِ ٹوکہٕ بناونہٕ باپتھ واریاہ مغزمارٕی تہِ کرٕمٕژ۔ یِتھ ہسُتی وارِ ہو کاوِ گاٹلو اِتفاق، تہِ کینٛژ وتینٛبر مزازٕ کاکھو اختلاف تہِ کوٗرُس۔ تٔمی چھ ہیومن سیکالوجی (Human Pshchology) تہِ ہیومن نیچر (Human Nature) بِد کڈتھ تمہِ وِزِ عالمس ووژراٹھ تٕجمٕژ۔ خاٲر بہٕ کیاونہٕ لس تہِ تہٕ کیاوٕ نیومے۔ سو تہِ چھےٚ بیا کھے مِنگہٕ دگاہ جنابو۔ یِیمی چیزن مے ازبیٚہِ ڈاروِن جُو یاد پوو، سو کتھ تہِ چھ کتھے۔ سون اکھ نوٗن تہِ وٚون مقامی اردُو اخبار ’آفتاب‘ سپُد یِتھ رتبس اندر پٔرژ اوٗ ہر، نظرِ بدنشہِ رٕچھنس میون خداصاب۔ اچھ بارٕ یے ہوٕ زتھ سینہٕ یزی اخبار ہرن والبن کاشرٕ ہٕن شادی

ہش ، تہٕ تہِ أس ضروری ۔ تکیازِ تم دپان امی اخبارٕ کہِ برکتہٕ ہساز ون پتھ
کھورِ کأشر ہو اخبارٕ مٔلی ہیتھ پرُن تہٕ پتہٕ اتھ انٛد ریپنہِ کأشرِ سماجچہِ خوٗبی تہٕ خأمی
پُرتھ تہٕ زأنتھ پان سمبأونچ ریہر سہل تہِ کرٕنی ۔ اچھ گولڈن جوبلی وورِس
مناوُن چھُ پزی تیلہِ عوامس حق بنان ، تکیازِ امہِ اخبارُک دعویٰ چھُ زِ یہِ
چھُنہٕ وونی امہِ کِسی مأ لک موجد تہٕ ایڈیٹرسٕنز ذأتی ملکیت ۔ اتھ پیٹھ
چھُنہٕ کأنٛسہِ تہِ کتھ چُکاون وأ لی پنٛنہٕ کتھ کرٕ مژ ۔ خبر امہِ اخبارُک یُتھ ہیوٗ اہم
معاملہٕ کیازِ چھُ ژھایہِ ہٕلی ہے روٗ دمُت ۔ ییلہِ گولڈن جوبلی ہٕندس عوأمی
تہوارس پیٹھ زأنی انزأنی صحافی ، ژھوٹی زٕ تھی قلم کار ، پنٛن گرٕ سورن وأ لی
مَلہٕ تہٕ مولوی صأب ، بطخ مزاز کی گونماتھ تہٕ شاعر ، سرکردٕ تاجر تہٕ قونونی کاوٕ
گاٹلی دُبتھل سیاست کار ، اوٗ ہٕ گری تھوٕ گری ووستہٕ کار ، أچھری تہٕ مانچھری
ادیب تام ہوٗل گنٛڈتھ چھِ ، کینژ وأنی امہِ کہِ محبتہٕ ووزم وورُدکرتھ امہِ
باپتھ قصیدٕ تہِ لیکھِ نأوتھ ییم اخبارس انٛدرٕ پرٕتھ تم کینٛہہ فاقےٚ تہِ چھِ صحت
مند باسان ، تمن خلقن اگر یہِ پرٕ ژھوزِ توہہِ چھا ساخبرزِ امہِ اخبارٕ کی ٹرسٹی کم
تہٕ کٕژ صاحب چھِ یا امہِ دعوادار عوأمی ملکیتہ کہِ اخبارٕچ افادیت کیا چھ
کأشرِس بأے ہٕندِ باپتھ ، یا یہِ ٹرسٹ کمن نادارن چھُ دارٕنٛد کران ، کتین
طألب علمن چھُ تہنز تعلیم پرنہٕ باپتھ تمن مأ لی رنگہٕ اتھ روٗٹ کران تہٕ مسکینن ،
ناتوانن تہٕ مریضن ہٕندِ علاجہِ باپتھ کمہٕ سکیمہِ چھےٚ ٹرسٹن بارسس انہِ مژ ، تم
کرن کلس دٕچھن کھوٗرِ الیہِ ڈلِ أنٹھا کتوبر ۲۰۰۵ کین بُنیلی زدن کمہِ

رنگہٕ تہٕ کوتاہ مدد کریون تمئیک ذکر خیرتہِ گۆژھ اخبار کٮ۪ن کالمن اندر کرنہٕ یُن نتہٕ چھُ سون کأشُر بوے حسبِ عادتھ واندر چالہِ ووٛڈھاہ تُلان، یہِ وُچھِتھ اِد باقٕے ووٚڈھی یأ ژکھ دۆپ، ئ پیوھض دنبأڈلی لاگان۔ یٚیمہِ کنٕز اِد لالہٕ باب صأبنٕز مُتٕر تہِ منٛدچھان چھِ۔ توے کنٕز دۆپُم ازبٕیہِ ڈارؤن چھُ اِنسأنی وجودٕکی مول واندرس ۂتی وأٹِتھ پننٕز کتھ شبقہٕ گٔرتھ زِ واندرس چھُ آڈرنہِ اندرٕ زٕ چیز میلتھ تہٕ تٕیلتھ۔ لمبر اکھ چھُ یہِ نقال یتہِ کأنسہِ کران کراوان چھُ وُچھان، تی چھُ سہٕ تہِ کران۔ دۆیم رنگ چھُس ووٚڈٕ تُلنہِ۔ یہِ چھُس واندر آسنُک اہم تہٕ من پسند شوغُل۔ یِم دونوے صفت چھِ میانہِ زانہٕ پننٕز کأشرِ صأبن نالہٕ متہِ رٔٹِتھ پننٕز مۆل واندرس ۂتی واتٕنچ سَند حأصل گٔرمژ۔ ژ۪ہتھ دتھ باسہِ لتس ہر کأنہہ پۆزوُن تہٕ بوزَن وأٹس میأنس وطنداًرس تی مانہِ مطلب یہِ مےٚ تہِ پأنس باسان چھُ، زِ أچھ وٕٹِتھ ہیکہِ اِنسان مچھِ تہِ نٔنٕگلِتھ۔



۲۳ر جُلے ۲۰۰۷ء

# وطن دار ییلہِ وانٔگج بنیوٚ و؟

یہِ کتھ چھےٚ عیسوی سَن ۲۰۰۰ ءِ دسمبرٕچ، تأریخ چھُمنہٕ وارٕ ژٕتس، یہٕ کھوٗتُس جوٗمہِ جوٚہل چوکہٕ أندرٕ أکِس کھٹارٕ میٹاڈارس۔ اَتھ أس پَتہٕ کنہٕ کوٗنجس اندر جایہِ رٕژھاموٗج، یِیٕتھن میانہِ جاگرافیک آدم وپٕتھ ہیوٚک۔ گرٕژھُن اوٗسُم جموں دوٗردرشنٕکِس سٹیشن ڈایریکٹر ٹأٹھِس فیاض شہریار صأبس نِش ملاقاتہٕ باپتھ۔ بی، سی، روڈس نکھٕ وأتِتھ کھٔرٕژ اتھ میٹاڈارس اکھ جوان، جسیم تہٕ شوٗبدار بٹہٕ کوٗرتہِ۔ یوسہٕ رُورکانہٕ تہٕ پلو پوشاکہٕ کِنۍ تازٕ مہرٕنۍ باسان أس۔ پَتہٕ روٗز باقین اُوَرلوڈ (Over Load) مردوزن، لوکٹن تہٕ بڈٕ ہن سوارہن ءِستی کھٔڑا۔ یِمہٕ سوارٕ مجبور یوٗ کِنۍ ژٕلنہٕ آسہٕ آمٕژٕ۔ بیٚیہٕ أسی یِمن مجبوٗر سوارہن ڈرایورٕسٕنزٕ بےڈھنگ آیہِ گاڑی چلاونہٕ کِنۍ اکھٕ أکِس ءِستی ٹھوٚلہٕ ٹھول تہِ گرٕژھان۔ یِمنےٚ اندر أس یہٕ کأشُر بٹہٕ کورٕہن تہٕ ہٕنٕہٕ آمٕژ۔ یہٕ وُچھِتھ کوٚرمے پٔنٕنۍ کأشرِ غأرتن ذہن تہٕ دِل سٕخ بےقرار تہٕ أمِس کأشرِ

کورِ دۆپم وولہِ سہ کوٗری یوٚتن میانہِ جایہِ بیہہ ژٕ ۔ یہِ بوٗزِتھ دِژ تمہِ حاٲرانگی اندر مےٚ کُن نظرِ تہٕ دۆپنم نہ حض تہی بیہو پننی جایہِ ۔ یہِ نہ حض چھنہٕ اسہِ اٲزی چی یاٲژ پریشانی ۔ یہِ چھےٚ اسہِ پرٕتھ دوہہ وُچھنہٕ تہِ پترِنی آسان ۔ مےٚ کوٚرُس سخت اِصرار تہٕ تتھ تتھٕ بیہناوِم اَتھ پننہِ موخصر جایہِ ۔ یہِ وُچھتھ ووٚن اٲکی جوان ڈوگرن بیٚیس واٲنسٹھ جموالس کُن ڈوگری بولہِ اندر، تتہِ ژٕھنکھ کڈِتھ تہٕ ییٚتہِ چھکھ ووٚنی ساٲنی جاے باٲگران ۔ یہِ بوٗزِتھ تہٕ سمجھتھ ووٚن مےٚ یمن کُن ”آپ نے ان کو بلایا اور یہ چلے آئے، ہم نے ان کو کشمیر سے نہیں نکالا بلکہ اِن کو گورنر جگ موہن نے وہاں سے بھگایا، میں نے اپنے وطن کی بیٹی کو ایسے طریقے پر بس میں لٹکتے ہوئے دیکھنا برداشت نہیں کیا، میرے کشمیر کی تہذیب وتمدن اور اخلاقی قدریں ہمیں ان ہی چیزوں کا تقاضہ کرتی ہیں، جو میں نے اس کشمیری لڑکی کو اپنی جگہ پر بٹھا کر کیا ہے“ ۔ یہِ بوٗزِتھ دۆپم اٲمی ڈوگرٕ جوانن یم چھنا تہنزِ کشیرِ ہنٛدی برہمن پنڈت، توے چھکھ نا یتھ یرتھ تہِ، مےٚ دۆپُس برہمن تہٕ پنڈت درجہ چھ یمن توہہِ ہنٛدٕ بن ہنٛدِ باپتھ بہ چھُس مسلمان ۔ تورٕ دۆپُن یم چھنا برہمن اَسِتھ تہِ ماز کھوان، بیٚیہِ سُہ تہِ ہلال ۔ مےٚ دۆپُس تتھ ستی چھنہٕ میانہ خیالہ کانہہ دھرمُک عمل دخل بٕلکہ چھُ سہ کشیرِ ہنٛدِ سرد موسمُک تقاضہٕ ۔ ماز پھوٚل تہٕ نوٗنہٕ چاے چھنہٕ وند کالس منزٕ رگن اندر رتھ شٹھنہٕ دِوان ۔ تٕو کنہ چھُ کاشُر بٹہٕ مسلمان ماز پھول کھینہٕ باپتھ مجبور ۔ امہِ پتہ ووٚن اٲمی غاٲر

شأیستہٕ نگتہٕ اکھ تہٕ یہٕ بوٗزِتھ مےٚ ژھوپے کرٕنی بہتر باسیوٗو۔

ترٛیٚیمہِ دوہہِ صُبحس آومےٚ سرینگر کرالہٕ یارُک اکھ بٹہٕ تعلق دار اہ پوشکر ناتھ جلألی ناوٗک ژھانڈان ژھانڈان ڈاک بنگلس اندر ریٚتہِ بہٕ ٹھہرتھ اوُسس کشمیر ٹایمز ہیتھ۔ یتھ اندرامہِ واقعہٕک شاندار اندازٕ سانین کأشرین شوٗژَن رِوایژن تہٕ بأے بندتگ تھٔکنٕ لایق مضموٗن اوس چھاپنہٕ آمُت۔

امی کأشری بٹہٕ مہاجرن دوٚپ مےٚ "تمہِ کورِ اوسُکھ ٹیلی وِجنہٕ کہو پروگرامو کنٔی میٹاڈارس اندر تہِ پرٛزنووُمت۔ سُے خولہٕ خطؤنتھ اوُسن گرٕکین یہٕ واقعہٕ وونُمت تہٕ تہندی ماسٹر بأے یُس پانہِ تہِ اکھ معتبر صحأفی چھُ لیوٗکھ تھٔکتھ کشمیر ٹایمز اخبارس اندر، یُس مےٚ توہہِ ڈالہٕ رٔنگی ستی اونُمت چھُ، سُے کأشُر تہذیب وتمدن تہٕ تمیز چھِ أسی وو پرتہٕ وانٕج سونچہٕ کنٔی راوٕ راوان۔



۳۰/جُلے ۲۰۰۶ء

# پتھ کالُک پُجاری تہٕ از کالُک عاشق

اکوٗہ دسمبر ۲۰۰۶ء برٛسوارِ دوہ صُبحس سپدی حکیم منظور صاب دِلہٕ ہِنٛدِس
أکِس نرسنگ ہومس اندر راچانک رحمتِ حق۔ اِنا للہ وِانا الیہ راجعون۔ حکیم
صاب أسی پٔتی موٗترِ ہوٚئریو پیٹھ شکر بیمارِ (ذیابطیس) سِخ پأٹھی آوٕری متی،
ییمہِ سببہٕ تِم توٚت تام متوأتر علاجس اندر تہٕ کٔشیر دواہن ہِنٛدِ استعمالہٕ کِنۍ
بییہِ تہِ واریہن دادٕن اندر رِہنہٕ أسی آمتی۔ اَمہِ سببہٕ اوس تِہنٛد اوزدوٗر جسم و
جان زن تہٕ ہرِدٕ واون ہٕرِتھ پوومُت۔ منظور صاب یوٚ دوے جسمأنی رنگہٕ
سبٹھاہ کمزور سپد نہٕ کِنۍ تِمن مجلسن تہٕ محفلن اندر رؤں نظرِ کِہٕ أسی یوان یِمن
محفلن اندر تِم بروٗنہہ تابان أسی آسان، مگر تِمہِ پتہٕ تہِ أسی تِم پننہِ عزمہٕ تہٕ ہمتہٕ
سٟتی گُنہِ گُنہِ خاص علمہٕ تہٕ ادبی محفلہِ اندر شأمل سپدِتھ پننین ادبی ہمسفر دوستن،
رفیقن سمکھِتھ پننہِ مخصوٗص تہٕ بیوٚن عالمانہٕ اندازِ فکر تہٕ بیانہٕ سٟتی ووندٕ باوتھ
کران تہٕ تِمن مجلسن تہٕ محفلن ہِنٛدی مرکزتہٕ زینت بنان۔ یِم وونۍ تِہنٛدِ
راونہٕ یادگار بنیأے۔ میون منظور صاب یُس پننہِ علمہٕ، ادبہٕ تہٕ ووستادانہ
اردوٗ تہٕ کأشرِ ادبٕک قداوار تہٕ ناماوار شأعر، ادیب، صحأفی تہٕ دأنشور أسِتھ تہِ
پننین یارن، دوستن تہٕ رفیقن سٟتی تِتھ کِنۍ ووتھان بیہان تہٕ رلان میلان أسی۔

یِی وُچھتھ اوس تٔہنٛزِ انسان شناسی تہٕ اخلاقی عظمتُک یقرار رفیقن سِوا تٔہنٛدٮ۪ن رقیبن تہٕ کرُن پیوان۔ حکیم منظور صأب اٰسی پننہِ شاہانہٕ تہٕ موخصر وأنسہِ ہنٛدِس اندس تام تہِ ذہنی طورتو قاتوڈٕلتھ، ہر رنگہٕ صحت مند تہٕ پھولونہٕ ڈیکہٕ، موٗلُل تہٕ رُت اِنسان تہٕ صاحبِ ایمان مسلمان۔ رب کرِنی تٔہنٛدی درجات تہٕ حسنات بلند۔ آمین۔ منظور صأب اٰسی پننہِ بلند بالاسوچہ معتبر فکرِ، پننہِ ڈھجل تخلیقی سرمایہِ کنٛز سأرسے اردُو دُنی یہس تہٕ برصغیر ہندو پاکستانس اندر تہِ پیٹھ کنہ پننٛز جاے شیرتھ۔ ماجہِ کٔشیرِ تہٕ کأشرِ ادبہٕ کس تأریخس اندر تہِ روزِ منظور صأبنٛ شناخت أکس ووستادِ فن کأشرِس قلمکارٕ سنٛدِ حثیتہٕ بیٛون تہٕ بدٕون، ہمیشہ ادبہٕ کس نبہٕ دٔندِس پیٹھ زوتان۔ تِچ سند تہٕ مثال چھِ منظور صأب پانے تہٕ اتھ شبقہٕ دعویٰ ہس آسن تِم پرٛتھ زمانس اندر ٹوکہٕ دٔلیل بٔنتھ ہمیشہ ادبہٕ کس سٔدرس اندر ریمبوٕ شکی پأٹھی پھوٚلان تہٕ پنُن مخصوٗص رنگ ژھٹان۔ منظور صأبُن موٗلُل فن تہٕ فنکأری مولہٕ ناون والین نقادن ہُنٛد قأفلہ چھُ وونی سکھران، یِم تٔہنٛدِ بسیار پاسل ادبی، صحافتی تہٕ علمی خزانہٕ أندرٕ تِم دُربے بہا ژارن تہٕ گارن، یِیمہٕ ستی تٔہنٛدی فکری تہٕ تخلیقی گوشہٕ تہِ گاشراونہِ ین۔



۷جنوری ۲۰۰۷ء

چھُ کوتاہ موخـتـصر یا دوٗر دُنیا چھُ ژھل بازا تہٕ اکھ سٔنٛز ژوٗر دُنیا

زُوکھ یوٗ دقرنہٕ وادن مال سوٗ میرکھ تہٕ تحلوٗ کنٛوٗ اکھ پیوٗر دُنیا

# آسُن پننُن ہبتھ چھےٚ زُوان

# کأشِر زبان، کأشِر زبان

پٔتِمہِ ہفتہٕ ییٚلہِ یہِ خوش خبر کنُن گییہِ زِ کأشرِ زبأنی ہِندِس ووستادِ دم، ڈیکہٕ بڈِس قدا وار شأعر، ادیب تہٕ نقاد پروفیسر رحمان راہی صأبس آو ''گیان پیٹھ'' اعزاز عطا کرنہٕ ،یُس ہندوستانس اندر علمہٕ ادبُک سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ اعزاز تہٕ عزت افزأیی ہُند یقرار چھُ۔ یہِ کتھ چھےٚ سٮ۪ٹھاہ خوش آیندٕ تہٕ حوصلہِ دِنہٕ واجیٚنۍ زِ کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس آو گوڈنچہِ لٹہِ امہِ عظیمُک سُہ صافہٕ گنڈنہٕ یُس کأشرِ ادبکس ڈیکہٕ ٹکہِ تہٕ جادو بیان قلم کار راہی صأبس عطا سپُد تہٕ یتھ پٮ۪ٹھ کشیرِ ہِند بوٗد ہبوتہٕ ادب نواز دوستو شأدی برتھ رأہی صأبس وزِھ وأنجہِ مبارک کوٚر۔ یہِ بوٗ زِتھ کرے یہِ اسہِ تہٕ موسم خراب آسنہٕ کِنی راہی صأبس ٹیلی فونہٕ کہٕ ذٔری مبارکھ کرِنچ سخ کوٚشش پوٚز

ٹیلیفون اوس کأشرِ زبأنی تہٕ ادبکو عاشقو یہِ ڈٕپ زِ تہٕ نالہِ متہِ روٗٹمت۔ خأرِ یہِ چھُ کأشرین تہٕ کأشرِ زبأنی باپتھ فال نیک زِ کأشر زبان آیہِ ہندوستان تہٕ برصغیرچین اہم تہٕ ڈٕکھی جل زبانن ہٕنٛدِس شمارس اندر اننہٕ۔

راہی صأب چھِ سانہِ کٔشیرِ ہٕنٛدی تمہِ درٕجکی بختہٕ بڑی تہٕ مقبوٗلِ خاص و عام یمو ادبکی تہٕ قلمکی تھکنٛی لایق کارنامہٕ انجام دِتھ تمہٕ سارِ یے سندٕ تہٕ تم سأری اعزاز حأصل کٔری یم تمو سِوا کأنسہِ تہِ کأشرِ زبأنی ہٕنٛدی لِکھأری از تام تہِ حأصل ہیٚکی نہٕ کٔرتھ۔ اتھ پیٹھ پزِ اسہِ سارنے کأشرین بالخصوٗص قلمکارن فخر آسُن زِ یہِ اعزاز کأشرِ زبأنی حأصل سپدنہٕ کنٛی سپُد اتھ کتھِ تصدیق زِ کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس چھےٚ ژٕتھ توژھ تہٕ ادبی سرمایہ پننِس ڈٕکھی جل بوچھس اندر موجوٗد یمہِ سٟتی یہِ زبان تہِ ہندوستان چین معروٗف تہٕ مقبوٗل زبأنین ہٕنٛدِس دأرِس اندر پننٕی جاے شیرتھ ہیچ۔ امہِ توأریخی واقہ تہٕ پزٕ تلہِ گرٛھن وونی تم ژھوچہِ نظرِ تہٕ پرٕسوچکی دأنشور تہٕ لِکھأری تہِ ہنا ژٕتھ دِنی یم یہِ ونان روٗدی زِ کأشر زبان ہیکہِ نہٕ وادی نبر پٔنن آسُن چُکاوِتھ یا کانٛہہ بوٗڑ مقام یا مرتبہٕ حأصل کٔرتھ۔ تمن تھٔزن ہوچھن کتھن روٗدنہٕ گیان پیٹھ ایوارڈ کأشرِ زبأنی میلنہٕ کنٛی وونی کانٛہہ وزنے۔ یہِ کتھ تہِ چھےٚ ژٕتھ دِنی لایق زِ موغل دورٕ پیٹھٕ از تام یوٚ دوے کأشرِس تہٕ کأشرِ زبأنی وارِیاہ ووگتہٕ تہٕ وٕلگٕتنٛی لٔگی۔ یوٚ زِ تہِ سورُے وبترِ تھ تہٕ پبترِ تھ تہٕ روٗزِ یہِ پٔنن آسُن ہٕتھ زندٕ۔ یوٚ دوے برٕ حأکمن تہٕ حکمرانن ہٕنٛد مادری زبأنین سرکأری

پٹھ ڈٲری ڈٔکھس تہٕ أس مگر تم تہٕ تہُند وق تہٕ تخ سوٗ رِتھ اوس تہنز زبٲنی ہُند سر یہٕ تہٕ مند بن لوسان ، ییمہٕ کنٕ نہٕ کٲشر زبٲنی پانس پیٹھی از تام گُنہٕ تہٕ وو پر زبٲنی ہنز پیٹھا ولی قبولے کر ۔ ییمہٕ یور تہٕ گژھنہٕ کٲشر زبٲنی پیٹھ کانٛہہ وقتی سازش یا یلغار کامیاب ۔ امہٕ زبٲنی رٔچھ پزٕ پأٹھی کٲشرِس تہٕ کٲشرِ زبٲنی امہٕ یرٕ تھ افزأیی زوٗم ، تہٕ راہیؔ صأبس ہو بن کٲشر بن گبرن پیٹھ روزِ ماجہٕ کٔشیرِ ہمیشہ ناز ۔

جنوری ۲۰۰۷ء



# 'آلوٗ' کھیٚوا تیٚلہِ ہالوٕ وِ ے

کأشرِ زبأنی منٛز شایع سپدَن وول مقبوٗل خاص و عام میگزین ''آلو''
آیوو کأشرٮ۪ن لِکھارٮ۪ن تہٕ کأشرِ زبأنی ہٕنٛدٮ۪ن ژُکھی درن ہٕنٛزِ سرکأری
حأکمن تہٕ افسرن ہِنٛز سبٹھاہ منت سماجت کٔرتھ بروٗنہہ کُن۔ تمہِ وِزِ آسی کُل
کٔشیرِ اندر بولنہٕ یوان بولیٚن اندر 'لداخ فونیا'، (بودھی زبأنی اندر) 'یوجنا'
(ہِنٛدی زبأنی اندر) 'پھلواری'، (پنجأبی پأٹھی) 'کشمیر ٹوڈے'، (انگریزی)
تہٕ اردوٗ زبأنی اندر 'تعمیر' تہٕ 'اطلاعات' مکتوب بیترِ محکمہ اطلاعات کہ پبلی کیشن
شعبہ طرفہٕ شایع سپدان۔ مگر کأشرِ زبأنی کُن اوس نہٕ کانٛسہِ تہِ اطلاعاتی
افسرس یا حأکمس کأشرِ پأٹھی تہِ کانٛہہ چیز اہ بروٗنہہ کُن انگ خیالہٕ
وۄتلان، ییٚتھ پیٹھ ییٚتہٕ چہِ ادبی تہٕ ثقافتی اُنجمنہٕ تہٕ اِدارٕ بار بار سرکارس قرار
داد پاس کٔری کٔری کأشرِ زبأنی ہِنٛز بٮ۪ن ورتاوٕچ نشاندہی کران تہٕ ہِتی اتھ
زبأنی اندر تہِ کینٛژھا شایع کرنہٕ باپتھ وِزِ وِزِ اِستدعا کران آسہٕ۔ امہِ
لِکھأری مُہِمہِ پتہٕ آیوو ''آلو'' ناؤک سُہ مأری مونٛد میگزین بارسس ییٚمی اِدٕ

سبٕتھۍ کم وقتس اندر لِکھارین تہٕ کأشر پرن والین منز مقبولیت حأصل کٔرِ۔

امہِ ''آلو'' میگزینُک سُہ اکھ ضخیم نظم نمبر آو ادبی حلقن اندر تیوٗت مقبوٗل تہٕ لگہٕ ہار مانہٕ زانہٕ یُس پرٛتھ کأنسہِ کأشرِ زبأنۍ ہندی قلم کارن تہٕ کأشرِ زبأنۍ ہنٛدی ژُکھی درن پننس کتب خانس اندر آسُن سبٕٹھاہ اہم تہٕ ضروٗری زون۔ تمہِ کی برکتہٕ ووت اِد آلو ہندوستانکین معروف تہٕ معتبر کُتب خانن اندر کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبُک پنُن سُہ موٗلُل تھز رتہٕ بجر ہیتھ یمہِ کہِ برکتہٕ کأشرِ زبأنۍ ہنٛدس ڈکہٕ ٹکہٕ تہٕ ووستاد زمان جناب پروفیسر رحمان راہی صأبس گیان پیٹھ ایوارڈ دِنُک اعلان کرنہٕ آو (یُس بھارتُک سارِوے کھوتہٕ تھوٚدتہٕ معتبر ادبی اعزاز چھُ مانہٕ یوان)۔ مگر یَتھ سانہِ کأشرِ زبأنۍ ووپروتہٕ ژوپرِوے یزتھ تہٕ قدر گرتھ باقے پاپر جاتہٕ یسلہٕ بولنہٕ ینہٕ واجنین زبأنین اندر پننہٕ سو جاے دِژ تیٚچ یہِ حقدار آس۔ ییٚہٕ اتھ زبأنۍ اندر یوٗتاہ پنُن آسُن تہٕ علمی تہٕ ادبی توٚژہ چھےٚ تہِ زأنتھ گرٕھی سأنۍ کأشری حأکم تہٕ محکمہ اطلاعاتکی متعلقہ افسر اتھ زبأنۍ ووتھ بوتہٕ پھولنہٕ باپتھ حسبِ ضروٗرت سگ تہِ دِنۍ۔ کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبس اندر یوٗتاہ از کالہٕ لٹریچر تہٕ لوکچہٕ بجہٕ بے شمار کتابہٕ چھےٚ چھاپنہٕ یوان تہِ وُچھتھ چھُ امہِ زبأنۍ ہنٛدین خامخاہ کین شتھرن تہٕ حأرأنی گژھان۔ خأر حقیقت یہِ آسہِ تتھ چھُنہٕ غرضکی مصلحتکی دیوار زیادٕ کالس ٹِکہٕ گِتھ پکان!

وق چھُ تہٕ مُجرادِوان یُس یِیمہِ حقُک حقدار آسہِ ۔ غرض مطلب چھُ
محکمہ اطلاعاتُک سُہ مقبول ترین کأشُر میگزین ''آلو'' گوٚژھ بغأرِ کُنہِ ذأتی
پسند یا ناپسندیدگی یک طرف ترأوِتھ بیٚیہِ شایع سپدُن ۔ یتھ شایع کرنہٕ
باپتھ کأشرِ زبأنی ہنٛد بو لِکھاریو تہٕ مخلص ژُکھی دروسبٹھاہ دِیٚ دور چھےٚ کرٕمٕژ ۔
بیٚیہِ اوس نہٕ ''آلو'' وُنہِ تیوٚت بُڑتہِ گومُت دِپہٕ ہو زِ ہیکِتھ سکتھ روٗ زِس نہٕ ۔
وومید تھاوو زِ امہِ محکمکی زِٹھی دِن نہٕ یِژھ اہم تہٕ قومی اہمیت کس معاملس
عملاونس اندر مزید کنہٕ ڈول ۔



۱۸/اپریل ۲۰۱۰ء

# بۂ کس ونہٕ بأگی یے لو......(الف)

ماہِ مبارککہِ گوڈنکہِ دوہ ییٚلہِ بۂ حسبِ معمول سبزی اَننہِ بازر دژاس، اَتھ وانس تل وُچھم امہِ دوہہٕ سخ برٕ بار۔ خیال گوم زِیہِ ماچھُ کانہہ وتنک ہنگامی خوجہٕ اول صیامے جنسہٕ رٕنگی زکوٰۃ بأگرنہِ دژ امُت۔ تمی آیہِ وُچھم سبزی وانس تل تھپہِ تھٕپھ تہٕ کرٕبکہٕ ناد۔ نزدیک وأتِتھ وُچھم پٔنِنی حق ہمسایہِ أمِس داندٕ رِس ونان "ہُہ کلو، یہِ کلو، زٕ کلو" تم چیز رٕٹِتھ پرٛژھان کوٚت سأ وٚتے؟ تم پوٚنسہٕ گنٛزران تہٕ ژلان۔ داندرِس ییٚلہِ میٚہ کُن نظر پییٚہِ زن پھیوٚ رُس آوُلن، دوٚپنم تہنٛد کیا حض حکم چھُم۔ مے پرٛژھُس ٹماٹر کلوٕ کِتس؟ تورٕ دوٚپنم یہِ تہِ چھا پرٛژھنٛچ کانہہ کتھاہ، یم سأری ییٚتِس چھِ نوان، توہہِ تہٕ رٹوٚ تیوٚتے، میون اصرار بوٗزِتھ دوٚپنم ٹماٹر حض گٔنی پٔنژہہِ روپیہ، گری تو حکما۔ توہہِ کیا چھُ تھاوُن۔ پرٛژھمس ہاکہ کلوٕ کِتس؟ دوٚپنم وُہَن روپین، دوٚپمس راتھ کِتس نیوٚم، تورٕ دوٚپنم ژٕ ٹھ حض راتچ کتھ۔ راتھ أس دُہلی کھأوی، ازچھِ

روزدأری...... یتھ رٕتِس رتبس اندر کتہِ حض چھےٚ زیادٕ کتھٕ کرنہِ بنان۔
مولوی صأبن دوٚپ زیادٕ کلامہٕ کرنہٕ ستی تہِ چھِ دُہلی کھاو گژھان۔ روزٕ
دأری کالہٕ اوسمَس ٹماٹر پنداہ روپیہ تہٕ ہا کہٕ کلوتہِ پنڈٕ ہن روپین ہیوٚ تمٕت۔
یہ بوٗزِتھ گیہِ میٚہ پزٕی پأٹھی بولتی بنٛد۔ اکہِ طرفہٕ وُچھِم پنٕنی حق ہمسایہ تھپہِ
تھپھ کٔرتھ زن تہِ تِتھے سبزی نوان، دوٚیمہ طرفہٕ اوس ماہِ مبارکُک دٔسلا بکٕے
دوہہ۔ مےٚ بیوٚٹھ پانس تہِ زیوٚ زنتہٕ شاپھ، زِبہ کیا سنا کرٕ یتیٚتھن۔ أتھی میانہِ
سونچہِ کِس آوٕلنس اندر گوٚردانٛدروان خألی۔ تہٕ بہ اوُسس أتی شش پنجس
انٛدر روونی پانس تہِ منٛدٕ چھان زِمےٚ کیاہ اوس کرُن؟ مےٚ اوساتی کرُن یہِ
میانو سارِوے ہمسایوتہٕ محلہٕ والیو کوٚرمُت اوس۔ یُس چیز یتِس وۄنٛتھ
تہِ دِتھ دزاے پانس پانس سأری۔ کِنہٕ مےٚ اوس أمس خلاف کانٛہہ قدم
تُلُن زِ ٹماٹر کلوٚہس کِتھٕ کٔنی کھاجہ أمی داندرن کالکِس پکٕہِ علاوٕ داہ روپیہ تہٕ
پانٛژھ روپیہ ہاکس۔ یہِ کرٕژھ غلہٕ دأری تہٕ بے انصافی اَس اَسہِ ستی
سپدان۔ نہ اَسہِ کتہِ صرف تہٕ مےٚ ستی۔ تم سأری کم اَسی یمو نہٕ کُنہِ
چیزس تہِ کانٛہہ چُکاوُمکاوٕ ے کوٚر۔ یہِ سوال کوٚرمےٚ داندرس۔ دوٚپمس ہیا
قأدرا کوتاہ بلیک خور (black marketeer) چھُکھ، کانٛہہ خوفِ خدا ہے
روٗدُے نہٕ۔ "تورٕ دوٚپنم تہِ پرٕژھن حض پزِ تِمن یم سرکأری خزانہ لُٹأوِتھ
بنگلن تہٕ موٹرن انٛدر عأشا چھِ ژٹان۔ ییٚہ چھِ تِمے مسجدن تہِ استانن
چوٗدری بٔنِتھ نعوذ باللہ خدا صأبس تہِ چھتل تُلان۔ میٚانٛی ٹماٹرن کھوٚلے

خوامخواہ نوزُک مزازس ژوکبر ۔ ژٕے بغأرکٕمۍ حض گرِ یژھ کتھاہ زِ گُس چیز کِتِس چھُ ۔ نیگھ ژھوپہٕ دم گرتھ سبزی تہٕ دڑاے خدائیس حوالہٕ پٔنِنس کامہِ کارس'' ۔ یِی وٕنِتھ بیوٗٹھ غلتانہٕ گٔنڑ راونہِ ۔ پڑھ گرِ وادِ توٗگم نہٕ اَہنٛدِ وانہٕ تلہٕ تہِ نیرنُے ۔ دوٗہم گرژھ تھانس فٔری یأدی ،تم ہٕنٛس پٔنُن حصہٕ تہٕ تراونس یَلہٕ ۔ وَنہٕ نرخ ڈٕنجہِ تھاون والین تم دِپنَم ریٹ لسٹ چھُ اَسہِ کوٗ ڈمُت ،تمہِ علاوِ دیُن چھُ جُرم ۔ لاگہٕ ژھرے کرٛبکھ تہٕ تنَم پٔنٛنۍ زأنۍ کأریے تہٕ دپنَم ژٹھ ووں کتھ اَمۍ بچأری کیاہ خطا کوٗر ،ییٚتہِ گس سنا چھُ مسکینن تہٕ نادارن ہُنٛد انصافا گرژھان ، یُس تہِ اکھا ظُلگار بٔنتھ بیٚین زور زبردستی تہٕ ظُلم چھُ کران سُہ چھُ ادِ پانہٕ تہِ دہَن جاین مظلوم بٔنِتھ دَم پھُٹ گرژھان ۔ مہ حض آس بازر نیرتھ پٔنُن پان عأجز کران ییٚتہِ نہٕ حض انٛدِ ووٛنۍ سانہٕ زوروکاتھہ تہِ نیاے ۔ یہِ حض چھِ گأمژ کتھا ۔



# ژٔور گیہِ ننگہٕ، ہنگہٕ تہٕ منگہٕ

''وقایع کشمیر'' ناوچہِ فارسی تواریخی کتابہِ اند رچھُ مورخ مفتی محمد شاہ سعادت صائبن یہِ اکھ واقعہ تہِ درج کۆرمُت زِ کُنوٚہشتھ ہَس اند رچھُ بڈٕ مہراج پرتاب سنگھس اننت ناگ ضلعکہِ مٹّن وُڈر گامہٕ پیٹھٕ تتِکی کینٛہہ گامہٕ زِٕھی سمکھنہٕ آمتی زِ تمن چھُ کنجہِ علاقس اندر روزنہٕ سببہٕ رہتہٕ کالہِ چینہٕ وانٛچ سکھ کمی تہٕ قلتھ سپدان، تمہِ باپتھ گۆژھ تمن مٹّن وٕڈِر گامس اندر سرکارکہِ طرفہٕ اکھ کھُوہ یعنے کیۆر کھننٕکی احکامات جأری کرنہٕ ینٛی۔ یہِ بوٗزِتھ کۆر مہراجا پرتاپ سنگھن اتہِ کھوہ کھننہٕ باپتھ اکھ ہتھ روپیہ خرچ کرنُک حکم جأری۔ یُس امہِ گامہٕ کِس موقدس حوالہ کرنہٕ آو زِ سُہ کھننہٕ ناوِ گامہٕ والین ہنٛدِ باپتھ کیۆر، ییمہِ سببہٕ تمن تہٕ مزٕ ورِدوہ بیٹہِ۔ امہِ واقہٕ پتہٕ ؤری جوراہ سپدِتھ چھُ مہراج صأبس امی گامکی ییٚہ نفر ژومبر بِداد ہیتھ یوان زِ مہراج صائبن یُس کھُوہ مٹّن ؤڈر گامس اندر چھ کھننہٕ نومُت تتھ گوژھ أنٛدی أنٛدی چوکاٹھ

گنڈ ناونہٕ یُن ، تکیاز اتھ اندر چھُ انہِ گٹہِ اندر گاہکی چو چار واے بیترِ
پھٹان۔ یمہِ کنِہ اد گاہی گام چھُ پریشان گژھان۔ تحصیلدار صاٗبس نش گامہٕ
والین ہُنٛد یہ جائز مطالبہ منظور سپد تھ چھِ اتھ جنگلہٕ دِنہٕ باپتھ تہٕ پنژاہ
روپیہِ منظور یوان کرنہٕ ۔ یمہٕ روپیہِ تہٕ چھِ یمنے گامہٕ والین حوالہٕ یوان
کرنہٕ ۔ امہِ جنگلہٕ دِنکہِ واقہ پتہٕ وٕری کھنڈ گژھتھے چھےٚ بیا کھ چھو کھاہ گامہٕ
چوٗکی در ہتھ مہراج صاٗبسے بداد ہتھ گژھان زِ مہراج صاٗب ، سأنس گامس
اندر آوزٕ ژور وٕری بروٗنہہ تہنٛدِ حکمہٕ کھوہ کھنہٕ ناونہٕ ، تمہِ وقتہٕ اُسی اسہِ تیأرۍ
رہتہٕ کالہِ ترپیشہِ ہنٛز کمی سپدان مگر مہراج صاٗب تیأرۍ چھِ شاہ کول تہٕ پکان
یمہِ کہ برکتہٕ اسہِ تیأرۍ آبہٕ مالین چھُ بدست ۔ از چھُ سرکارسون بدادیہ زِ
سُہ کھوہ گوٚژھ ووٗنی پُرونہٕ ینہٕ باپتھ حکمِ سرکار جأری سپدُن۔

یہِ بوٗزِتھ بڈٕ مہراج پرتاپ سنگھس خبر کیا زأنتھ ژکھ ہش کھٔژ تہٕ
دربارس اندر موجوٗد تحصیلدارس دیوٗتُن حکم زِ داہ روپیہِ ڈبل دِیُو یمن گامہٕ
والین یم پُروَن سُہ کیوٗر ووٗنی پانے ۔ امہِ پتہٕ ییلہِ یمو گامہٕ والو نیرُن
ہیوٚت بڈٕ مہراجس آو اقبال شاہی کنِہ خیال زِ کیوٗر پُروُن کیا زِ چھ مجبوری ،
روٗزی تن موجوٗدے ، گُنہ تہٕ وِزِ چھِ آنچ کمی سپدان ، تمہِ وِزِ ییکھ درکار ، بڈٕ
مہراجن پرٛژھ یمن یہِ کیا زِ چھُ پوٗرُن ضروری ، تمو وونُس در جواب مہراج
صاٗب سُہ کھوہ بنیو وتھ علاقس اندر ووٗنی عداوتھ تہٕ دشمندأری ہُنٛد سبب تہٕ
یَس تہٕ گامہٕ وأرِلس کأنسہ ہُنٛد کانہہ تہٕ عداوتھ چھُ گژھان سُہ چھُ تہنٛدی

کٹھ ، کوکر ، چار واٚی بیترِ اَتھی چھس اندر پھاٹوان ۔ یہِ بوزتھ کوٚر بڈٕ مہراجن تژ اہہ تژ اہہ تہٕ گٹوالہِ شہرس کوٚرُن حکم زِ ژ گژھ تحصیلدار وغاٚر ہیتھ اتھ گامس اندر تہٕ کر موقہ ملاحظہ تہٕ تتھی مجرم کڈ یوٚکھ ونہِ تہٕ دیوٚکھ سزا ، کیوٚر پوٗرُن چھُ مہا پاپ ، سُہ تھاٚویون محفوظ ۔ امہِ پتہٕ چھِ مہراج صاٚبنہِ حکمہ سرکاٚری افسر تہٕ اہلِ کارمٹن وٕ ڈر گامس اندر واتان تہٕ تحقیقات کٔرتھ چھُ معلوٗم سپدان زِ اتہِ چھُنہٕ کانٛہہ کیوٚرُے کھننہٕ آمُت ۔ یمو کھڈ پنچواٚس یہِ جعلساٚزی ہٕنز اکھ چالاہ چلاوِتھ مہراجس گوڈٕ ہتھ ڈبل ہیوٚتمُت ، ییلہِ اتھ مالس گامس اندر وٕژھ گیہِ تمہ دوٚپکھ تہٕنٛدِ باپتھ ہموس جنگلہِ دِنہٕ باپتھ کانٛہہ رقمہٕ ۔ تمن پتہٕ گاٚکھ بیٚیہِ نفرشبٕ مرِ تمو دوٚپکھ یہِ کیوٚر گژھِ پرٕ ونہٕ یُن یتھ پیٹھ مہراجس شک سپُد تہٕ لوٚگ گاٚمی گامس رٕزٕ گزنہٕ کرِکھ تم ساٚری جعل سا گرفتار یمو یژھ فند لِی بارسس اَنتھ مہراجس ترٛہن قسطن اندر اکھ ہتھ تہٕ شیٹھ ڈبل مورِ مژہ آسہٕ ۔ امہِ ٹھگلہِ ہنٛدِ واقہ پتہٕ اوس بڈٕ مہراج پرٛتھ کُنہِ عواٚمی مطاٚبک تہٕ فٔری یادُک گوڈٕ پُلسہ ذٕری یہِ تحقیقاٚتی رپورٹ طلب کٔرتھ منظوٗری دِوان ۔



# تقدیر چھُ اِنسانس، وُسن منز ماٗدانس

عاٗلی کدل علاقہٕ کِس محلہٕ راہ باب صاٗبنس محلس اندر اوس غلام قادر ڈار عرف قاٗدر تبردار ناوُک اکھ نامدار پوٚ رمُت لیوٚکھمُت تہٕ بڈٕ زیرک شخصاہ روزان، تیمیٚ کنُوہ شتھ پنٛژٕ ہس (۱۹۲۵ء) اندر مڈل پاس کوٚ رمُت اوس، مگر سرکاٗری نوکری ییٚٹھے لیس نہٕ۔ اِکنہِ زِسہ اوس قاٗدر جو۔ جُوُوک مطلب اوس کاٗشر بوٚ بٹہٕ بایوکم ذاتھ، رٕ ذیلہٕ تہٕ کمینہٕ بناٗ وِتھ ڈوگرٕ مہراجن نِش گُنہِ تہِ سرکاٗری قلمی کامہِ نِشہِ محروٗم کرنو ومُت، جوُوک پوٚت منظر چھُ پتٕی مِس أکِس مضموٗنس اندر وبرٕ ھناونہٕ آمُت۔

ییٚلہِ نہٕ قاٗدر جُو وَس کانٛہہ سرکاٗری نوکری حاٗصل سپزی۔ تِمیٚ تُج یا شاہ گُرتھ بڈٕ تبر تہٕ دژ او زیُن پھالِونہٕ۔ یہِ وُچھتھ سپدی علاقکی لوٗکھ شرمندٕ تہٕ حاٗران زِ کاٗژاہ ناانصافی چھِ یِم غاٗر مسلم ڈوگرٕ حکمران کاٗشرِ بن مسلمانن ستی ورتاوان۔ خاٗر وق چھُ ژلہٕ وُن ذٕری یاو، یُس نہٕ پوٚت نظرٕ ے چھُ دِوان۔ خواندٕ غلام قادر ڈارس بنووُ وقتچہِ بے قدری تہٕ ناانصافی قاٗدر جو۔ سُہ گاٹُل تہٕ وق شناس کاٗشُر محنت کش موہنیوٚ پیاریونہٕ نقدترٕ آوِتھ نصیبس۔ سُہ وس دوہس زیُن پھالوان تہٕ یزتہٕ سان پنٛن ٹبر پالان۔ دوہانیو وقاٗدر جو

آوا کہِ دوہ سون گرٕ تہِ زِیُن پھالونہٕ۔ اتہِ پرٛژھس میأنی زِٹھی پیترٕ ن غلام نبی شہن (مالدار)، یُس پانہٕ تہِ کم کاسہٕ فارسی خوان گاٹُل تہٕ زیرک اوس، قأدر جُوا پرِتھ لیکھتھ کمۍ سنا چھُکھ ژٕ مزوٗرِ لوگمُت؟ وقتچہِ بے قدری یا کنہٕ پننہِ بدبختی''۔

درجواب چھُس قأدر جوون وونمُت ''ڈیکہٕ لأنسے چھےٚ کھُری کانگر آمٕژ''۔

نبہٕ صأبن پرٛژھس ''تہِ کیا سنا''؟ قادر جوون دوٚپُس ''مےٚ حض کریوو خدا صأبس نِش یہِ بداد زِمےٚ خواندٕ موہنوِس کیاز پِشرِتھأ رِکس مئٹِ ناخواندٕ سنٛز یہِ اولہٕ دولہٕ کأم، تبر دأری''۔ خداصأبن وونُم تورٕ ''قأدرا، مےٚ ہساوون تقدیر رِکس ملأ یکس چانہِ زہنہ گرِ قأدرس لیکھ قلم تس گوٚو بوزنس اندر روشفہٕ تہٕ پچھنےَ مکرٕ''۔ مےٚ پرٛژھس ''اگر ملکن ادلہٕ بدل بوٗزِتھ یہِ اُٹر کوٗر، یہِ چھا مےٚ تیٚلہِ پہترٕ ن تہٕ خداصأبن وونُم ''تمۍ بوز قلمہٕ بدل مکرٕ تکیا زِمکرِ تہِ چھُ شیسترٕ و پیوٗت تہٕ دَن ہچو آسان'، قلمس تہِ چھِ نب (nib) شیسترٕ و تہٕ ہولڈر (holder) ہچو آسان یوہے پھیرِ چھُس سپُد مُت۔ مےٚ پرٛژھس خداصأبا اگر چأنی ملکن غلط بوٗزِتھ میأنس لأنس کھُری کانگر أنی، تیٚلہِ کتہِ چھُ سہ مَلک آسنگ حقدار۔ امہِ خطہک سزا گوٚژھ تس دِنہٕ یُن مگر پہتران چھُس بےٕ۔ یہِ بوٗزِتھ دوٚپُم خداصأبن: ''قأدرا یژھ غلطی کنی چھُنہٕ سُہ پرٛزی پأٹھی ملکوٗتس اندر روزنُک حقدار! یہِ بوٗزتھے وونُس مےٚ ''میانہٕ ٹاٹھِ خداصأبا کڈتن سُہ مَلک تیٚلہِ ملأ یکن ہنٛدِ قبیلہٕ اندرٕ دیو مےٚ تہٕ تسلیا ہیوٗ گژھِ ہے۔ تورٕ دوٚپُم خداصأبن ''قأدرا أمِس بروٗنہہ سہٕ گرٕ کرِ ہم تہٕ بدٕ مرٕ کِی ملکن یعنے عزازیلن آدمس

سجدٕ دِنٕچ میانہٕ حکمچ عدوٗلی ییتھ پٔتھ سُہ عالمِ ملکوٗتہٕ أندرٕ تمہٕ وِزِ خارج کوٚرتہٕ
ترایوو۔ییتھ حسیٖن تہٕ پُر امن بُترأژ پٔتھ۔ تمہٕ تُج تٔمۍ اتہٕ تہٕ ووژراٹھ۔ ییتھ
اندرسوُرے عالم بشر ییتھ ولنہٕ تہٕ وُٹھنہٕ چھُ آمُت۔ ووٚنی اگر یہٕ تقدیر لیکھن
وول دوٚیم ملکھ تہٕ غلطی کرنس پٔتھ ییتہٕ کڈِتھ ژھنون یہٕ رَلہٕ تتہٕ تسٕی ابلیس
سٟتۍ۔ پتہٕ کیٛاہ کیٛاہ بٔنِ راون، تہٕ چھُ اِتو ہی وبٕرُن تہٕ پبٕرُن۔

یہٕ بوٗزِتھ دوٚپُس مےٚ بڈٕ ادبہٕ تہٕ عاجزی سان۔ خداصأبا" یہٕ چھُ چانہٕ ہیٚرِ مہٕ
عالُمک ماملہٕ سانہٕ بٔنمہٕ عالُمک پایاہ تہٕ کر۔ یہٕ بوٗزِتھ گوٚو اورٕ بییہٕ ندا، عبدالقادر مےٚ
چھُ رحیم تہٕ کریم پٔنُن آسُن، ژٕ مَہ گژھ ناوومید، ژٕے کوٚرتھ ووٚنی ہمتُک تہٕ
محنتُک۔یُتھ پیشہٕ قبوٗل، أسۍ چھی ژٕے اتھ پٔتھ سبٕٹھاہ رأضی، ژٕے سٟتۍ سپٕز مٕژ
زیادتی عوض دِموچانٕن اولادن، زُرٕن امیُک رُت عوضانہٕ ییلہٕ ژٕ تم ساری تعلیم
پرناوِکھ تم سپدن علمکہٕ نورٕ سٟتۍ منورتہٕ چون بروٗنہہ کال سپدِ نورأنی تہٕ پارٕ جامےٚ
حض کُرنہٕ صأب خداصأبنس أتھی فرمانس پٔتھ عمل تہٕ پننۍ ساری اولاد کوٚرِتہٕ نچوی
چھُسکھ پرناوان۔ وومید چھُم زِ خداصأب کرِکھ محنتُک رُت معاوضہٕ عطا۔

یہٕ چھس ذأتی طور عزیز جونہٕ امہٕ عملی حقیقتُک چشم دید گواہ۔ زِ اوہند زٕر
اکھ اوس مےٚ سٟتۍ تہٕ پرٕان یُس انجینیر بنیوو، بیا کھ زُراوُسس ڈاکٹر۔ عزیز
جُون اکھ نچو اوس پرنسپل، کوٗرأ سِس ٹیچر۔ پوٚز تہُند سوُرے ٹبر اوس پٕژی
پأٹھی قأبلِ، زیرک تہٕ گاٹلی بییہٕ خوانده۔ یہندی شُری مُری ازِ تہٕ سبٕٹھاہ قأبل تہٕ
بڈی بڈی افسرأستھ عزیز جونہٕ فرضی مثلِ موتبر مثال چھِ۔

# ہاپتھ وولا آنگن ژاو

مرحوم سیف الدین مخدومی (مخدوم منڈو کلاشپور) اوس شیخ محمد عبداللہ سٕندی یوگوڈنکو ہم خیال تہٕ ہمسفر نیشنل کانفرنسیومنٛزٕ سخ بُتھی پھیُر تہٕ بہٕ انصاف مزاژُک نفر آسنہٕ کِنۍ ۱۹۴۹ء اندر حلقہ صدر خانقاہِ معلیٰ بناونہٕ آمُت، اُتھی حلقہ پریذنڈی ہنٛدِس دورس اندر اوس اَمی کیا ہتام تِیُتھ سنگین اثرا کۆرمُت یمہِ کِنۍ یہٕ تِتھس خودسر حکومتس اندر تہٕ امہِ عوہدٕ نِشہِ کڈٕتھ اوسُکھ ژھنمُت ۔ یہٕ واقہٕ چھےٚ شخصِ مذکوٗرن کینٛہہ ؤری بروٚنٛہہ خانیارٕکس پنٛنِس اَکِس معروف سمأجی تہٕ صوفی مزازٕکس بزرگ خواجہ غلام محمد بٹ صأبنِس دیوان خانس اندر پانہٕ وۄنمُت "دۆپُن ییٚلہِ شیخ صأبن کیا ہتام میون ادلہٕ بدل بۄزِتھ امہِ حلقہ صدری ہنٛدِ عوہدٕ پٹھ بہٕ وۄلُس تہٕ چھُس گرِ ژۄرِ بہتھ سخ دِیان زِ پانا حأکم اَسِتھ گوکھ محکوم۔ کأنسہِ روٗدُکھ نہٕ بُتھ ہاوُن لایق ۔ یہٕ کموٗ شتھر وۄہوی تہٕ دۆپ ہے یِی گژھنے ۔ خأر اَتھی نامراد تہٕ پریشأنی ہنٛدِس حالس اندر گۄذریے زٕ ترٛے رٕتھ ۔ پۆز وننہٕ مانٛکشم خدا صأب تَمن گُنہن، کنوٗہ شتھ ارتأجی پیٹھ ترٛ ونزٕہس تام اُسی نی کأشرِ عواچ

اکثریت شیخ صأبس تہٕ تہندِس حکوٗمتس سخ بے زار گأمتۍ ۔ وونۍ أسِس
تقریر بوزنس تہٕ نیشنلی ورکری یأتۍ آسان بیٚیہٕ کینٛہہ سرکأرۍ افسر پننہٕ عوہدٕ
دأری ہنٛزٕ وٕ مجبور یوٗکنۍ، عام خام اوٚسس رٕوٗشتھے ۔

دوٚپُن أتھی گر یہہ ژار کِس سمیَس دوران ژاو ہاپتھ وولا اکھ سائنس
ہنٛگنس اندر ۔ یَس پٔنٛزی بچہٕ ہناتہٕ نکھس پیٹھ آسی ۔ ڈابر وایان وایان
کرنووٗن گوڈ ہاپُت بچور کم کم ژھرٹھ تہٕ نچرٕ تہٕ تمہٕ پتہٕ نژنووٗن پٔنٛزی بچہ
چھٕٹہٕ دٔج کلس دِتھ ، یَس بچہ کُٹ ہنٛدِ آیک پیشوازٕ تہٕ لأگتھ اوٚسُن تھووُمت ۔
دوٚپُن یہٕ تماشہ وُچھأنۍ آومے خیال زِ شوٗٹھ ہنٛزٕ پریشأنی لوٗگ ہاپتہٕ ہنٛدِ
برکتہٕ شاید انٛد بوٚر ۔ تماشہٕ موکلاوِتھ کھیوٚوم ہاپت وول یَڈ بٔرتھ بتاہ تہٕ دوٚپمس
ژٔے چھُے مے ہتی وونی کامہٕ پھرادیُن، تمہٕ پتہٕ دِمے یَڈ بٔرتھ بخشأیش،
بوزمُت اوٚسم امی دوہہٕ دِگرس بأگی چھُ شیخ صأبس أمرا کدلہٕ أزی کِس
بڈ شاہ چوکس اندر تقریر کرُن تہٕ بوزن وألی کھالکھ بہٕ از یورے لِس یمے
ہاپتھ وألس پتہٕ پتہٕ ، پکن وألی ہنگامہ پرست تہٕ ''تلاوُ چھوٗ وألی لوکٹ بڈٕ
تہٕ سجاو کھ شیخ صأبس بروٗنہہ کنہٕ ، تہٕ دژاس گرِ ۔ پیرٕ سُنٛد ناواہتھ ہاپت وول
ترٕووٗم بروٗنہہ کُن تہٕ پانہٕ رٕوٗدس پتہٕ پتے پکان ۔ پژھ گرِی زِ تتھ وقتس یمہٕ
کنۍ مے سُہ سیأسی گرٕہُن ژوٚل ۔ گرِ نیرنہٕ پیٹھٕ لال چوک تام پکی ہاپتھ
وألِس ہتی زٕ ژور ہتھ لُکھ یمن اندر شُری ، بڈٕی تہٕ زنانہٕ تہٕ شأمل گیہٕ ۔ وتہٕ
ہیوٚتُم مونجہٕ گوٗلی سیر اتہٕ تلہٕ قرہ سیر جوارتہٕ ۔ یمے چھٕس لوکٹن بڈٕہن وتہٕ

وتہٕ پھوٚلاہ پھوٚلاہ بأگران ۔ موخصر بوز واتہٕ نووُم یہِ انسان شکلہِ تیٚر کھوٚل پننس منزلِ مقصودس تام ۔ اتہِ ییٚلہِ یمو لکُو سٹیج، ڈیڈٕ تہِ واوِ مالہِ بیترٕ تہِ وُچھِ یم تہٕ ہیٚتھی تہہ تہٕ ہاپتھ وول لاگہٕ نووُم اتھن تہٕ بیٚیہِ نغمہ تہٕ روپیہِ جورا دِژمس تہٕ کوٚرُم روٗھستھ ۔ یتیس کالس اندر آو شیخ صاب، تٔمی ییٚلہِ اتھن خلافِ ماحول لگن ہنٛد جم گٹھاہ وُچھ سُہ گوٚو سیٹھاہ خوش تہٕ حأران تہِ، ہیتی لۄکہٕ کتھ رٕنی چھِ ازیٚتین مےٚ بروٗنہہ کنہِ جمع گأمتی ، ڈٲریاف کٔرتھ بوزُن زِ یم چھِ مےٚ سیف الدینن سوٚمبرأوِتھ أنمتی ۔ دوٚیمہِ جلسہٕ موکلِتھ گرٕ ھِ سیف الدین مےٚ ضرٗر سمکھاوُن ، تی سپُد تہٕ اتھ جلسس اندر کوٚرُن تقریرس اندر جومہِ کس پریم ناتھ ڈوگرس تہٕ تہنٛزِ فرقہ پرست تتھ سیأسی پارٹی یتھ (پرجا پریشد ناواوس) سخ مذمتھ تہٕ روبہٕ داب ۔ تٔمی اوس امہِ بروٗنہہ جومہِ أمس خلاف تقریرس اندر سخ اُلٹاپلٹ وٚونمت ۔ تقریر سپدِتھ گوٚسس بروٗنٹھ کُن تہٕ کٔرمس سلام تہٕ اسہِ وُنہِ ہونجہ دوٚیمِ مجاہد منزل واتن، تتہِ کوٚرنم گوڈٕ اٚ کتھ مأ کتھ روبہٕ داباتہٕ پتہٕ دوٚیمِ پننہِ حلقچ حلقہٕ دأری گرٕ ھِ ذمہ دأری سان نکھِ وائنیٚ ۔ یہِ کمال ہیوٚک میأنہِ کشیرِ اندرٕ کی ہاپتن تہٕ پٔنژی نخرو کٔرتھ ۔ ژھٔھم کیاہتام شأعری تہٕ دأنشوری چکاوان ۔ سوٗ گی یتھ مُلکس منٛز پانسےٚ بکار ۔



# ظُلم کتھ ڈۓپ زِ

دوہہ اکہِ ژاوریاستی انفارمیشن ڈیپارٹمنٹک جوینٹ ڈایریکٹر محمد مظفر احمد خان کلچرل آفَس اندر اکہِ بہاریابٲچ رہرسل وُچھنہِ باپتھ۔ اتہِ ؤتھی مے ہِتی سٲری ملازم فنکار سرکٲری قٲید قونوٗنہٕ مطابق اُمس افسر مجاز ہُندِس احترامس منز تھوٚد۔ مگر اکھ سیٚو دساد فن کارئُس عام اِنسانن ہُندِ قدٕ کھوتہٕ دراز ے پہن اوس وۄتھ کُرسی پیٹھ یہ ڈۓپ زِتہٕ زن دون ترہن قسطن منز تھوٚد۔ افسرس باسیوو اُمس زن گوٚو تھوٚد دوٚو تھُن بارِ گران ہیوٗ۔ اگرچہ سو کتھ اُس نہٕ۔ مظفر صاب بیٚلہِ ریہرسہل وُچھتھ پننس کمرس اندر ژاو تتہٕ کوٚڈُن اُمس فنکار ملازمس ڈِسپلن شکنی پیٹھ معطّلی ہُند آڈر۔ یہِ بوٗزِتھ پھیر اُمس ملازم فنکارس بُتھِس لیدرٕ ژھٹھ، بیٚیہِ ؤژھس ہیرِ بونہٕ پانس تھرتھرٕ تہٕ۔ یہ اوہند حالِ بد وُچھتھ دوٚپ مے سارِوے ملازِم سٲتھیو زِ صحبس کرتہٕ سانہِ طرفہٕ زارٕ پارٕ یتھ تم کرہن اُمس یہِ خطا معاف۔ یہ اوٚسُس امہِ وقتہٕ اتھ کلچرل آفَس اندر یمن فن کارسٲتھن بحیثیت پروڈیوسر پروگرام افسر ہِندِس عوہدس پیٹھ کٲم کران تہٕ مے تہٕ گوٚو پننہِ جایہِ مظفر صاٮ۪بُن یتھ

آڈر کڈُن مشکلے پیٚہن، تکیازِ اَمِس خطا کارس اوس نہٕ امہِ غلطی ہُنٛد کانٛہہ علمے تہٕ نہٕ احساسے۔ اَمی جذبہٕ سان ژ ایوس بہٕ صحبہٕ سٕنٛدِس کمرس انٛدر، تس یِیہ وَننہٕ زِیہٕ فنکار چھُ ان پڑھ، سیوٚد ساد تہٕ سرکاری قأیدٕ تہٕ قونوٗنہٕ نِش بلکل بے خبر۔ توٚ کٔنہ گوٚژھہ نہٕ یہِ معطل کرُن۔ صحب اوس امہِ وِزِ کلہٕ بوٚن کٔرِتھ تراوِتھ کیا ہتام لیکھان۔ میون کمرس انٛدر اژُن ژیترُن، پوٚز کرسی پیٹھ بیہنُک اشارٕ دیُتنم نہٕ کینٛہہ۔ یہِ مےٚ امہِ وِزِ اوہنٛد یتھ وطیرِ خلافِ موموٗ لے باسیوٚ و۔ کینٛژس کالس روٗدُس بہٕ تہِ تھٔزی کتھِ آکرِ کٔنہ کمرس انٛدر کھڑا۔ پتہٕ ییٚلہِ مظفر صأبن لیوٗکھمُت کاکُد فایلہِ انٛدر بنٛد کوٚر تہٕ مےٚ کُن چشمہٕ تُلِتھ دوٚپنم ناو ہیٚتھ تہٕ کیازِ کھڑا، تشریف تھاوِیوٚ۔ مےٚ اَس امہِ وِزِ پزی پأٹھی ڈیکس درٕ ہہ تہٕ ذأتی ژکھ تہٕ۔ اَہنٛدِ سے اَتھی ٹیوٗنس انٛدر دوٚپمس جناب توٚہہِ چھوِ فلأنس معطلی ہُنٛد آڈر کوٚڈمُت۔ تورٕ دوٚپُن افسوٗس چھُم چون تہٕ۔ ژٕ تہٕ چھوکھ نہٕ یم دفتری آداب و اطوار زأنی راوان۔ مےٚ دوٚپُس حضرت یم چھِ چھُ الُکہٕ فن کار۔ سرکارن چھ یم صرف فنس پیٹھ ملأزِم لأیمتی۔ دفتری قأید قونوٗن زانٔنس چھکھ وُنہِ واریاہ وق درکار۔ یہِ بوزِتھ دوٚپُن امی ستی ہیچھن دفتری قأید تہٕ قونوٗن ڈلی ڈلی مےٚ دوٚپُس نحض اَمِس پیٹھ چھُ یتھ آڈر ظُلم۔ یہِ بوزِتھ گوٚس مزاز یوٗہے تروٚش ہیوٚ تہٕ پرٛژھنم ظُلم کتھ چھکھ ژٕ ونان تِچ definition کیا چھےٚ؟ مےٚ دوٚپس جناب یَس نہٕ یہِ خبرے آسہِ زِیہٕ چھُ جُرم تَس تتھ پیٹھ سزا دِین چھُ مانہ زانہ کٔنہ ظُلم تہِ دوٚپنم بوز ظُلم تہٕ

تمچ ڈیفنیشن کیاہ چھ ۔ تیمّی تہٕ شخصن یمہِ قائدٕ قونٕنچ پابندی آسہِ نہٕ گرمژ،
تتھ پیٹھ لتس تیوٚت سزا دیُن چھُ انصاف ۔ اگر لوکٹس جُرمس پیٹھ بوٚڈ سزا
دیُتس تیلہِ کوٚر پنٕنس عو ہدس پیٹھ ظلم ۔ اگر نہٕ لوکٹس جُرمس پیٹھ تہٕ مُجرمس
تمیٚک سزا دِمو تیلہِ کوٚر تہندس مستقبلس پیٹھ ظلم ،تکیا زِ تس روزِ نہٕ تیلہِ گُنہ تہٕ
لوکٹہِ بڈِ جرمُک کانٛہہ احساس ۔ لہاذا چھُ انصافُک تقاضہ یی زِ تیمّی تہٕ
شخصن یُتھ جرم کوٚرتس پزِ تتھ پیٹھ تیژ ےسزا ہن تہٕ دِنی ۔ ژوٚر دِتھ کوٚر
پنٕنس عو ہدس پیٹھ ظلم ۔ کم دنہٕ گرژھِ مجرم ہٕنذِس برٛ ونہہ کالس ہٕتی ظلم ۔ امہِ
پتہٕ ماچھو ہنیہٕ کینٛہہ وُنن تہٕ بوزُن ۔



۲۲/اکتوبر ۱۹۸۰ء

# عیدآیہٕ رَسہٕ رَسہٕ

لفظِ عید بوزِتھے چھُ بنی آدمس دِلس تہٕ دِہماغس شادِتہٕ مسرتُک احساس گنان۔ مسلمان چھِ زٕ عیز مناوان، لوٕکٹ تہٕ بڈ۔ لوٕکٹ اِوکِنۍ زِ امہِ دوہہِ چھِ روزٕ دارو رٔتس دُہلی کھبن چبن تروومُت آسان، یِمہِ سببہٕ او ہند میادٕ پُر امن پأٹھی یہِ رٔتھ گُذاران چھِ، اَتھ سیری تہٕ برکتہٕ وأ۪لس رٔتس چھُنہٕ روزٕ دارن نفسِیچ کانٛہہ تہٕ رٔزیلہٕ گی وتِرنی پیوان۔ تمہِ پتہٕ گوٚ ژھ روز دار مسلمان عیز دوہ کأیجس تیٔتھ لوتہٕ وے تہٕ لطیف غذا کھیُن یُس نہٕ اَہندِس أندرِمس موٗلِس قدرتی نظامس کانٛہہ کھلبٔلی تُلہِ ہے، امہِ پتہٕ چھُ حکمتہٕ کیوٚ اصوٗلوکِنۍ یہِ پُرامن میادٕ وارٕ وارٕ بیٚیہِ کہن رٔتن ہٕندِس پننہِ پننہِ غذأیی تہٕ عادتہٕ رِکس تہٕ مأیی طاقت رِکس پرٛاوس پتھ اَنُن آسان۔ پوٚزٕ اوتن واتنس تام چھُنہٕ فہمید آدم میادس کُنہِ تہٕ رنگہٕ زور یا جبر کرتھ بغاوتس پتھ آمادٕ کران۔ توٕکِنۍ چھُ اَتھ اسلامی اصطلاح کِنۍ روزٕ عید یا روزن ہُنٛد شکرانہٕ کرنُک دوہ وننہٕ یِوان۔ تَمی سببہٕ چھِس لوٕکٹ عید ناو دِنہٕ آمُت۔ یعنے امیُک پرٛتھ کانٛہہ رنگ گژھِ محدوٗد تہٕ مختصر یعنے لوکٹہِ رادٕ آسُن۔ اَتھ برعکس چھِ أسی کأشرِ روز درتہٕ دُہلی کھاو حضرات اَمی دوہ باپتھ تیوٚت نقد و جنس پأنس گٔلی کھأئی کھأئی اُڈراوان، یِمہِ ستی ماہِ مُبارکُک سورُے شوٗژتہٕ شکیل تقدسے پامال چھُ گژھان یِمہِ باپتھ اَتھ رٔتس نفس

شیطانس لاکم دِنٕک حکم تہٕ ارشاد مسلمانن دِنہٕ چھُ آمُت ۔ تہِ سوٗرے چھُ شرمنٛدٕ تہٕ چھنمبہٕ گژھان ۔ أسی چھِ امہِ دوہ باپتھ بأرٛو بأرٛو کھینہٕ خوردنی ہنٛدی چیز أنتھ بارٛو دِوان " ہے حاکم تہٕ اہلِ کار چھِنہٕ کُنی، یم یمن غلہٕ گیرن ہتھکرِ ترأوِتھ غریب لۄکن ہنٛز دادرسی کرٕہن" ۔ ییلہِ زن اتھ دأدِس اَسی نش دواتہٕ چھُ ۔

گوڑٕ غأرضرٛوری چیزن ہتھ کنہٕ مأل خور لاگن ییمہِ سببہٕ نہٕ ہتم اِ دٕ اَتھی چھِ یوان ۔ زِچل کوٗکر، نیلان کوٗکر، لنٛگی لیرٛی بمارتہٕ مورِ دسیکستأنی کٹھ دُوجان گبہٕ، حرارتی علاقن ہنٛدی حبشی خولہٕ خطکی پولیولڈ ڈیٖبہٕ ئدری، سبزی بدلہٕ دانٛدٕ ہاکھ، پہاڑی تہٕ مأدأنی کچھ، پنجأبٕ جلاوِ لد تہٕ زخمی ٹماٹر، گنٛڑٕ آلو، الہٕ وانگن أٹی کوٚشس، آرکوشس، توہس تہٕ گورس پیٹھ بنأوِتھ بیکری بے وایہٕ کھیتھ دبہٕ لرِ پان پاون وول مسٹر کأشر زن تہِ بُتھِ داند رُوانن پان الہٕ گوگوہی ترأوِتھ اتھ دوہس پیٹھ یم چیز گرٕ واتہٕ ناوان ۔ یہِ وُچھِتھ حبہٕ ہوشہٕ وول اِنسان شرمہٕ ستی نۄن زن چھُ گلان ۔ لوکچہ عیز ہنٛدِس اَتھ متبرک موقعس پیٹھ چھُ سانہِ کٔشیرِ اندرزن تہٕ عالمہٕ کِبن بوچھن تہٕ فاقہٕ فکرِ باوٕرلگن پننٕن جدِ اجدادن ہُنٛد وِہر وور آسان ۔ یہِ وُچھِتھ شرفہٕ وول تورفہ تہٕ چھُ کنن تھوٚپ، أچھن پرٕد، تہٕ دہانس ٹیب دِتھ بارگاہِ خداوندی اندر فری یادکران

بار خدایا کأشرٕن دادس وات
شادِ غمس اندر تہِ چھ اٹہٕ بارِ یٔڈ

۲۹ اکتوبر ۱۹۸۴ء ☆☆☆

# طوطہٕ ماسہٕ

وٕری ژٕتجہہ مرٕ برونٹھم چھہِ کتھ ییٚلہِ شہرِ سرینگرٕکس کأنسہِ تہٕ سفید پوش یا تأیفہٕ دارگرٕ وأرِلس رٚوچھمُت جانہٕ وریا جانا وارمشالے کٹھ، کوکُر، أنز، بطخ بیٚترِ راوِ ہے، ییم دوہس ژھوٹہٕ پتہٕ ژھوٹہٕ پھیرتھ پٔنن بوس أسی بران۔ اگر نے شامس یہِ جانور گرٕ واتہِ ہے تیٚلہِ أسی دٔویمہِ دوہہٕ صبحأے تہنٛدی مألک سأری ہسے محلس تہٕ علاقس رأوی متس جانورس ژھانڈنہِ نیران۔ ہرگاہ نے دُپہرتام تہِ راون والین تہنٛد جانور اتھِ لگہِ ہے تیٚلہِ أس راون والہِ گرٕچ کأنہہ بگرٕ دٕرژٕنی تہنٛد جانورژٕن وأرِلس وتہِ وتہِ وُہوان وُہوان سأری ہسے علاقس پھیران ۔ ژوٗرٕ ہنٛدِ ناوٕ مالایان تہٕ أڈزأڈ کران ۔ خاص کر کوکر راون وِزِ کوکرسُنٛد خولہٕ خط سٕڑکہ سٕڑکہِ، کوچہِ کوچہ تہٕ گرٕ پتہٕ گرٕ پھیرتھ کربھ دِتھ ونان ''کأنسہِ ماوُچھون سون تھزمولہِ، ٹیچہِ ہور، بانگہٕ دِون کوکر ایا ٹیچہٕ ہأر لٔیدر، کرٕہنی دوزج یا سفید رنگہٕ گٕلی ہوٕ پرٕیا کلہٕ نأٹی کوکرِ ہنا پنہٕ ننٛن کوکرٕ ہن ستی لٔجمٕژ ۔ تیمی ہا سون کوکُر ژورِ آسوٕ تھووُمت، تس ہا پیٚیہِ نوٕ زِیہ تہٕ زٕ ہنٛس ژوٗر۔ ہتا سون کوکُر ژورِ رنٛنہٕ والیا، وٕلی وٕلی نِسوٕل ...... ییٚلہِ تراوٕ ہن

تیلہِ ہاپنے منز بازرس کو گُر تیر تہٕ یِکھ مند چھاونہٕ، اتھ ہستی کوتاہ تہٕ کیاہ کیاہ
اُسی ژھانڈن واجبن کو کرژورس کُن ونان تہٕ وُنگان تہٕ پھِرُن چھُم نہٕ یاد
اَستھ تہِ توہہِ وُنن زبر باسان۔ تکیاز تتھ اندر اُس سخ کج کلامی تہٕ مالایٔنی
تہِ آسان۔ اُمِس کو کرژھانڈن واجنہِ پتہٕ پتہٕ اوس علاقُک شُری کھیول
پکان۔ یہِ زٔنی اُس گوڈِ سأری ہیے علاقس پھیر تھ پتہٕ امی ژورِ ہانژٕ ہندس
اُکِس بدنام گرس تل تھکھ دِتھ یمے لفظ پھِران۔ سُہ مخصوص گرٕ تہِ اوس امہِ
علاقہٕ کِین روزن والین ونہِ تہٕ ویوٚد۔ امہِ بدنام گرٕ چ مألکٕ طوطہٕ ماسہِ آسی
پننو بیوٚن بیوٚن اطوار وتہٕ منفرد خولہٕ خطہٕ کِنی پر گن کِین لوکٹن بڈٕ ن یہ بؤزِ و
تہِ ردن تہٕ بدن تام وَنہِ تہٕ ویز۔ طوطہٕ ماسُن سُہ کو کرمور تہِ اوس عام لُکن
ہنٛد بو مربوٕ کھوتہٕ واریاہ بوٚڈ۔ پوٚز تہُند سُہ مور تہِ اوس وُچھُن لایق تہٕ باگہِ
بوٚرُت تہِ، تہندِس مکانہٕ براندس تلہٕ کنہِ زٕ ژورگز چورس کنِین ہُند گرِتھ تہٕ
ژٕرِتھ۔ طوطہِ ماسِنس تتھ مُرس اندر اوس ہر وِزِ تہند ہن تہٕ لگہٕ ہنٛد ہن جانا
وارن ہُند گرہٕ آسان۔ اتھ آنگنس اندر اُژتھے اُسی کو کر ژھانڈان
واجبن گوڈِ طوطہٕ ماسس کمہِ لولہٕ تہٕ مایہ گوٚل برٔتھ آلو کڈان تہٕ پتہٕ تس
اَسونہٕ ہونجہِ تہُند تہٕ تہندِ عیالُک تہٕ پتہٕ تہند ہن انگن، اُشناون ہُند تہٕ خاٗر
پاٹھاپرٕ ژھان۔ یمیُک مطلب تہٕ غرض صرف طوطہ ماسُن ووکھہٕ تہٕ وُٹکر موڑ
لیہِ اوس انُن آسان۔ تس ماسو ماسوٗ پتھ ونان یور مالوٗگ تہُند ہن کو کرن
ہستی سون کو کُر۔ کوٕ کر، اُنز بطخ بیتر، یہِ بوزتھے اُسی طوطہٕ ماسہ پرٕ ژھن واجنہِ

کُن ژکھہِ بۆ رُت وُلہٕ ووہواہ کُڈتھ تس کُن ونان، یَس تہِ کھاولہِ مونڈٕ تہٕ پُشلہِ یُس تہِ جاناوارراوان چھُ سو دگل مالذات چھِ مو چھِ ؤٹتھ طوطہٕ ماسنس مُرس کھلنہٕ کرنہِ یوان۔

ییتِس کالس آسی کوکر ژھانڈن واجنۍ طوطہ ماسنس اُولہٕ دولہٕ وورُن گھس کنہٕ ڈول دِتھ پننہِ مطلبچ کأم کران۔ اتھ مُرس زیچھ لورِستی (یوسہٕ تس ستی آس آسان) ژھانڈی دِتھ پنُن روومُت جانور ونہِ کُڈتھ خوش گژھان۔ تمی تتھِ اکہِ واقعک چھُس بہٕ چشم دید گواہ۔ تمہِ وِزِ اوس تس زنہِ کوٗکر روومُت۔ یُس تمہِ طوطہ ماسنہِ امہِ مرِ أندرٕ کُڈتھ کرٕھس تل روٗٹ تہٕ وۆننس، ہاکولہٕ کوکر بدماشہٕ، خراباتہٕ، وُچھنے چھُکھ لُکہ ہٕنزن ژھوٹہٕ کوکرٕن مٕتی گژھتھ پننہِ گرچہ کمہٕ ذأژل کوکرِ تٔی ترأوِتھ کتہِ کورٹھائی لوٗ گمُت (امہِ پتہٕ طوطہٕ ماسس کُن) ماسو، ماسو معأفی ہودِی زِم یہِ اڈٕ ژوٹ ہَو چھُ کمہِ تام ژھوٹہٕ کوکرِ ورغلأوِتھ پانس پتہٕ پتہٕ تہندس مُرس کیا ونہٕ گوڈٕ چھیپہِ زن دیُت مُت، یہِ وُچھتھ تہٕ بۆ زِتھ ووزلے یہِ گوڈٕ طوطہٕ ماسس کن تہٕ پتہٕ کوٗرُن ہیٚہِ سہٕ پنُن ژورِ بُتھ تہٕ تم پنٕنۍ بیم ناکھ ووزِلی چپہٕ ٹأری پھرتھ وتٕنۍ گوڈٕ سارے محلہٕ کہِ ناوٕ سخ وأہی تبأہی تہٕ پتہٕ کُڈن امہِ پننہِ آنگنہٕ أندرٕ تم سأری شُری مُری نبر یم کوکر ژھانڈن واجنہِ پتہٕ پتہٕ اتھ آنگنس اندر جمع آسی گأمتی۔ یمن اندر بہٕ تہٕ تمہِ وِزِ اکھ شُراوُسس۔ پۆز بہٕ روٗ دُس امہِ وِزِ أہنٕدِس ٹھسہٕ برس پتھ کُن تتھِ کنۍ کھُٹِتھ ییتِین ... ماسس چپٕ ٹاربن

نظرٕ ہیوٚ گُس یِتھ ۔ تمہِ کوٚ کرواجنہِ یِیلہِ پٔنٕن رووُمت کوٚ گُر طوطہٕ ماسنہِ مرٕ
أندرٕ کوٚ ڈ تہٕ پٔنٕن گرٕ گُن دڑایہ ۔ امہِ پتہٕ کھٔرٕ طوطہٕ ماسہٕ پننِس تتھ بٔڈِس
براندس پیٹھ ڈوکھ ژامتِس کمبرس پتھ گُن اتھ زِ گٔنڈِتھ تہٕ ووٚنُن پانسےٕ ستی
لوتہِ لوتہِ ژکھِ بوٚ رتہِ خاص اندازٕ ۔ یَس تہِ مونڈِیہ راوان چھُ سو چھوکل چھےٚ
اِدنستہٕ سیوٚ دُے طوطہٕ ماسنِس مُرس ولنہٕ تہٕ وندٕ نہٕ  یِتھ پرٔ ژھنَے کھلنہٕ کرنہٕ
یوان ۔ اتھ ستی بٔیِہ تہِ وارِیاہ کینٛہہ اولہٕ دولہٕ راند بٔکِتھ دیٛتُن پانس یَل تہٕ
وٕٹِس گُن اژان اژان ووٚنُن بَڈِ ہٹہِ پانسےٕ گُن ''ونہٕ ہکھ تہِ کٔہے طوطے
نیٖران تہِ ہے چھِکھ امی چانہٕ مرِ منٛز پٔنٕن مطلب'' ۔



# رٹن ووٕلۍ چھُ بأ گراونہٕ بیوٚ ٹھُمت

پرٛانیو دٚپمت بو چھِہ نہٕ زبن نہٕ واز وان، ننگہٕ نہٕ زبن نہٕ بزازِ وان۔ یمن کتھن ہُنٛد تجربہ چھُ بٔی آدمس تیٚلے سپدان ییٚلہِ امہٕ اَٹٛڈرنہٕ ہنٛدی آدم زاد بروٚنہہ کُن چھِ یوان۔ أسی کروٚنکبن کانٛہہ ووٚپر فلسفہٕ دگنہٕ بجایہِ پننی قلمچ کتھ۔ یُس نہٕ ییٚتہٕ پتٕ مووٚ ہو پنٕز ہوٕری یو پیٛٹھ مولہٕ ونے یوان چھُ۔ زِ جنیوین قلم کارٕ سنٛز کھوٹ کیاہ گژھِ آسنۍ۔ تہنٛزٕ ادبی شخصیت کمہِ معیارٕ تہٕ کمو پیمانو گژھِ میننہٕ تہٕ کھرٕ کرنہٕ ینٕز تہٕ جنابوٚ چھے نہٕ ازتام۔ یمن دون ڈاین ڈٕہلبن اندرٕ چھُ تی یہِ بروٚنہہ کُن آو۔ یوسہٕ بے ضأبطگی ستہٕ تأجی پیٛٹھٕ ازتام کأشرین زندگی ہنٛدِس پرٛتھ پڑاوس تہٕ پرٛتھ شعبس اندرٕ چھان ووت۔ تمِچ اکھ مثال چھِ جنیوبن لِکھاربن عزت افزأیی یانے ینامہٕ باپتھ ژارن والبن ہنیز تہٕ۔ یتھ اندر ریاستی کلچرل اکادمی تہٕ ساہتیہ اکادمی دلی ہنٛدِ طرفہٕ انہِ گٔژھِ مقرر کرنہٕ آمتبن کیٛژن موقدمن ہنٛزٕ بددیانتی ٹاکارٕ چھِ۔ یم نہٕ پانہٕ تتھ مقامس تہٕ معیارس پیٛٹھ ووتران آسن، تہنٛدے زانہٕ قلمس تہٕ معتبر قلم کارٕ سنٛز نشاندہی کرٕنی گوٚ دٕأنس اتھ گاشہِ باپتھ مثألی دِنی ''۔ یہے بأشا کرٕ کھ کأشرِ زبأنی تہٕ معتبر لِکھاربن ہنٛدی جائز مقام بدٕ

کڈنس اندر رتہِ ۔ییٚتہِ چھنہٕ ووٚنۍ یِمن کانٛہہ تہٕ کاٛم دیانتداری ستۍ کرنٕک رسم نِباوُن تہِ ضروری باسان۔ نہَ چھُ ووٚنۍ ییٚتہِ حقدارس پنُن جائز حق منگنٕک اختیاری دِنہٕ یِوان۔تمیٚک وکانہٕ چھُ یِ زِیم ادبیٚ ''بےادب'' کرایہ کش چھِ تی أنزران تہٕ گنٛزران یہِ تِمن تہٕ تِہنٛدٮ۪ن گاڈ فادرن (God Fathern) ذاتی پسند آسان چھِ ۔اِوکنہٕ روٗدنہٕ ووٚنۍ ییتہِ اتھ ادبی عزت افزأیی تہِ سُہ بور، ییمہِ باپتھ یہِ لکھارٮ۪ن دِنہٕ اوس یِوان۔کنوٗہ شتھ تہٕ ستہتمتس (۱۹۹۷ء) اندر رتہِ ییٚلہِ نہٕ ینامہٕ باپتھ یِمن کانٛہہ کأشُر تخلیق کار پننوٕ نابہٕ کارتہٕ بددیانتھ بانٹہٕ أچھونظرِ منٛز آو، تمہِ وِزِ تہِ کریوواَسہِ ییٚتہِ کینٛژٕ وقلم کاردوستوتتھ ناانصافی تہٕ کورچشمی خلاف یہِ ڈٲپ زِتہِ قلمی جنگ تہٕ تِمن غرضہٕ انٛہٮ۪ن تمیُک احساس دِیٚنچ تہِ سِنٛخ جتن یِم نہٕ کأشرِ زبأنۍ پنُن مقام تہٕ معتبری ہٕنٛز اہمیتھ وقتہٕ وِزِ محسوس چھِ کرنہٕ دِوان۔

سوے بأ شاسپز أیہِ یوٗہس کہِ ینامہٕ ژارن وِزِتہِ ۔ییٚلہِ باقین زبأنٮ۪ن ہٕنٛدٮ۪ن لِکھارٮ۪ن ہٕنٛدٮ۪ن ناون ہُنٛد اعلان کرنہٕ آو، تتھ اندر اوس نہٕ کأشرِ زبأنۍ ہٕنٛدِس کانٛسہِ تہِ تخلیق کارٕ سُنٛد ناوشأمل کرنہٕ آمُت ۔پتہٕ کمہِ نظرِ یا ژٕلہٕ کنۍ کوٗر ریٖمو ے بےمنٛد چھ تہٕ بےاصوٗل بناسپتی ایکس پأرٹوأ خرس پتھ اعلان زِ ہے خلقو '' وہراتھ'' ہسا آیہٕ ووٚنۍ تِمن تکن گرٮ۪ن سارٕوے زیرِ غور کتابوأندرٕ یوٗہسکہِ ساہیتہ اکادمی ہٕنٛدِ ینامہٕ باپتھ پانس پسند۔

یہِ کتاب کیاز ِآیہِ نہٕ یِمن پنٛنِس وقتس پیٚٹھ درأینٛٹھی تہٕ زانٛن تِمے، یِہنٛد ذہن، یِہنٛد زانُن، یِہنٛد غیرت تہٕ دیانتھ سورُے ذأتی مفادن گروٚ چھُ۔

# بۍ کس ونہٕ بالٕکی یے لو......(ب)

جنابو پتٕ مو کینٛژ وودہو پیٹھٕ یوسہٕ ہوٚل ہالے ییٚتہٕ عوام کہو ووزمیوتہٕ وورٕ حاکمن ہند بو وفاداروتہٕ دگدارو ایمرجنسی افسروتہٕ اہلکارو درٕگی فروش غلہٕ دارن ذخیرٕ اندوزن رٹنہٕ باپتھ توجیہ، جیل بٔری جرمانہٕ کٔری اٚسی صبح وشام خلقن بوزٕ ناوان۔

امہٕ بناسپتی عوامچہٕ دَگدأری ہُند نگارٕ بوزنہٕ دژایوس بہٕ تہٕ بُل چکس منٛز ہے خبر چھا، آسہٕ ماوٕنی وقتہٕ کینہ رجوٗلن پزی سرکأری لہون پھش لگنہٕ بے گنڈ بازرس ضروٗری چیزن ہنٛدی بھاوڈنٛجہٕ ہیٛتھی متی۔ ڈٔسلاہسے ووٚتس کاندربائیس تہٕ دوٗ پمس یارا، سرکأری چھانٹہٕ ووتھنہٕ بروٚنہہ اوس توتہٕ چانٛہن ژوچن، ژوچہٕ وربن أزی کہٕ کھوتہٕ زبراوٚ بیرگوٚ بیر آسان۔ پوٚزرٹو ژٹو ووتھنہٕ پتہٕ چھہِ اصلہٕ کھوتہٕ تہٕ لاغرتہٕ کمزوٗری گأمژ۔

بہٕ بوٗزِتھ پھرِن پنٛنی نأری ٹأری مٔیہ گُن تہٕ دوٗ پنم تلہٕ حض ہُمس دوٕ

گۄرس گرٛھتہٕ پرٛژھنہِ یُس دَہن ڈبلن سفید آبہ لوٹہٕ ہسن پلوتھ منتھ چھے تھوان۔ اوہُنْد یہِ مشورٕ بوٗزِتھی گوس گۄری برادرس تہٕ دودٕ لوٹہٕ رٔٹتھی پرٛژھمس ازکل کُس سنا دود چھُ خریدارن ورتاوان۔ یتھ زن چھُن ووٚنی سفید رنگ تہِ چھُتُن ہیوٚ تمُت۔ یہِ سرکاری چھانٹہ کمن گرٛہن چھُ تیلہِ سیزاروِنہٕ باپتھ نژان، پنُن گوٚب دودٕ بُتھ ووزلاوِتھ وُنُن اہن حضُ خوجا گوری چور زوتھس نا تلہٕ حضُ دِتہٕ زمین دُوز سرکارہن پنن گاٹل مشورٕ تہٕ سُہ رِچھِ سرکاری ماٗدانن منٛز ذاَ ژل گاوتہٕ ناتوان عوامس چاوِہے شودتہٕ شِہُل دودا۔ دعاے خآر اپیٚہِ ہس اِد، اٗسی بد یاد تہٕ بدنام گۄری کرہوتیٚلہِ پرٛاٗنی پاٗٹھی موزوریاہ مشتھتاہ، بچونا۔ کیاہ دوٚپہے تلہٕ حضُ ہُمس پجُس پرٛژھ تہٕ یِمی عرفک دوہ خریدارن مازہانزٕ موچہ ڈینبنہ تہٕ شکم دار گبین ہُنْد ریڑ ماز دجبن برٔتھ انصافا کوٚر، شرمندٕ گرٛھتھے گوس اِد پُچ وانس پیٹھ تہٕ میون بوزنہ برونٹھے دوٚ ینم گینن خوجہ صاب ازکرِ وتھی اورے کینٛہہ، میٚہ پرٛژھس وجہ، دوٚ ینم یہِ حضُ چھُ ازکاشُر کھ مورمُت یُس اوٚرے ہتس شتس چھُ رکلوپہوان۔

تہٕ چھُ نا عوامی ہمدرد تہٕ داَدی کوٹھ توہہِ پزٔتی سودا ہیوٚن ییتبن سرکاری بھاوٕ کِننہٕ آسہِ یوان۔ پُچ چھُس نا، مونمُت زونمُت ظاٗلم، کیاہ زِ شرٛاکھ چھُس ناتھس کبتھ رٔٹتھ۔ آرمس داندرس گرٛھن نہٕ پرٛژھنہِ یُس زرزرِس ہاکہٕ وٗتھرس ژور تہہ کرتھ گاسہٕ تُلس اندرساٗوِتھ چھُ تھُوان تہٕ خریدارس دَہن روپین ہاکھ ووٚنی چندس منٛز چھُ بران۔ داندٕ ہاکھ، ہیرٕ کچھ، پھوپھسہِ مُجہ،

# بہٕ کس ونہٕ بالٕکی یےلو......(ب)

جنابو پتّی موٚ کینژٕ وو دوہو پیٚٹھ یوسہٕ ہوٚل ہالے ییٚتہٕ عوام کہوٚ وو زمیوتہٕ وورِ حائکمن ہنٛد بو وفا داروتہٕ دگدار وایمر جنسی افسروتہٕ اہلکار وو دروگی فروش غلہٕ دارن ذخیرِ اندوزن رٹنہٕ باپتھ توجیے، جیل بٕری جرمانہٕ کٕری اَسی صبح وشام خلقن بوزِ ناوان۔

امہِ بناسپتی عوامچہِ دَگدأری ہُنٛد نگارِ بوزنہِ دژایوس بہٕ تہِ بُل چکس منٛز ہے خبر چھا، آسہِ ماوونی وقتہٕ کنٛبن رجوٗلن پزی سرکأری لہون پھش لگنہٕ بے گنڈ بازرس ضرٛوری چیزن ہنٛدی بھاوڈنجہٕ پیٚٹھی متی۔ ڈسلاہسے ووتُس کاندربأیس تہٕ دوٗ ہمس یارا، سرکأری چھانٹہٕ ووتھنہٕ بروٗنہہ اوس توتہِ چانٛبن ژوچن، ژوچہِ وربن أزی کہِ کھوتہٕ زبراوٗ بیرگوٚ بیر آسان۔ پوٚ زرٹو ژٹو ووتھنہٕ پتہٕ چھِ اصلہٕ کھوتہٕ تہِ لاغرتہٕ کمزوٗری گأمژ۔

یہٕ بوٗزِتھ پھرِن پٛنٛزِ نأری ٹأری میٚہ گُن تہٕ دوٗ ہنم تلہ حضٕ ہُمس دوٚدٕ

گوٗرس گرٛھتہٕ پرٛژھنہِ یُس دٕہن ڈبلن سفید آبہ لوٹہٕ ہسن پلوتھ منٛتھ چھے تھوان۔ اوہُنٛد یہِ مشورٕ بوٗزِتھی گوس گوٗری برادرس تہٕ دودٕ لوٹہٕ رٕٹتھی پرٛژھمس ازکل کُس سنا دود چھِو خریدارن ورتاوان۔ یتھ زن چھُن ووٚنی سفید رنگ تہِ چھُتُن ہیوٚتمُت۔ یہِ سرکاری چھانٹہ کمن گرٕہن چھُ تیلہِ سیزاروِنہٕ باپتھ نژان، پنُن گوٚب دودٕ بُتھ ووزلاوِتھ وُنُن اہن حض خوجا گوری چور زوتھس ناتلہٕ حض دِتہٕ زمین دُوز سرکارٕہن پنن گاٹل مشورٕ تہٕ سُہ رِچھِ سرکاری ماٗدانن منٛز ذاٗژل گاٗوتہٕ ناتوان عوامس چاوِہے شودتہٕ شِہُل دودا۔ دعاے خاٗراپیٚہِ ہس اِد، اٗسی بد یادتہٕ بدنام گوٗری کرہو تیٚلہِ پرٛاٗنی پاٗٹھی موزوریاہ مشتھتاہ، بچونا۔ کیٛاہ دوٗ پیے تلہٕ حض ہُمس پٕجس پرٛژھ تہٕ یِمی عرفُک دوہ خریدارن مازہانٛزِ موچہ ڈینبنہ تہٕ شکم دار گبین ہُنٛد ریڑ ماز دجہٕن بُرتھ انصافا کوٚر، شرمندٕ گرٛھتھے گوس اِدٕ پُج وانس پٮ۪ٹھ تہٕ میون بوزنہ بروٚنٹھے دوٗ ینم گینن خوجہ صاٗب ازکرِ وتھو اورے کینٛہہ، میٚہ پرٛژھس وجہ، دوٗ ینم یہِ حض چھُ ازکاشُر کٕھمورمُت یُس اوٗرے ہتس شتس چھُ رِکلو پیٚوان۔

تہٕ چھِو ناعوامی ہمدردتہٕ داٗدی کوٹھ توہہِ پرٛتی سوداہیٚون ییتہٕن سرکاری بھاوٕ کِننہٕ آسہِ یوان۔ پٕج چھُس نا، مونمُت زونمُت ظاٗلم، کیٛازِ شرٛاکھ چھس نااٗھس کبتھ رٕٹتھ۔ آرمس داندرس گرٛھن نہٕ پرٛژھنہِ یُس زرزرِس ہاکہٕ وٕتھرس ژورتہٕ گرتھ گاسہٕ تلِس اندرساٗوِتھ چھُ تھُوان تہٕ خریدارس دٕہن روپٕہن ہاکھ ووٚنی چنٛدس منٛز چھُ بران۔ داندٕ ہاکھ، ہیرٕ کچھ، پھوپھسہِ مُجہ،

# بہٕ کس ونہٕ بأڈی یے لو......(ب)

جنابو پتِر موکیئژ ودوہو پیٹھٕ یوسہٕ ہوٚل ہالے پیٚتہِ عوام کہٕ ووزمیوتہٕ وورِ حاکمن ہنٛد بو وفادار وتہٕ دگدار وایمر جنسی افسر وتہٕ اہلکارو دروگی فروش غلہٕ دارن ذخیرٕ اندوزن رٹنہٕ باپتھ توجیے، جیل بٔری جُرمانہٕ کٔری أسی صبح وشام خلقن بوزٕ ناوان۔

امہٕ بنا سپتی عوامچہٕ دَگدأری ہُنٛد نگارٕ بوزنہِ دژ ایوس بہٕ تہِ بُل چکس منٛز ہے خبر چھا، آسہِ ماوونی وقتہٕ کنہٕ رجوٗلن پزی سرکأری لہون پھش لگنہٕ بے گنڈ بازرس ضروٗری چیزن ہنٛدی بھاوڈنجہٕ پیٹھی متی۔ ڈسلاہسے ووتُس کاندربٔلیس تہٕ دوٗ پمس یارا، سرکأری چھانٹہٕ ووتھنہٕ بروٗنہہ اوس توتہِ چانہن ژوچن، ژوچہِ وربن أزی کہِ کھوتہٕ زبراوٚ بیرگوٚ بیر آسان۔ پوٚز رٹو ژٹو ووتھنہٕ پتہٕ چھِ اصلہٕ کھوتہٕ تہِ لاغرتہٕ کمزوٗری گأمژ۔

بہٕ بوٗزِتھ پھرِن پنٛژ نأری ٹأری میٚہ گُن تہٕ دوٗ پنم تلہٕ حضِ ہُمِس دوٚدٕ

گوٗرس گژھتہٕ پرٛژھنہِ یُس دٲہن ڈبلن سفید آبہ لوٹہٕ ہسن پلوتھ منتھ چھے تھوان۔ اوہُنٛد یہِ مشورٕ بوٗزِتھی گوس گوٗری برادرس تہٕ دودٕ لوٹہٕ رٕٹتھی پرٛژھمس ازکل کُس سنا دود چھُو خریدارن ورتاوان۔ یتھ زن چھُن ووٕنی سفید رنگ تہِ چھُتُن ہیوٚ تمُت۔ یہِ سرکاری چھانٹہ کمن گرٕہن چھُ تیلہِ سیزارونٕہ باپتھ نژان، پنُن گوٚب دودٕ بُتھ ووزلاوِتھ ونُن اہن حض خوجا گوری چور زوتھس ناتلہِ حض دِتہٕ زمین دُوز سرکارٕہن پنن گاٹل مشورٕ تہٕ سہ رِچھِ سرکاری مأدانن منٛز دأ ژل گاوتہٕ ناتوان عوامس چاوِ ہے شود تہٕ شِہُل دودا۔ دعاے خأراپیٚہِ ہس اِد، أسی بد یادتہٕ بدنام گوٗری کر ہوتیلہِ پرٛأنی پأٹھی موزوریاہ مشتھتاہ، بچونا۔ کیٛاہ دوٗپہے تلہِ حض ہُمس پُجس پرٛژھ تہٕ یُی عرفک دوہ خریدارن مازہانٛزِ موچہ ڈینبنہ تہٕ شکم دار گبین ہُنٛد ریٛڑ ماز دجبن بٔرتھ انصافا کوٚر، شرمندٕ گرٛژھتھے گوس اِدٕ پُج وانس پیٹھ تہٕ میون بوزنہ بروٚنٹھے دوٗ پنم گینن خوجہ صاب ازکرِ وتھی اورے کینٛہہ، میٚہ پرٛژھس وجہ، دوٗ پنم یہِ حض چھُ ازکاشُر کٔھ مورمُت یُس اوٚرے ہتس شتس چھُ رِکلو پیوان۔

تہٕ چھُو ناعوامی ہمدردتہٕ دأدی کوٹھ توہہِ پرٛتی سوداہیوٚن ییتین سرکاری بھاوٕ کِننہٕ آسہِ یوان۔ پُج چھُس نا، موںمُت زونمت ظألم، کیٛازِ شرٛاکھ چھس ناأتھس کبتھ رٕٹتھ۔ آرمس داندرس گرٛژھن نہٕ پرٛژھنہِ یُس زرٕزرِس ہاکہٕ وُتھرس ژورتہہ کُرتھ گاسہٕ تُلس اندرساوِتھ چھُ تھُوان تہٕ خریدارس دٲہن روپین ہاکھ ووٗنی چِندِس منٛز چھُ بران۔ داندٕ ہاکھ، بیرٕ کچھ، پھوپھسہِ مُجہ،

گو گجہ، مولہِ کِنتھ توتہٕ پٔتھری باپٲری نہ چھُس کرایی نہٕ چھُس ریٹ لسٹ نٲلی تراوُن تہٕ نہ سرکٲری چھانٹے پان وُٹھن تُلن پھوت تہٕ ژۄل یہِ بۄزتھ گوس تہۄژی کتھ مُجہِ کھبتھ سردتہٕ دِتُم قدم گرٕ کُن تہٕ پٲنی پنِس ستی گیوٗم پانسے ستی:

سرپھو وولُم نال بہٕ کس ونہٕ بٲلی یے لو
ألفس کۆرہم دال بہٕ کس ونہٕ بٲلی یے لو



# پانس پٔرۍ پٔربیس طباتھ

اَہن حض میٚہ تہٕ حض وُچھ پٔتمہِ پچھِ سُہ دجالہٕ سُند داںٛد ( بلڈوزر )
نِوٹ چوکس اںٛدر رادٕ زتیٚھے متبن وانن تہٕ مکانن ٹھولا ٹھولا دِوان تہٕ
دوران۔ تِتھُے یہِ شیسترٕ داںٛد ملاروٹ ووت اِدٕ متہٕ بوزتویِژھ کھٔرِل کرنس
پیٹھ کأتیاہ ڈانگ دِتہس۔ تِمو طلاق شُدہ حکمران جمأژ ہنٛد بوکر ہکل کامریڈویمو
بروٗنہہ کالہِ اَمی جمأژ ہنٛزِ پیٹھٕ دری ستی اتہِ چہ تنگ سٕرکہِ منزٕ تہٕ پانژھ شےٚ فُٹہٕ پنہٕ
نبن وانن ستی وأڑتھ، باقین تہٕ یِژھ عوام دُشمن کارنامہ کرنُک حوصلہٕ دِیُت۔
تِم سأری دژاے کوٹمہ گٔرتھ امہِ وِزِ سرینگر میونسپل کمیٹی ہنٛدبن چھتل خورکار
گُذارن تہٕ کمانڈوزن ستی ہوٚل گنڈِتھ، تِمے بندوٗق ہتھ ٹاسہٕ رارے کران یِم
بندوق سانیوٕ آزادی پسند جوانو پننۍ دُشمن زیر کرنہٕ باپتھ اپارِ پیٹھٕ یورتارے۔
امہِ لُہر او کاروٲیی ہنٛز عکس بندی تہٕ صدابندی کرنہٕ باپتھ اَس عوامی
سرکارکیوٚ حاکموتہٕ افسرو مولٕلی کیمرہ تہٕ ٹیپ رِکارڈیژ کأڈی بازریہِ ڈٔلۍ زِتہِ
کھوژن غوتہٕ دِنہِ کٔڈٕمتۍ۔ پوٚز غرضہٕ دمبالبن ہُنٛد تاوتہٕ ترٛشروُچھتھ ژٔلی ییٚتہِ
کہ ووزمہِ اَمنکی رأچھدر ( نیم فوجی ) دِہ لدگرن ہنٛدی پأٹھی گٔن وٚٲتھ تہٕ
پٔٹھی پنہٕ نبن توبود گاڑبن اںٛدر ژورِ۔ اما پوٚز تازٕ دم مقامی پُلسہٕ رود کنِہ تہٕ

لبکہٕ تھوکہٕ کھسوان۔ تہنٛدِ ونہٕ ہٕلرٕ بازن چھگہ چھگ کران منٛدنٛن یژھ بے گنڈ تہٕ بے موقہٕ ٹاسہٕ رارے ستی ئِج عامس خامس ترٛژھ چھگ یمہٕ ستی درجن وادوتہٕ گت چھگ لگِتھ کھوٚٹ زدئیہٕ۔ بیٚیہ گیہ سأرے سے علاقس دٕہی ژھبتے۔ دجالہٕ سُند سُہ داند ژلہٕ روٗ کھیہِ ڈٕپی زِتہِ ہانگل دوہہ ناومژلس گُن۔ پوٚ زامہِ پتہٕ سَپُد نہٕ گورنری دورِ کہِ آیہِ کانٛہہ کریک ڈاون۔ یِم ٹاسہٕ وأِلی بندوقی تہٕ بندوق ژھانڈنہٕ باپتھ، اتھ کیٛا سناڈٕپی زِتہِ زانن تمے۔

یہِ حال وچھان نیونس بہٕ تہِ وتہِ پکہٕ ؤنی اکی لبہٕ گُن تہٕ دوٗ پنم ''یہِ رکرٛژھ حض کھُرلاسپدان'' میٚہ دوٗپُس یمن چھُ نوِ سرکارٕکی نٔوی منسٹر صأبن یوہے حکم دیُت مُت زِ یٚیتِبن تہِ توہہ سرکأری یاغأر سرکأری جایدادس پیٹھ قبضے ناجائز درٛینٹھی گرٛژھ سُہ گرٛژھ میانہٕ حُکمہٕ مِلیامیٹ کرتھ نیٚن۔ تتھی حُکمس پیٹھ اُس یہِ عمل سپدان۔

یہِ بوٗزِتھ دوٗ پنم امی شخصن ''ونٛکھ نہٕ حض امہِ لُہراو محکمکس منسٹر صأبس میانہٕ طرفہٕ سُہ رکرہا گوڈٕ قمروارِ گرِنیبرِ کنہٕ قومی شاہراہ تمہِ قبضیے ناجائزٕ نِش آزادیُس تتھ پیٹھ اکی سیأسی مولوی صأبن کوٚر مُت چھُ۔ یتھ تمٕی کنڈی تار دِتھ پھربس نرسری بنأومژ چھَ۔

۲۰۰۳ء

ونہٕ نے تہٕ ہنم بوس ؤنتھے ووتھان چھُم توس
کانٛہہ چھُم نہٕ بنان دوس ونہٕ کس ژٕ ے رؤس خدایا



# وگرٲے چھِ باپٲری سپے

اِو جنابوتی دۏ پم نا۔ یہِ چھنہٕ سونگری ییٚتہِ موہنوِس ژھوگ مینتھ بوگ واتہِ ہے۔ تمہِ گورِ چھِ کرتام سُہ شۆ ددود کٲنتھ گاٲمژ۔ دۏ پُم جنابو یتھ ریش وارِینہٕ موغلوسر دآری ہُنٛد دستار تھپہِ نیوٗ، تنہٕ وُ چھ کاشُرٕ پنہٕ لرِ اندرتس ووغہٕ کنِز خامہٕ خہکی چوغہٕ چوٗ ڈری چندن پھِران، ونہٕ کس تہٕ بوزِبس گُس۔

اَہن حض تسلیم۔ تہُنٛد وُنن تہِ چھُ ہتھ پوٗنسہٕ روپیہِ برابر زِ کانیُل گوٚژھ پھُتی، پھوٚترِ، کانگرِ تہٕ کجابے ووُنن تہٕ شالباف شالے۔ پوٚ زسہ ضرب چلیووُ ے نہٕ ییٚتہِ کہِ بازر، دوٚپے ناکاشرِس ووت ژوروضد یوٗپٹھے یہِ مُتی آب چھوان۔ مبارکے چھُ زِتھی دژاوِ توتہِ یمہِ شہرٕ ناپُرسانہٕ أندرٕ یژھ گوسانٛی توملہٕ لِوژھٹنہِ شیرنہِ۔ بروٗنہہ کُن تہِ گرشھِنہٕ ویَس اندر کنہٕ، کرہِل، کنہِ بیٚترِ رٔنتھ پاکہٕ وِتھ سائنس پگہس تہِ مزازٕ ڈالنہٕ۔ییمہِ خوفہٕ شاید ژووٲہمہِ دسمبر ۱۹۹۶ء ''احدوز ہوٹلس'' اندر روادی ہشدِ کینٛہہ دگدار ناموٚرتہٕ معتبر اخبارٕ ی ایڈیٹر تہٕ قلم کاراکہِ دوہکس سیمنارس انٛدر رنالہٕ زآری أسی کران۔ مرحبا تہٕ شاباش تمن غیرت مند ماجہِ کشیرِ ہشدبن شوٗبدار گوٚبرن یمو یہِ ژیوٗ  [illegible] ونانتہٕ چھُ اسہ غیرتہٕ کس أٹس کرتام غرضچہِ

ژ وچہ کٔرِتھ کھاتس سوٗرے وصوٗل ترٛ وومُت۔

امہِ سیمنارُک مطلبِ غرض اوس تہِ یی زِ جنیوبن صحافی تہٕ تخلیقی قلمکار گٔرٛھی کُنہِ بہمہ تہٕ کھُٹکہِ رۆستُے پنہٕ نبن موللبن خیالاتن ہُنٛد اِظہار دیانتدآری سانٕے کٔرتھ ہیکنہٕ۔

یہِ کتھ چھنہٕ غلط زِ ییٚتہِ کالہٕ پیٹھ ییٚتہِ کبن جنیوبن صحافین تہٕ قلمکارن، قلمس زہو ژٕٹتھ ووکھٕ ذَرتہٕ زبتہٕ وبترٕن پہو، تتھ ووکھنے کرٕنی گۆو گُنسہِ أرِلس اتھٕ ترٛ اوٗن۔

یمن غیرت مند تہٕ دیانتدار قلمکارن ہُنٛد ژھوپ دۆپ روزنہٕ، ستی ووتلو وکٔشیرِ ووزمبن خام طمع آچھربن زہٕ زَدل نقلی قلمکارن ہُنٛد کھیٚو لااکھ۔

یمو کأشرِس شوٗژِس تہٕ معتبر قلمس دُپن دلازتہٕ چالاکھ دژالن ستی رٕلتھ یہِ دٔلِ زِتہِ ڈوٗری کش بنأوِتھ چھتل کھیٚیہِ ییٚمہِ گُدرنہٕ ستی عالمی سوتھرِس پیٹھ وُترن وول علمہٕ ادب از پانس نش تہِ مند چھتھے چھُ۔

یتھس وتہٕ مکھی سہلابس نے ازتہِ کأشر غیرت مند أدیب، شأعر تہٕ صحأفی ہوٗل گنڈِتھ سۆتھ گنڈِ، یہِ خسارٕ پُرونس لگن نتہٕ وأنسہِ واد۔ اوے جنابو کوٗرُم ماجہِ کٔشیرِ ہندبن زأنی کارگوٗبرن شاباش تہٕ مرحبا یم ییتھ کجِ وقتس اندر قلمس پُشر اونہٕ آمُت کجر تہٕ گانگل مأتر اونہٕ باپتھ توتہِ پنٕنی لۆتی چندٕنان چھِ۔ اوے دۆپ کأشری ووستادن وگرأیے تہِ چھِ باپأری ہے۔



# لَلہِ نَلہٕ وَٹھ ژٕلہِ نہٕ زانٛہہ

اِ جنابو بھارت ورشہٕ کِہو باشندو ژٕ آری گٔہمہِ لوک سبھایہِ باپتھ تہِ تھٕر ممبر یم وونی تِہندِ باپتھ پارلمینٹس اندر چیسہٕ تہٕ جنگوٹہِ کٔرتھ ووٹرن خوش کٔرتھ پننٕ بٔرتی گرِ بیٚیہِ تہِ ژٕبلن۔ پۆز تِمن تہٕ سانٛبن چھِ فرق یژی زِ سأئنی غم خار چھِ کھار ہٕتھ پٔنن گرٕ اژان۔ تِہندی چھِ توتہِ کھأرأ اندٕرِ شٕے ترکھ ووٹرن تہِ بھگوان ہٕندِس ناوس پٕٹھ دھان کران۔ یۆ دوے تِہندٕن ژٕوکھی درن کانٛہہ تہِ تھوتھ کرنہٕ باپتھ ژاس کرِ، تِم چھِ تیٚلہِ انسان غذا منسأوِتھ حیوان بھلس شرو پراوُن تہِ زانان۔ یِیچ مثالہٕ توہہِ ژٕبتھ دِتھ کأژ ابروٗنٛہہ کُن یِتھ ہبکن۔ سُہ اِ لالوأ ستن یا کالو، سُہ اِ راوأ ستن یا کاو تِم چھِ ژکہِ باپأری بُتھِ تھأنگی آسان۔ پۆز تِمن لُکن چھُ توتہِ ترکہٕ اندٕر ژور سیر پٔننی یم تِمہِ لِو اندٕر اَسہِ کأشرٕبن تہِ سُری اڈ سیر اسوزان چھِ تہٕ یِتھ پٕٹھ أسی پٕتٕ موٗ شیٹھو ؤری یو پٕٹھِ لسان بسان رٕوٗدی۔ تِم سأئنی ووزمی دگدار یہٕ تہٕ اَسہِ یۆت

سوزان چھِ تتھ چھِ منز تم دژال تہٕ کژال یم تمہِ خاراتہٕ أندر خوردِ حصے پننہٕ کوندِ اندر پننے پان پۄتھ ووزلاوان روٗدی۔

یم سأنی دوال پالہٕ چھِ دِلہِ ہٕنٛدِس کأنسہِ تہِ سوداگرس پنُن کھلیومُت أس کرایہِ دِتھ پنُن بورُ دتُلان۔ تہٕ ییٚتہِ کس عامس خامس تہٕنزی کتھِ نونہٕ گُری تہٕ تِلہٕ تلاوۄنی وٕنی تہٕنٛدس کھٹِس ڈبکہٕ لأنس پُشراوان۔ پتیٚ مبن پنژہٕ ہن شیٹھن وٕری ین یپژ ابولہِ یمو سانہِ ٹھُپی طوطو کرِ تمہِ بوٗ زِتھ چھُ ہزار داستان تہٕ کوٗل گوٗمُت۔ خبروونی آسنایمن تہٕ تمہِ بولہِ یاد۔ یمو ستیٚ ازتام تہٕ یہِ بلغکی مزازُک کأشُر قوم یمن تقدیرکین دلالن نش پننی کأڈی کرِ وتھوِتھ تہِ زندے چھُ۔ اگر کأشری ازتام احساس ناوُک سُہ جانور وجوٗدس اندر ووپھ نو ومت آسہِ ہے تیٚلہِ آسہِ ہے نہٕ سُہ از دوکھہٕ لد تہٕ وورُ دمہراز بٕنتھ لُکہٕ ہٕنٛدِس کھرس کھٔستھ عالمس اندر رندِ نیران۔ ییتیتھ گاٹلو دوٗپ نہٕ چھُ پانہٕ مند چھان تہٕ نہٕ چھُ مند چھنہٕ دِوان۔



# پھٹبُک پھوٚ تُے گانڈٕ

یِہ کاشُر مثالِہ ہن کاُژاہ Be fitting tille بنے یِہ أزی کٕبن گاندھی وادکٕبن بناسپتی پرٕچارکن یم صبح وشام بھارتہٕ کٕبن نبتھٕ ننبن تہٕ بوچھِ ہٕتبن ساڈٕ لگُن بأے چاڑکی، وطن دوستی تہٕ دیانتدأری ہٕندی زآٹھی زآٹھی قندٕ کأری بھاشن دِی دِی نبتھ ٹلان آے۔ وُچھتو منڈٕ چھاوی۔ کتھ کنی ہنگہٕ تہٕ منگہٕ تم بھگوانن۔ یَس ستی کھبتھ تہٕ اپزی سنگھت ہاونہٕ کہِ فندہ یمو کُرسہِ ہٕندیو پُجاریو ہیندی، سِکھ تہٕ مسلمان دھرمہٕ کہِ چھانٹہٕ ستی وِزوِزتہٕ وقتہٕ وقتہٕ پانہٕ وأنی چپھ تہٕ جنگوٹھ کرنأوِتھ ساسہٕ وادمعصوٗم تہٕ بےگناہ بھارت وأسی کرایہٕ پیٹھ رٔڈی متبن غنڈن اتھ مُجن گو بُجن ہٕندی پأٹھی کترا ونأوی۔

اکھ کرشن جیُن، بھگت جی آوہتہٕ وادبےٚ قصوٗر سکھ مارناونک مُلہٕ قأتل لبنہٕ۔ یُس از دِلہٕ بہمارِ ہٕندی کم کم سانگ تہٕ ڈانب لأ۔ کتھ جیلہٕ نبر روزُن چھُ یرٕ ھان۔ اوڈ درجن سیکولر کانگریس سورما ہن ہُند ٹیم پیٹھ وبیأٹلی وانگنن

ہٕنٛدی پاٹھی اکہٕ پزر چھ واوِ گرٛایہٕ ربہٕ پیٹھ۔ زیادٕ تعجب چھُ تمن انسانٛے دُبتھٕل تُلہٕ کترٕی پُجارین ہُنٛد یمو وِزِ وِزِ دھرمکہٕ ووزمہٕ دادِ کاٮ۪تیاہ ظالمانہٕ ژھل تہٕ وَل ورتاٮ۪وِتھ ساسہٕ بُدی معصُم تہٕ بے گناہ بھارت واسی نیست نابوٗد کٔری تہٕ پانہٕ وِشال رتہٕ سرس منٛز ژھانٛٹہٕ ژھانٹ کران پاپن ہٕنٛدی راکھیس ژورِ تہٕ بددیانتی ہٕنٛدس آوٕلنٛسی منٛز وُٹھِتھ منٛد چھاوی۔

زانہٕ سُہ پانے کاٮ۪تہاہن ظالمن تہٕ قاتلن ہٕنٛز ناوآسہٕ برنہٕ آمٕژ تہٕ پھاٹو بکھ نجل تہٕ خاری ہٕنٛدس وُلس سٕدرس منٛز۔

گُنہٕ کٔرٕی مےٚ پٔرٕنی واعظ مےٚ دوٚپ کُن سپد مےٚ ستی
پوٚت ژھایہٕ پٔنٕنی گرایہٕ پیٚس وٕسی دوٕیم کِتاب



### ہفتہ وار کأشُر اخبار

# سنگرمال گوٚ ووأری شیُن

اتھ رٕتس موقس پیٹھ چھِ أسی توہہِ سارٕنٕے پرن والین تہٕ لیکھن والین بیٚیہِ تِمن لِکھارٕن ہٕنٛدِ طرفہٕ ہتہِ ہتہِ پھرِ مبارک کران یِم کأشرِ تہٕ کأشرِ زبان بیمار آسنس، لتہٕ مونجہِ گرچھنس پیٹھ راتس دوہس بے قرار چھِ آسان۔ تِم أدیب تہٕ شأعر چھِ پرٛتھ وِزِ تہٕ پرٛتھ ساتہٕ قومن ہٕنٛزِ زبأنی ہٕنٛز اہمیت تہٕ آسُن بیان کران کران پنٕنی زبوتہِ تھکہٕ راوان۔ پوٚز پانہٕ چھِ تِمیے پنہٕ نین گرن اندر شُرٕ ہن مُرٕ ہن ءستی اردُو تہٕ انگریزی بوٚلنچ نمک ادأیی کران۔ سرکأری تہٕ غأرسرکأری محفلن تہٕ مجلسن اندر ماجہِ زیٚو پنٕنہِ تگنچہ تونگری ءستی للہٕ وان تہٕ ڈولوان، بوزن والین شرمندٕ کران، پتہٕ پنُن غرضہٕ بوکچھ تہٕ سیٚدٕ ہن تہٕ سادٕ کأشرٕ ہن ہٕنٛدٕ ہن ناتوان نکھن پیٹھ کھاران۔ خطاتہِ کیٚاہ چھُکھ نچارٕ ہن، سانہِ کشیرِ اندر ماچھُ کأشرِ زبأنی ازتام تہِ کانٛہہ تیٚتھ در دِلایا دلبراباگہِ آمُت، یا کانٛہہ سنجیدٕ کوٗششا عملاونہٕ آمٕژ۔ زِ دپہ ہوأہن سہ کیٚاہتام سوچھ کوٚر کھےٚ۔ تتھ برعکس یِیمہِ وقتہٕ کأشر زبان علمی سطحس پیٹھ

سکوٗلن اندر رواتہٕ ناوِنچ کانٛہہ تہِ کوٗشِشا کرنہٕ آے، پوٚز تمہِ تمہِ وقتہٕ روٗدی

اتھ خلاف تِمے کاشرۍ ژھوٚژۍ حاکم تہٕ ژھیٚٹۍ بیروکریٹ (bureaucrat)

بقول مرحوم محی الدین حاجنی "پھٔتۍ فرہنگی" یِمو اندر پتہٕ کینٛژھ وِرِٹائر (retire)

گژھتھ مشقتی کرایہِ کِش کاشرِ ہن قلم کارن اتھِ پننہِ ناوٕ شعرو شاعری ہنٛز

کتابہٕ تہِ لیکھٕ ناوِ۔ مگر پننو باقے سرکارۍ رجوولو دِژ ہکھ نہٕ پتہٕ کاشرِ زبانۍ

تمہِ رنگہٕ چھتل تُلنٕچ وارۍ، تِم تہِ روٗدۍ پتہٕ کاشرِس تہٕ کاشرِ زبانۍ خلاف

سوے الم ہِتھ یتہِ تتہٕ بھارتی حکوٗمتہٕ کِہن پیٹھاوٗلین ہنٛز تابیاداری بڑ بے

غیرتی سان کران تہٕ تِمن یہِ پادشاہ کتھ ونان زِ اگر کاشرۍ پننہِ زمین تہٕ

زبانۍ ہنٛزِ عظمتہٕ تہٕ اہمیژٕ نِش باخبر گژھن تیلہِ ماسپدِ کشیرِ اندر بھارتی تسلطچ

سوٗرزٕ ڈِتھ یتھ وَرورٕدنہٕ باپتھ تِم پردارِ کی کاشرِ افسرتہٕ حاکم تِمن جاین تہٕ

عہدن پیٹھ سجاونہٕ چھہِ آمتۍ تہٕ یوان تہِ چھہِ۔ یوٚت واتُن نہٕ تِمن نااہلن

تہٕ ناہنجارن ہُنٛد کانٛہہ مقامے چھُ آسان۔ یِم لُکھ چھہِ کشیرِ ہنٛدِس بیمار

سیاستس علاج کرنہٕ بجایہِ اَتھ از تام نٔوۍ نٔوۍ داۍدۍ پُشراوان آمتۍ۔ نتہٕ

چھہٕ بھارتس اندر سارِنے ریاستن ہنٛدۍ لکھارۍ تہٕ قلم کار پننٛز پننٛز علاقائی

زبان سنبٹھاہ ذمہٕ دارۍ تہٕ ژُکہِ سان رٕژھران تہٕ پھاپھلاوان۔ تمہِ پتے

چھہِ تِم کُنہِ تہِ عالمی یا علاقائی زبانۍ مانان تہٕ مازان۔ مگر اسہِ (یعنے کاشرِ ہن)

یمہٕ رنگہٕ تہِ یُس بناوَتھ آویا آمت چھُ تتھ چھُ بُتھِ پننے کاشرِ بہانہٕ اوسمت

تہٕ آسان تہِ۔ اَسی یٔلہِ ازتہٕ پننٛۍ پتھ کالِچ موغلو پیٹھٕ ڈسلابچ غلامی ہنٛز

تواریخ پھِرِو، تتہٕ چھِ اَسہِ ہر گُنہٕ دورس اندر پنٕنی کأشری دارِ کی پٔنی پھالوان آٔمتی ۔ سوے عمل چھِ از تام تہٕ جأری ۔ تیٚچ ووکھنے چھَ مےٚ تہٕ پننہٕ زانتہٕ اَکِس ابسے یَس اندر گرٕمٕژ ۔ یتھ ناوچھُ ''پنٕنی موج نے وگرِ کرِ ہےٹینٛڈی ما دزٕ ہن شُر بن'' ۔ سنگر مال اخبار سپُد زتووُہ فروری ۲۰۰۷ ءوآٔرشُن ۔ خدا دہأب رٕچھنس پنہٕ نبن ہِنٛدِ شُر تہٕ ورِ نِشہِ ۔ پوشہٕ وُن آے تہٕ پاے دِی نَس ۔ یہِ اخبار مہٕ بُنٛی کأنسہِ ہِنٛدبن ذأتی مفادن ہُنٛد سوارِ گر ۔ یہٕ اَسِن کأشرِ زبأنی تہٕ ادبُک مأری موٚندژ کھی درتہٕ معتبر ترجمان ۔ بٔیہٕ رٕچھنس خدا صأب پنہٕ نبن کأشربن دعوٰی دار معتبر تہٕ طوطہٕ رام لِکھاربن ہِنٛدِ قلمہٕ کہِ اتھہِ رٹہِ نِشہِ ۔ تِتھے کٔنی یتھ کٔنی از تام رٕچھتھ تھووُن ۔



# یِ گوم پانس تہٕ وننہٕ یوٚ

حبہٕ صاٮ۪ب اوس نہٕ سون نیک ہمسایے اوت بٔلکہ اوس سُہ محلی محلس کیٚاہ ٲ پیوساٲری ہےٚ علاقس اَکس رٕتس تہٕ ذمہ دار شہری ہٕندی فرض تہٕ ذمہٕ دٲری نکھٕ والن وول معتبر زِٹھ۔ساٲنس محلس اندر تھوٚ وتُمی گوڈٕ پٔنٕنس مکانس نیٚبرٕ کنہٕ اکھ بوٚ ڈٹین،یتھ اندر تم پٔنٕنس مکانس ہیٚرِ بون ڈُوتھ شیٚر تھ ژھوٹھ بیٚترِ ترٛاوان أسی۔یمہِ کنٛ اِ محلہٕ کس خاکروبس یہِ تُلنس آسایش اَس سَپدان۔حبہٕ صاٮ۪نس مکانس أندرٕ یا نیٚبرٕ اَس نہٕ کُنہِ قسمچ کانْہہ گنٛد یا غلاظت نظرِ گژھان۔یہِ وُچھتھ ہیٚتِ پتہٕ وارٕ وارٕ محلی محلن یتھے کٔنی پٔنٕنس پٔنِنس مکانس نبر کُن ژھوٹھ بیٚترِ جماہ کرنہٕ باپتھ یہٕندی پٲٹھی ڈسٹ بِن (dust bin) لاگتھ تھاوٕنی۔حبہٕ صاٮ۪ب اوس محلکہِ مسجدِ ہُند تہٕ زِٹھ۔اِو کنٛ أسی تس ساٲری محلکی لوکٕ بڈٕی عزت تہٕ قدر کران۔اَتھ مسجدِ أندی أندی یوسہٕ بے مصرف زمینہٕ ژَکلہن اَس تتھ شیٚرتھ سنٛباٲلتھ لاگہٕ نووِنس درٛمُن تہٕ رنگارنگی پوش تہٕ بونہِ گُلی ہن اکھ تہٕ۔اتھ جایہِ اَسی پتہٕ رہتہٕ کالہِ محلکی زِٹھی زِٹھی پانہٕ وٲنی سوکھ ہمیچ کتھاہ باتھاہ کران تہٕ لوکٹٕن لوکٹٕن شُربن تہٕ جوانن

پننہٕ زندگی اندر گُذرِمتی حسین واقعاتن تہٕ تجربن ہنٛز وٕ وکھنے کران۔

حبہٕ صأبنے اُسی امہِ علاقہٕ کِس مڈل سکوٗل کِس دیوارس أندی أندی نوِ قسمکی پھربس تہٕ برٛن رُوٕناوِتھ امیٚک اؤ ند پۆک بڑٕ حسین تہٕ مأری مۆند بنوومُت ، یِم کلی اُسی تمی سوشل فارسٹری (social foresty) محکمہٕ أندرٕ انہٕ نأوی ٕمتی ، یِم از سٹھاہ بڈی تہِ چھِ گأمتی۔ اکھُتے اُسن یہِ مڈل تہٕ ہائی سکول بناونہٕ باپتھ واریاہ حأکم تہٕ افسر اور موقعہ ملاحظہٕ کرنہِ وألی ٕمتی تہٕ دۆپنکھ "یتھ چھِ وونی یِم کلی تہِ بڈی گأمتی۔ یِم ژٕٹتھ یُس رقم یِمن کلبن یِیہ، تِمنے پۆنسن کھألی توس بیاکھ پورٕہن تہٕ مڈل سکوٗلس وسعت دِتھ بنأوی تون ہائی سکوٗل تہِ"۔

حبہٕ صأبنی یہِ تجویز تہٕ منگ کٔر تمو افسروٕلی ؤلی قبوٗل تہٕ بیٚیہ کۆرہس یژھِ ہُشأری ہنٛز تہٕ گاٹہٕ جارٕچ کأم کرنس پیٹھ تہٕ مرحبا تہٕ شابش ، بیٚیہ دۆپہس یُس ژٕے یتھ سکوٗلس کلی دِتھ مألی لحاظٕ تہِ گۆڈ چھُتھ بۆرمُت تمہِ سببہٕ یِیہ نہٕ اَسہِ تہٕ یتھ سکوٗلس ہائی سکوٗل بناونس اندر ژٕنژھ کانٛہہ مألی دُشوأری ٹھرِ۔ یتھ گۆو بجن پرناونہٕ باپتھ ٹیچنگ سٹاف (Teaching Staff)، سُہ چھُ دٕ سیاب۔ تُہی روٗزی تو خوش تہٕ مطمین ، یہِ کأم سپدِ انشاء اللہ آیندٕ کہِ مألی بجٹہٕ بروٚنٹھے شروٗع"۔

امہِ سوٚأے شیرِ نوٗون اکھُتے وبتھِ بُٹھس پیٹھ سُہ یارٕ بل تہِ یُس نہ واتنہٕ کٔنی ووٕنی مُہندِم اوس گۆمُت۔ تمہِ باپتھ تہِ پیاریٛو ونہٕ گُنہِ سرکأری ادارٕ کِس مدتس ، بلکہ گٔرِن محلہٕ دٲلنہٕ نِش پونسہ ٹۆنک جمع۔ بیٚیہ تلہٕ نوٗون سُہ

پچہ چبارٕ تہٕ گاٹھ پیٹھ تھوٚد، یتھ اورٕ کی یورٕ کی نفر بول برازٕ ستی بران اٲسی تہٕ یارٕ بلُک سورُے شوٗژ تہٕ صاف ماحولہٕ اٲسی گنٛدٕ تہٕ غلاظتہٕ ستی اولوٗد کران۔ تتھ بدل بناونوٗون میونسپل کمیٹی ہنٛدِ مددتہٕ محلس انٛد کُن اَکھ غا آباد چھمبس نکھٕ سینٹری فِٹڈ لیٹرین (sanitary fitles latrine) تہٕ باتھ روم تہٕ۔

حبہٕ صأب اوس نہٕ سانہٕ محلُک تہٕ علاقُک معزز، معتبر تہٕ روشن خیال شہری یوت ٲلکہِ اوس سُہ پسِ پردٕ سماجی ژُکھی درتہٕ اوہندگرٕ بارتہٕ اوس لوٗکو اتھ سارٕی ہیٕ بٔستی انٛدرسبٹھاہ پُرامن تہٕ پُرسکوٗن مونمُت زونمُت۔

حبہٕ صأبس آسہٕ پانس ترٛے کورِ تہٕ اکھ نیچو، یَس بشیر احمد ناو اوس۔ کورِ آسن نکھٕ وارِنژ، بشیر احمد اوس مےٚ ستی دٔہمہِ جمأژ تام پران۔ سُہ اوس سخ خانہٕ مول۔ موج تہٕ اٲس نہٕ اٲمس اٲچھ پیٹھ مٔچھ تہٕ زرٕ وان، ژٕرِ دوٚد تام اٲسس بروٚنٹھ کنہِ تھاوان۔ آرام طلب آسنہٕ سببہٕ اوس بشیر احمد پرنس اندر کمزورٕ ہے پہن۔ سُہ دژ اوٗد ہمہِ جمأژلمان لمانے پاس تہٕ۔ کالج جوین (join) کرنہٕ پتہٕ گژ تام رٔبتی تراونو و بشیر احمد ماجہٕ پرُن تہٕ تھوٗون مألس ستی دُکانس پیٹھے کامہِ کارس ستی آوٗر۔ امہِ پتہٕ کینژ کألی ییٚلہِ مےٚ بشیر احمد سمکھ تہٕ دوٚپنم اَسہٕ ونہِ ہونجہٕ ووٕنی ہاپچھے مےٚ ہرٕ دخاندر۔ سالس ہأیی زِضروٗر تہٕ ضروٗر۔ بہٕ گوس یہٕ بوٗزِتھ حأرانے زِ وُنہٕ گوٚژھ نہٕ اٲمس خاندر سپدُن۔ اٲسی چھِ وُنہِ پانہٕ شُری۔ توتہِ گوٚژھ میانہِ سونچہٕ تہٕ وُہہِ زِتووُہہ وٕہر وأنسہٕ وأتتھ خاندر سپدُن۔ خأر سُہ اوس خانہٕ مول تہٕ آسَن وألی سُنٛد طمع دار گوٚبرٕ۔ میون سونچُن کیاچلہٕ ہا تتھن!

بشیرنٔی یہِ کتھ کنن اندر اَستھ ژاس بہٕ امی دوہہٕ شامس رتھنٛد تہٕ پرٛژھمس ماجہِ ''بشیر احمدس چھُوتوہہِ پرٛزی خاندر کرنٕک بندوبس کوٚرمُت''، تمہِ دوٚپنم ''اَہن سَہ پوترا پوٚز زووننۍ، دوہہٕ تہِ چھِ گنٛڈیٔ متی۔ لُج سَسہٕ ۂندِتھ کور ہن خاندر سپدِتھ گوٚو ناووٕنی گرٕ ژھوٚر، تہٕ بیٛیہِ پیٛو ووٕنی گرُک سورُے بار میانہِ نٕے نوتوان شانن پٮٛٹھ۔ کوتاہیکہِ تُلتھ ترٲوِتھ، اوے کیا با پیوم بشیر احمدس کھورٕ گنٛڈ کرُن۔ بیٛیہِ چھس ناووٕنی ییٛتِس بڑِس گرس اندر دوہی دوہس کُنی زٔنی کُھٹھس اندر آسان، توتہِ گرٕھیم نا کتھِ کتھِ باپتھ تہِ گرس اندر رپنُن کانٛژھا آسُن''۔ اوے کوٚرُم اَمی ہِندِس مٲلس پرٛژھنے کورِ مالین ہتی دوہہٕ تہِ مقرر، سہٕ چھُنہٕ کُنہٕ تہِ اندٕ اتھ پٮٛٹھ راضی تہٕ نہ یقرار کران۔

خاٚرتہِ وُچھوووٕنی بروٚنٹھ کُن زِ کُمی ہنٛز موج سون تولہِ تہٕ کہنٛز موج روپھ، بیٛیہِ دوٚپنم خبر چھےٚ ناووٕنی کتہِ چھُم گرٕ سنبھالنہٕ باپتھ سوہکتھ سکتھ تہِ روٗزہٕ مژ۔ جیٚہٕ صاٚب چھُم دیان کامہِ کوچہِ باپتھ انٕے موہنوی کوٚٹ، چھلنہٕ چھوکنہٕ تہٕ رننہِ باپتھ داے، پوٚز بشیر احمدس کرونہٕ وُہہ پٮٛنژہ ۂوری واتنہٕ بروٚنہہ خاندر۔ مےٚ دوٚپُس ووپرژوپر گرٕ اَنتھ چھَ داہ پریشانیہ ہُران، موہنوی کتھ چھِ ژھانڈٕنی، اَمِس چھُ اَسہِ ازتہِ کرنے تہٕ پگاہ تہِ۔ دوٚپمس پننِس خانہٕ مٲلی سُند بہار نٕے اَسی وُچھو، پگاہ کیا چھِ خبر کُس آسہِ تہٕ کُس نہٕ آسہِ۔ یہِ بوٗزِتھ توٚ کُس نہٕ اورٕ کینٛہہ وُنُن''۔

گریجویشن کٔرِتھ گوس یہِ کشیر نہبر ایگریکلچر چ پوسٹ گریجویشن کرنہٕ

باپتھ، ییمہِ کنۍ نہٕ میہ اِد بشیر احمدس ہٕنٛزِ وارِثہس کالس کانٛہہ راۍ بطے رٕو د۔ دو ہا دو ہا گوٚو گژھان، مےٚ کوٚر تتہِ پٔنٛن ترٛیے وُہور کورس پوٗرٕ۔

کشیرِ ییتھ اوسُم گاہ بہ گاہ بشیر احمدس ستی ملاقات گژھان، تکیاز بہ تہِ اوسُس دوہس پنٔنس آوریس ستی آسان تہٕ بشیر پنٔنس دُکانس پیٹھ، پوٚز ییلہِ بہ سہ وُچھان اوس سَن سہ زن اوس رووُمت ہیوٗ آسان، زنتہٕ کیاہ تام ٹوٹھ چیز اوسُس رووُمت تہٕ لبنہٕ باپتھ اوس وتہِ پکان تہٕ سونٛچان آسان۔ تمہِ لوکچارچہِ جوانی ہُنٛد سہ رنگ تہٕ رونق تہِ زن اَسس دُشمنن غاٚباتھو موہتھ نیمٕژ۔

خاٚروق چھُ ژلہٕ وُن ذٕری یاو، یہ چھُنہٕ پوٚت نظرٕ دِی دِی پکان، بہٕ اوسُس دوہہ اکہِ گرِ پٔننہِ ماجہٕ ستی کتھاہ باتھاکران تہٕ اٚتھی اندر وٕنُم ماجہِ زِ

''خبر ہا حمید صاٚبا ییٚتہِ حبہٕ صاٚبنہٕ کیاز ووٚنی دوہے شامس بڈِ بڈِ کتھٕ تہٕ گاہے کربکہٕ ہشہِ تہِ گژھان، ژےٚ ماپتہٕ کینٛہہ؟ مے نافکری تران زِ ییلہِ اتہِ باٚژ وارِیاہ اٚسی تیلہِ نااٚس اتہٕ کتھ تہِ گژھان۔''

ماجہِ ہُنٛد بوٗزِتھ سینوس نہٕ بہٕ اتھ کُن زیادٕ کینٛہہ، پوٚز کنٔس اندر رٕو دُم کیاہ تام ذٕلیل چھہِ۔ اکہِ دوہہٕ شامس ییلہِ بہٕ گرٕ نزدیکھ ووتس، حبہٕ صاٚبنس مکانس نیبرٕ کنہِ وُچھم اورٕ کی یورٕ کی اَنزٕاَنی نفرتہِ سِمتھ مکانہٕ اٚندرٕ ییمہٕ بڈِ بڈِ کتھٕ بوزان۔ پوٚز بوز و یہٕ وُچھتھ گوس بہٕ سخ پریشان تہٕ بہٕ ژاس سیوٚ دُے آلو یا ژاس کرنہٕ ورٕاٚے ہکہٕ یہنٛدس کچنس اندر۔ اتہِ وُچھم بشیر احمد ماجہِ بروٚنٛٹھٕ کنہِ کلہٕ بون کُن تراٚوِتھ، زنانہٕ تہٕ بچہ پٔنٛزِ ہتھ ودان۔ موج اٚس سخت ژکھِ ہِنٛدِس

عالمس اندر نیچوس ونان "بوزۍ بشیراِیہِ ژےٚ ونَے تی چھُےٚ کرُن، نتہٕ چھےٚ نہٕ یِیتہٕ ووٚنی چانہِ تہٕ چانہِ زنانہِ ہنٛدِ باپتھ کانٛہہ جاے۔ بوٗزتھا۔؟

یہ وُچھِتھ دوٚپنس ماجہِ ونتہٕ تیٚمی ہے بائیس یہِ چھُسا غلط کینٛہہ ونان، کنہٕ ژی چھکھ نہٕ سمجان۔ میانہِ یمہِ طمع دار نوشہِ یہِ ژ کرنو ومُت چھکھ، تہِ چھُتھ نہٕ جان کوٚرمُت۔ "بوزُ و حمید صاٰبا یہٕ ہا ونَے ژےٚ تہِ معاملہٕ کیا چھُ، ژتہِ کسۍ ووپر چھکھ، مےٚ پرٛژھِنے چھُن بینہِ تہٕ زنانہٕ ستی مشورٕ کرِتھ بچہ بند کرنٕک آپریشن کوٚرمُت۔ وَہی تقصیر، وَہی تقصیروَن تس ژے پزٕہسہٕ یہِ کرُن یوٚت تام نہٕ اَسہِ تہِ یِیتھ گرس رائ چھی راوٕ ٹھ کرنہٕ باپتھ لڑکہ ہن تہِ آسہِ ہے۔"

بشیرن ووٚن: بوز سہ حمید صاٰبا بوبن دِژ وو میانہِ منٛز مہِ بینہِ سلیمس تہِ تِتھے مشورٕ، نیچوس پیارٕنک۔ یوٚت تام تس بچارِ ژور کورِ زیتھ وأراگ ووتھ۔ زانبس پان پئُن، صُبحہ شام تمن ستی وارِیُن، کوتاہ بار چھُس پننبن موصوٗم شانن پیٹھ تُلن پیوان۔ پھیرِ پھیرِ أسم ونان سلیمہ زِبأے صاٰبا حبس ہا گرِی زِ، سلیمنہِ یمہِ کتھِ آسم وأراگ تُلِتھ بے قرار کران۔ بوزان چھُکھا حمید صاٰبا، تمی شفیق تہٕ رفیق بینہِ ہاواتہٕ نوونس یہٕ ہسپتال، ییلہِ تژیم بچہِ تہِ کورِ اے زایہ۔ دوٚپنم ماجہِ تھوی زنہٕ کنٛس گن خبر۔ خبردار چھےٚ۔ اِدی کریوم تہِ، پوٚز بوبہٕ چھےٚ خوامخواہ دوہے تیٚمس نوشہِ ستی اتھ پیٹھ مجادلہٕ لأگتھ أمس بچارِ ٹوپہ ہرٛن کران۔ دپان چھُس چانی وننہٕ تہٕ مشورٕ کوٚر بشیرن بچہ بند ییلہِ نہٕ زن اتھ اندر تیٚمی سُند کانٛہہ عمل دخلے اوس یہِ چھُنہٕ توتہِ مانان۔

بێیہِ مامانیوس ٹاٹھی تہِ گوڈ، مےٚ سٔتی لوچھہ وانسہِ اندر خاندر تہِ کرُن۔
سُہ کِتس کالس رۆداتھ پٔتھ بوٚبس ناراض تہِ چھےٚ مأ لس چانس خبر مگر
پھاٹون وادس پۆش نہٕ ٹوٹھ بچٕورتہٕ بہٕ لۆگُس یتھ کٔڈ رِس زالس۔ وونی
وُچھتہٕ ژِتہِ یمن شُر بن ہنٛز معصوٗم ماجہِ بچارِ گُس آرٕوٕل گولاب چھُ گوٗمت
اُہنٛدی شُری گُس رنگ رٹن ؟۔

اُسی اُسی یی اُنزران تہٕ حبہٕ صاۤب تہِ ژاو خشمہٕ ہوٚت گرٕ۔ سُہ تہِ کتہِ
اوس وونی سُہ حبہِ صاۤب رۆدمُت، یُس مےٚ بشیر نہِ خاندرٕ بروٚنہہ وُچھمُت
اوس۔ اللہ اللہ اوہُنٛد اَسہٕ وُن تہٕ پُر جمال موکھ، یہِ کتہِ اوس ازسُہ، زنتہٕ بدل
گُس تام بیمار نفرا۔ برٕ اژٕ وُنے وۆنُن پننہِ نادان آشنہِ مےٚ کۆر رفاصلہ زِ بشیر
احمد روز ِ پگہکہِ پٔتھٕ ایاٚری مس مکانس اندر الگ، ژٕ کرکھ پننہِ بتہٕ پاور ننگ
وونی پانے بندوبست۔ دبوٚ یہِ موٗصُم نوش کۆر بچاٚرتہِ روز ِ ہے یمو چانو دِگوتہٕ
زُرکھوٕ نش محفوظ تہٕ پوشہِ ہاتوتہِ وونی یمن پننین پۆتبن، یم نہٕ وونی چانبن
طمعدار چشمن وُچھِنہٕ تہِ برداش چھِ گرٕ ھان۔

کاش پننہِ جہالتھ ترٔ اوتھ آسہِ ہتھ تمہِ وِزِمیون سُہ مشورٕ تہِ موٗنمت یہِ
سون آباد تہٕ اسہٕ وُن گرٕ ماگژھِ غمہٕ کِس سوٚدرس اندر غرق۔

عقل تدبیر منسوٗم تہٕ روٗوس
بہٕ وقتن ویٚہہ تہِ پننی ماکہٕ کھیٚووس



# یِہ تہٕ کیٚاِ زِنہٕ سونۍ

کأشرِ زبأنی ہٕنٛدی بہلہٕ پایہٕ قلم کار، نثر نگار، ڈرامہ نویس، ناول نگار تہٕ کأشرِ سِتم زدٕ قومکۍ ژُکھی درد اۆنشور مرحوم اختر محی الدین صأبس سٟتۍ اۆس مےٚ تِہنٛدِس انتقالس تام تِمن سٟتۍ ہمکلام سپدنُک سخ طلب تہٕ گَل آسان۔ تمیُک خاص وجہ اوس یہِ زِ تِمن اۆس یمہِ بےٚ سرتہٕ مظلوٗم کأشرِ قومہٕ ہِکس ڈٕکھجل تاجدأری ہٕنٛدِس پتھ کالس پٔٹھ سٕبٹھاہ سٔنٛز نظر تہٕ گوٚن ایحٚساس، زِ اَسہِ کأشرین چھُ باہمی طور مٔژ کری تہٕ ناچأکی سپدنہٕ کِنۍ موغلو خود مختیأری ہُنٛد قدیم دستار تھپہٕ نِتھ وو پرپٹھا ولی ہُنٛد دٕسلابہٕ کوٚرمُت۔ یمیُک مرحومس سٕبٹھاہ افسوٗس تہٕ موتبر مطالعہ تہٕ اوس۔ تِمن نِش بیٚہنہٕ سٟتۍ اوس آدم عالمی سوٗتھرُک ادبی، سیأسی تہٕ سمأجی حالات وواقاتو نِش باخبر سپدان۔ تِہنٛد باوژ بل اوس بےٚ مثال، پُرکشش تہٕ دردمندانہٕ آسان۔ خدا صأب کٔرنۍ تِہنٛدی حسنات تہٕ درجات بُلند، آمین۔

تِمن نِش چھِ مےٚ وارِیاہ تِتھی واقہٕ تہٕ بوٗزمٕتۍ، یِم میانہِ زانُنہٕ اکھ بیٚاکھ بوزناونچ ضروٗرتھ تہٕ اہمیت تہٕ چھِ۔ تِمو واقاتو منٛز بوٗزی تو یتھ نشستس منٛز تِہنٛزی زبأنی یہِ واقہٕ:

ادبی دُنیہس اندر چھُس بہٕ کالجہِ پرٛس دورانے متعارف سپُد مُت ۔ تِمن دوہن اوس ایس پی کالجُک پرنسپل سورگیہ جیالال کول صاٲب ۔ یمو تمہِ زمانہٕ میون اکھ افسانہٕ ریڈیو کشمیرٕ پیٹھٕ بوٗزمُت اوس ۔ سُہ بوٗزتھ خوش تہٕ متاثر گٔژھتھ سوزُن مےٚ کالج چہِ ادبی تنظیمہ طرفہٕ چھِٹھ زِینہٕ واجنہِ بٹوارِ دوہہٕ پچھےٚ ایس پی کالج چہِ ادبی میٹنگہ اندر ژےٚ پننٕہ افسانہٕ پرٛنچ سأنی دعوت ۔ یہِ چِٹھی وُچھتھ کٲژاہ خوشی سپز مےٚ تمہِ وِزِ تمیُک اندازٕ ہیکہٕ نہٕ بہٕ ازتہِ کٔرتھ ۔ سو وِزِ ییلہِ آیہ تہٕ مےٚ پٔرٕ اتھ محفلہ اندر پننٕہ ترٛے ژور افسانہٕ ۔ یِم بوٗزتھ پروفیسر کول صاٲبن تہٕ باقےٚ سٹوڈنٹو وژھِ وأنجہِ داد دِتھ میأنی حوصلہٕ افزٲیی کٔر ۔ امہِ ستی مےٚ قلمس واش کڈٕنچ سوٗہمتھ یوسہٕ بہٕ ازتہِ پرنسپل کول صاٲبنٕ دُسلانچ اَرزتھ چھُس قبوٗل کٔرتھ ۔

پروفیسر جیالال کول صاٲب اوس پانہِ تہِ علمہ تہٕ ادبُک عالم ، موتبر ماہرِ تعلیم تہٕ مخلص وۄستاد ۔ یہِ زأنتھ بہٕ تمن سبٕتھاہ یزتھ کران تہٕ حبہٕ ہوٚت شاگردِ رشید بروٚنہہ کُن اوسُس یوان ۔ یہِ میون طریقےٚ عمل وُچھتھ اوس سورگیہ کول صاٲب تہِ مےٚ ستی اَکس شفیق مألی سٕنزٕ ہشی شفقت

بأ گران تہٕ مےٚ وِزِ وِزِ علمہٕ ادبکہِ عظمتہٕ تہٕ اہمیتک احساس دِوان۔ یُس مےٚ زندگی ہٕنٛدِس پرٛتھ گُنہِ پرٛاوس پیٹھ رہنمأیی کران روٗد۔

دوٚہا بنیو وکول صأب آے ریاستی کلچرا کادمی ہٕنٛدِس مرکزی دفتر لال منڈی للہ دبدِ پیٹھ لیوٚکھمُت اکھ قدیم قلمی نوسخہ وُچھنہٕ باپتھ۔ امہِ وِزِ اوسُس بہٕ تہِ کلچرل اکادمی ہُنٛدٕ ملأزِم۔ مےٚ کوٚر یِمن حسبِ معمول سٮ۪ٹھاہ عزت تہٕ احترام۔ کول صأب نیرتھ وٚون مےٚ بےٚ أکِس سأتھی ملأزِم دوستن ’اختر صأبا تتھٕن نام نہاد سیکولر تہٕ سادھو نما فرقہٕ پرست عالمن تہٕ دأنشورن امہِ آیہِ ژوٗنژتون تہٕ ندرِ چھلنہٕ چھکھ پانس ستی ستی بیٚین تہِ دھوکہٕ دِوان۔ یہِ چھُنہٕ تہِ أندرِیمیگ یہِ چون ای ڈیل Idol گوٚر پانس نبرِ انسأنیتک عاشق تہٕ علمبردار اِشتہار لأگتھ بےخبرن بڑم چھُ دِوان‘۔

أمِس دفتری سأتھی سُنٛد یہِ غیر متوقع کج کلامہٕ بوٗزتھ گوٚس بہٕ پزٕی پأٹھی تمہِ وِزِ دم پھُٹی ہیوٚ تہٕ أمِس وَنن وأرِس کانٛہہ جواب دِنے درٛاس امی ساتہٕ دفترٕ تہٕ ووٚتُس کول صأبُن گرٕ۔ مےٚ وُچھتھ گوٚ وُسہ سٮ۪ٹھاہ خوش تہٕ دوٚپنم ’کیٛا سأ مالِنا کانٛہہ خاص کتھا ماروٗز مےٚ ونہٕ نے تہٕ ژےٚ

زانہٕ نے'۔ در جواب دۆپمس سو کتھ مہرا چھُم توہہِ نِش زانِنۍ یوسہٕ میانہِ نہٕ زاننہٕ ووٚنی میون دِل تہٕ دماغ ڈنٛجہِ تھاوِنہٕ۔ یہِ بوٗزتھ کول صائب سخ سنجیدٕ سپد تھ مےٚ نِش صوفہٕ کرسی پیٹھ بیہنہٕ آے تہٕ پرٛژھنم: 'تلہٕ ساٗون وٗلی وٗلی کیٛا چھےٚ وَنُن'۔ دۆپمس مےٚ مہرا اوٚون دفترٕکۍ اَکۍ سائتھن کول صائب چھُ کمیونل مینڈیڈ (Communal Minded)، پتہٕ نِس دبس خبردار، بٹہٕ۔ یہِ چھا مہرا پوٚز ژےٚ تہُند وَنُن۔ یہِ بوٗزتھ کوٚرُن اوزوردگی سان گوڈٕ اَسن پھشاہ تہٕ پتہٕ دوٚپنم 'ژےٚ کیٛا چھےٚ پنُن مشاہدٕ ژون گوڈٕتِی پتہٕ ونے بہٕ ژےٚ باضمیر پاٹھۍ اتھ کتھِ جواب۔ یہِ بوٗزتھ مہرا باسیوو مےٚ، یہِ چھےٚ اَکۍ پاگلن اَکۍ سفید شینٛ ہوس دستارس رَب۔ پاگلس کیٛا دپو، تی زاننہٕ آس توہہِ نِش۔

بوزساما لیٛایُس اِنسان پانہٕ گُنہِ مرضک شکار چھُ آسان تس چھُ بیٛا کھ اۆر دوٗر آدم وُچھِتھ مزاژ ژوکانی۔ ووٚنی گوٚو میون باضمیر پاٹھۍ پرٛزٕچ باوتھ چھےٚ یہِ زِدِلس چھُ گرٛشھانی زِ اختر محی الدین چھُ مسلمان قلم کار، سخنور، سخن دان تہٕ نا ماوارأ دیب۔ یہِ تہِ کیٛا زِ چھنہٕ بٹہٕ کوٚٹُے'۔



# شوٗژِ صحافتُک سنگین سفر

کُنِہ تہِ قومُک تھزر بجر، عظمت تہٕ مرتبہ چھُ تمِہ قومہٕ کہِ تاریخہٕ، تہذیبہٕ، تمدنہٕ، زبانٕ تہٕ ادبی سرمایہ کس باگہِ بٔرتس تہٕ مولِلس بوچھس گنڈ مُژرتھ مُشخص کرنہٕ یوان۔ بیٚیہِ تمہِ قومُک معاشرتی تہٕ رِبوایتی ووتھٕ بٕتھ تہٕ مزاج سرِ کھرِ کرنہٕ پتے سپدان یمہِ قومُک سیأسی تہٕ سمأجی نظام فِکری اعتبارٕ کِنہٕ ڈنجہِ آسہِ۔ سُے قوم چھُ زندگی ہٕنڈِس پرٕتھ کُنہِ شعبس اندر تھزر تہٕ بجر پرٕاوِتھ پاپرجا بنان۔ ادٕ چھُ تمی معاشرتی نظامہٕ أندرٕ تأمیری سوٗنچ تہٕ حساس صحافتی تہٕ ادبی قلم کاڈ کڈان پننِس قومس تہٕ سماجس کامیابی ہٕنزٕ وتہٕ گأشراوان۔

| | |
| --- | --- |
| عقل تدبیر منسوٗم تہٕ روٗس | بہ وقتن ویٚہہ تہِ پنُنی مالہِ کھیوٗس |
| ژہم پھٹکر میٚے نابد برأثرٕ کرتام | دُہلی خابوبہٕ ازتام لاسہٕ نوٗس |

نفسیأتی ماہرن ہُنٛد وَنُن چھُ زِ فطری رنگہٕ چھُ کأنسہِ تہِ شخصس کانہہ تہِ وصف یا مادٕ أڈرنہِ اندری رٕلِتھ میلتھ باگہِ یوان۔ یُس پتہٕ تمی رنگہٕ عأملن تہٕ کأملن ستی ووتھٕ بٕتھ تہٕ باہمی خیالاتن ہنٛدِ ورتاوٕ ستی پھولان تہٕ پھاپھلان چھُ۔ یِیلہِ وونی کأنسہِ شخصس صحافتی سوٗنچ ضمیرس تہٕ خمیرس اندر زاین چھُ لبان تٔسی چھُ ادٕ صحافتی سفرُک وتہٕ گتہِ ہِنٛگ شوق تہٕ شعوٗراتھ وتہٕ کُن لاگان تہٕ تہنٛد

دِل تہٕ دماغ قرار رٔٹتھ رٔٹس سوچس تہٕ فکرِ زنم دِوان، اتھ مقامس پٹھ وأتتھ چھُ أمِس صحافتکس طلبدارس یہِ فأصلہ کرُن زِ میانہِ قلمُک مجبوب کُس چھُ تہٕ أمنِدِ صحافتی سفرُک منزل کیا گوٚژھ آسُن

وَنکھ ینہٕ تا پھ شیٚہلِس دوہ ژٕ راتس ہُنر مندس ژٕنے لکھٕ نے چور کھاتس
گوٚھی ینہٕ بروٚنتھ سونتُک ہرٕ دکالس خدا مُشرتھ نمکھ لاتس ، مناتس

صحافتی مأدانکین مأہرن ہُند خیال چھُ یہِ زِ صحافتہٕ کس أنیکھ سٔدرس تھاہ لاین وأٔلس چھُ گوڈٕ پننٕ انزأنی شخصیت نٔنی کڈنُک خیال گنان تہٕ پننہِ شوہرتُک شوق دِلس تہٕ دماغس وو پھ وار کرناوان تہٕ اِد شب وروز قبوٗل کٔری مُتِس صحافتی پیشس دِل تہٕ جان آیتن تھاوناوان تہٕ پنہٕ نِس مخلص سوٚنچس تہٕ قلمس سمأجی اعتبارٕ حأصل کٔرتھ مأٔلی تہٕ مأدی رنگہٕ تہٕ پاپر جأیی تہٕ خوش خیأٔلی عطا کران

دپنہٕ درمس ٹھیکہٕ گوٚو علمس تہٕ ادبس ایک دو
چأرِ ، اَپرد، پرأتی زِبو رأدِ زأنی وقتن اینڈ کو
اہلِ قلمن أچھ درس میڈلن وظیفن کٔن فقط
سٕے اَدب یِی بارسس تتھ مال دِی تن ماسکو

یِمنے اوصافن تہٕ منظّم اِرادن ہُند صحأفی چھُ اِد سٔنی نظر، تأ میری سوٚنچہِ نوزُک نوقطن تہٕ سنگین مسلن تہٕ مالاتن سٔرِتھ تہٕ سٔنتھ، قلمس زِبو دِتھ ہبکان۔ تہٕ پننہٕ نس سماجس زندگی ہِندِ پرٔتھ رنگہٕ تہٕ پرٔتھ انٕدٕ جان تہٕ ناکارٕ زأنی راوان۔ یہِ ذمہٕ دأری نکھٕ وانٕنی پننی صحافتی پیشوان کأم نِأنتھ چھُ تتھ صحافی تہٕ ذہنس

بیدأری بخشتھ ہیکان۔ یتھ کنۍ اکھ جنیون تہٕ مخلص قلم کارشاعرتہٕ أدیب پنہٕ نٮ۪ن فن پارن اندر باوتھ کرتھ پٔنٕن زانُن پنہٕ نٮ۪ن ہم وطنن تہِ زأنۍ راوان چھُ۔

غزل پرٕ ہاتہٕ دی کُس داد ساقی　　فطارتھ چھےٚ انان بس ساد ساقی

سٹے آرڈر چھُ آمُت گاٹہٕ جارس　　لوٗگُم کتھ ووٗنۍ بناووس کھاد ساقی

تمی انمانہٕ چھُ صحافتی قلمُک اعتبار رچھن وول صحافی تہِ پٔنُن سوٗنچ تہٕ فِکر شوٗژ تہٕ صاف تھوِتھ تمیُک اعتبار اوبیر گو بیر سمجتھ پنہٕ نٮ۪ن مخاطبن تہِ سمجاوٕنکۍ صحافتی سانچہ مشخص کران، پتہٕ تم سنجیدٕأسن، ہلکہٕ پھُلکہٕ آسن یا تہٕ طنز و مزحکین پیمانن اندر رٹتھ قأری لیس بروٗنہہ کُن واتہٕ ناوِ۔ سُے چھُ اِد کتھ پنہٕ سوچہِ فِکر تہٕ واتہٕ نیارٕچ قلماوِتھ سجویشن شکلاوان۔

سو کتھ بے چارٕ کر بوٗزنۍ تجی زانٛہہ　　خیالن ہٮ۪ژ یہِ گانگل ماژٕ جی زانٛہہ

ژھونتھ دوہ راوٕ رِتھ سبکہِ شاٹھ سگوِتھ　　ونم کمہِ وارِ کوسہٕ اکھ تھر پھوجی زانٛہہ

صحافتی ذمہ دار پیشہ پزاون وول شخص گژھِ پوٚرمُت لیوٚکھمُت، وسیع دِل تر دِماغ آسنس ستی ستی پنہِ پتھ کالہٕ تہٕ عالمی تأریخ تہٕ تہذیبُک ماٗہر تہٕ آسُن، بیٚیہِ پنہِ ادبہ، ثقافتہٕ تہٕ ربوایاتو نِش باخبر تہٕ زأنۍ یاب آسُن۔ بالغ نظر، سنجیدٕ مزاج تہٕ رٮ۪تٮ۪ن آداب واطوارن ہُند موتبر صحافی چھُ پننس قومس تہٕ رلہٕ ملہٕ سماجس اندر پٔنن بیوٚن تہٕ بدوٗن مرتبہٕ عامس خاصس زأنۍ رأ وِتھ مأنۍ راوان۔ یتھسےٕ صحافیس چھُ اِد بے لوث، بے خوف سپدتھ پوٚز وننگ جوٚرتھ حأصل سپداں تہٕ تہِ کیٚنہہ چھُ سماجکین پیٹھمہ طبقہ کین بد

ضمیر زٕجی ہینہٕ والین نا اہل چودرہن تام پننہٕ بے داغ تہٕ بے لاگ قلمہٕ ستی نستر دِتھ تہنٛدی نقلی بُتھی نہہ ناوان تہٕ تمن ستی وِزِ وِزِ مُد یانس لگان۔ مگر سماجہٕ کین کمزور ورگن ستی وُدنی روٗزتھ تہنٛد ژُکھی درتہٕ پاسدار بنان، بیٚیہ سیٚد ہن تہٕ سادن لوٗکن تہنٛدی حق وحقوٗق زاٗنی راوتھ تہنٛد ہمدرد تہٕ رفیق بنان۔

اگر نے از تہٕ پیٚکھ پالیس بنی کیٛا رفیقا ماژے چھےٚ دالیس بنی کیٛا
کوٚرُتھ ژٕ دون ژے پننس سبزٕ زارس گُلا ما کانٛہہ روٗچھتھ سالیس بنی کیٛا

یِمنہٕ آدرش تہٕ اصوٗلن ہُنٛد پابند پاٚروکار، مُخلص تہٕ مُنظم، مُفکر چھُ اِد تمہٕ اعلیٰ تہٕ عظیم صحافتی موتبر پیشک اعتبار تہٕ رچھان۔ بیٚیہ اِد کُنہٕ تہٕ لوکٹس بڈس سیاٗسی، سماٗجی تہٕ ماٗدی مالس تہٕ مسلس پیٹھ قلم تُلنہٕ بروٚنہہ پانہٕ پننہٕ نس ضمیرکس عدالتس بروٚنٹھ کنہٕ استادٕ سپدِتھ پنُن فرض نکھٕ والان۔ بحثیتِ مخلص صحافی ناماوٲری پراوان۔

گولابس کمٕی نیم خوشبوے پرٛژھو کس
یہٕ ما گر سونتہٕ ہردن ژوٕی پرٛژھو کس
وٕڑر وو دانہٕ کھاہ وٲران ترٛ ووٗم
یٔر باغس وٕوِتھ کھٔو سوے پرٛژھو کس





## مصنف سٔنز زیرِ ترتیب باقے کتابہٕ

- ☆......وٹسی وَچھ (نظم) سنجید نظمہٕ، غزلہٕ، ٹکھ تہٕ ژاکھ بیترِ
- ☆......شاہ پأز (نثر) اسرأری بزرگن تہٕ شأعرن ہٕنزِ زندگی ہٕنٛدِ کلاچ موخصر زان تہٕ ووکھنہٕ
- ☆......ووستہٕ کار (نثر) کأشرِ ن اتھٕ کامن ہُنٛد آگُر تہٕ عروج (تحقیقی)
- ☆......آوازِ وأژی نو

(حمد، نعت، منقبت تہٕ حسنیاتس پیٹھ منظوم کلاچ سۆمبرن)

- ☆......چھونچہِ پۆت (شُرِ ن ہٕنٛدِ باپتھ منظوم تہٕ نثری سۆمبرن)

## شایع سپدیمژ کتابہٕ:

- ☆......خبر تو گمہٕ وُنن (نثر)
- ☆......تارن گری (شأعری)
- ☆......کتھ چھَئی (نثر)